# ولی اللہ متو

مرتبہ

**محمد یوسف ٹینگ**

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹس، کلچر اینڈ لینگویجز۔ سرینگر

# ترتیب



•

## ۱۔ زِندگی

تحصیلِ بڈگامِس منز چھُ بیروٗہ چہِ مشہور سریہِ نزدیکھی اکھ
لوکُٹ گام ۔ اتھ چھُ ناو دٲہن گام۔ ولی اللہ موٚت زاو تہٕ پرٛیتھیاو اُتھی
گامس منز۔ تٔمسُند تعلق اوس اتہِ کِس آخون پیرزادٕہ خاندانس سیتۍ۔
چنانچہ امہِ خاندانکۍ وارِث چھِ وُنہِ اتھ گامس منز آباد۔[1]

ولی اللہ اوس پانٕہ پوٚرمُت لیوٗکھمُت تہٕ سُہ اوس طبیعت کِنۍ رُوحانیتس
سیتۍ لے دِتھ تھاوان۔ سُہ اوس دٲہن گامہ پننہِ خاندانی روایژ موجوب
ژاٹھ ہال چلاوان تہٕ تتہِ سبق پرٕناوان۔ ولی اللہ اوس میرواعظِ کشمیر
سُند یژھ تہٕ پژھ تھاوان وول معتقد۔ آزاد چھُ اکھ واقعہ بیان

---

[1] آزاد چھُ لیکھان زِ ولی اللہس اٲسۍ بیٚیہِ ترٛیہ بٲیۍ، خلیل شاہ، جمیل شاہ
غفور شاہ۔ ولی اللہ موٗد پانٕہ لاولد۔ مگر یمہِ وِزِ آزاد اوٚت گوٚو، تمہِ وِزِ اٲسۍ
اتہِ غفور شاہنۍ اولاد زِندہ۔ ولی اللہن چھُ "ہی مالِہ" منز اکِس زِٹھِس بٲیۍ
سِندِ مرنُک ذِکر کوٚرمُت تہٕ تٔمسُند مرثیہ لیوٗکھمُت یُس یتھ انتخابس منز درج
چھُ۔ مگر سُہ چھُنہٕ اٲمِس بٲیۍ سُند ناو لیکھان۔ بلکہ چھُ سُہ تس کاشُرین گھرن
ہندِ رواجہِ موجوب "کاکہ صاحب" لیکھان۔ (کشمیری زبان اور شاعری جلد دوم)

کران زِ اکہِ دوہہ یلہِ ولی اللہ اُکِس وعظِ مجلسہ منز بہتھ اوس، تمہٕ
بُوز میر واعظ صابنِہ زیوِ نعتِ شریفُک یہِ شعر ع

کے بُود یارب کہ رو در یثرب و بطحا کنم
گہ بمکہ منزل و گہ در مدینہ جا کنم

یہِ بُوزِتھی ژُھجِ تس اُشہٕ دَد راے نیرتھ تہٕ سُہ گَو اَتھ مجلسہِ
منز بے اختیار پاٹھی ایستادہ تہٕ میر واعظس کُن ہیوتُن وَنُن۔ " توہی
رچھوہ ونان "کرداتہٕ۔ بہٕ دراس یمی دَمہٕ۔" دپان اُتھی سرمستی ہندِس
عالمس منز دوت سُہ چیوہ ڈُور پنٕنِس مرشد پیر علی شاہس نِشہ۔
پیر صاب اوس امہِ دُریہِ حجس سفر یومُت تہٕ ولی اللہ تہٕ دراو بے سرو
سامانی ہندِس حالتس منز پنٕنِس پیرس سیتی۔ یلہِ ولی اللہ عربکِس
زمینس پیٹھ ووت، تتہِ اوس تس پیٹھ وِزہ وِزہ وجد طاری
سپدان۔ دپان مکہ معظمہ پیٹھ مدینہ پاک گژھان گژھان اوس
شمعِ نبوتُکؐ یہِ پونپُر وتہِ وتہِ ڈلہِ گنٕژ دِوان تہٕ ودان۔ آخر سپُد
اُمِس پنٕنِس عاشقہ سِندہ دِلُک مُراد پُورہ تہٕ سُہ گَو نبیؐ ہندِس
شہرس منزی یمہِ عالمہٕ۔ تہٕ پیر علی شاہن کوٚرتس کفن دفن۔
ولی اللہ کرزاوٕ تتھ متعلق چھُنہٕ کُنہِ سُیکہِ کتھہ ہُندپہٕ لگان۔
بلکہ چھُنہ پُورہ پاٹھی یہِ پتاہ تہٕ زِ سُہ کتھ سنس منز گَو حجس تہٕ
کر گَو یمہِ عالمہ۔ اما پوز یہِ کتھ چھ پُورہ پاٹھی ننان زِ سُہ اوس
حبہ نوتوٗنہِ پتہٕ کوشر ادب نوٚوہ سرہ زندہ کرن والین نامور شاعر
محمود گامی ہندِس زمانس منز بلکہ چھُ تس محمود گامیس سیتی باقاعدٕ
یُن گژھُن تہٕ ملاقات اوسمُت۔ پننِہ مثنوی "ہی مالِہ" منز چھُ

سہ محمود گامی سُند ذِکر کران لیکھان ع

خصوصاً کأشرِن منز مردِ نامی — چھُ کیاہ کم ایں زمان محمود گامی

میہ کورُنم تمی سیٹھاہ بادہ دِلشاد — سہ اوسُوی کأشرِن منز مردِ اُستاد

میہ واراہ شب تمِس نِش لگِ مژی چھم — بیاضاہ از کرم مُنجِس دِژم تمی

دہن بوزُنم لبشبہا انگبینہ — کنُوی زونم چھُ تس ثانی لبے نہ

محمود گامی سِندِ وفاتُک سنہ چھُ لگ بھگ سارِوی تذکرہ نویسو ۱۸۵۵ عیسوی مقرر کورمُت۔ ولی اللہ سِندِ مرنُک سنہ تہٕ چھُ اَکھ ستی پأٹھی ۱۸۵۸ء لیکھنہ یِوان۔[1]

ولی اللہ متوٗ کتھ کرن وِزِ چھُ ظریف خان ظریفؔ تہٕ عزیزؔ خانُن کتھ ووتھنی لازمی۔ ولی اللہ سُنز مشہور مثنوی "ہی مال ناگی رائے" (یُس کِنی تِمن سُند ناو کأشرِس ادبس منز ہیٚنہ یِوان چھُ) اند واتناونس منز

---

[1] آزادن چھُنہ ولی اللہ سِندِس حالس منز تِہندِ مرنکہ تاریخُک ذکر کورمُت۔ اما پوز محمود گامی سِندِس تذکرس منز چھُ سُہ لیکھان زِ ولی اللہ سُند سنہِ وفات چھُ ۱۸۵۸ء۔ مگر ولی اللہ سِندِ جِس گرٛہنہ تہٕ تتہٕ امانت دِنہٕ کِس واقعس ستی چھُ آزاد لیکھان زِ یہٕ چھُنہ خبر زِ یہٕ واقعہ کتھ وٕریس منز سپُد۔ امہِ کِنی چھُ باسان زِ تس چھُنہ اتھ سِلسلس منز کانہہ کتھ پوٗرہ پأٹھی پتاہ آسمُژ تہٕ تمی چھُ قیاسایہ سنہ لیوکھمُت۔ محی الدین حاجنین چھُ "کأشر شاعری" منز ولی اللہ سِندِ کلامچ ژاٹھ دِنہٕ وِزِ تِہندِس ناوس تل سنہ وفات ۶۰-۱۸۵۸ء درج کورمُت یُس پأٹھی پانے باوان چھُ زِ یہٕ چھُنہ یقینی تمی چھُ اتھ جایہ ولی اللہ سُنز روٗنچ جاے نوشہرہ درج کرمُژ۔ مگر آزاد چھُنہ اَمچ کانہہ کتھاہ کران۔

چھُ یمو دۄیو صاحبو تس اتھہ دۄٹ کوٗرمُت تہٕ تِہنٛد حصہ چھُ اتھ مثنوی منز موجوٗد۔ تۄے کِنۍ چھُ تمیٚ تہٕ اتھ مثنوی منز جایہٕ جایہٕ یمن دۄن یارن ہُند ذِکر کوٗرمُت تہٕ مُناسب چھُ باسان زِہ ییتھ جایہٕ تہٕ ییہ تِمن ہُند اکھ موٗخصر تذکرہ کرُن۔

عزیز اللہ خان چھُ ولی اللہ سُند مُرشد تہٕ تسنٛدِس مأٹی سُند یار اوسمُت۔ چنانچہ مثنوی "ہی مالِہ" منز چھُ سُہ اُمۍ سُند ذِکر کران وَنان ع

عزیز اللہ خاناہ مردِ داناہ چھُ بیاکھاہ کاشرِین منز مردِ داناہ
نکومید اوٚسمُت کیاہ گومُت چھُم نکاتن تِہنٛدٍ کن دورمُت چھُم
یہ چھُم الحمد اللہ بابنوی یار میٚہ چھُم ہاوی بوٚ تمُسُند چھُس مددگار

دۄیمہٕ شایہ چھُ عزیز اللہ خانہٕ سنٛدِس شاعرانہ کمالس کُن اشارہ دِتھ وَنان ع

عزیز اللہ خان چھُ عشقہ کستوٗر عزیزن سوز بوزانی گرٛھان سوٗر

مثنوی "ہی مال ناگ رائے" منز چھ عزیز خانن زٕ غزل درج — اکِھِک مطلع چھُ ع

ناگہ رائیس سونہ کنہ وأٹی بروٹھے نیرہا ہیمہ مأٹی

امہِ مطلع نِشہ چھُ پانے فِکرِہ تران زِ یہ غزل چھُ خاص کٔرِتھ امی مثنوی خاطرہ لیکھنہ آمُت۔ دۄیمہٕ غزلُک گوڈنیک مصرع چھُ ع

معشوق مأرِتھ ژۄلہم بالے

تہٕ اتھ تہِ چھُ کتھِ ہندِس تِکہ تراوس سیٚتی واٹھ۔

ظریف خانُن حصہ چھُ مثنوی "ہی مال ناگ رائے" منز عزیز خانہٕ سنٛز کھوتہٕ سیٹھاہ جادہ۔ یمیُک اندازہ یمہٕ کتھِ سیٚتی لگِتھ ہیٚکہٕ زِ امہِ کِس

گوڈس منز ژٕ وشوٗرے نعت چھےٚ اُمی لیکھمٕژ۔ تٕہ امہِ علاوہ چھےٚ اُمی مثنوی ہندی کُنہِ وُہ (۱۹) غزل تہِ قلم بند کرِیٕمٕژ۔ یِمہٕ کُنہِ زٕن یہِ صاف چھُ گژھان زِ یہِ مثنوی چھےٚ کاشرِس منز اکھ تہٕ زیادہ شاعرن ہندہٕ اشتراکُک گوڈنیُک نمونہٕ۔

ظریف خان اوس ولی اللہ ہُند جگری دوست تہٕ اکہِ روایتہٕ موجوب تُسند مُرشد۔ ظریف خان اوس پانہٕ پرینٔژ ہیُک۔ عموماً اوس کنیرہ پیتھ درملی تحصیل کِس گوژٕ پورٕ گامس منز اکِس مُشدہٕ منز بہان[2]۔ دپان پرینٔژ سٕد واپس گژھان گوٚو سُہ اکہٕ وٹھ بالس پیٹھ یِمہٕ عالمہٕ۔ مگر یہِ چھُنہٕ نَنان زِ سُہ کتہِ چھُ دفن[3]۔ یم بائتھ ظریفن مثنوی خاطرہٕ لیکھمٕژ چھےٚ، تِم چھےٚ امیُک اکھ حصہ باسان تہٕ فکرٕ چھُ تران زِ یم چھےٚ امہِ خاطرہٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔ ولی اللہ چھُ تُسندی بائتھ درج کرنہٕ بروٚنہہ نوٚم شعر پرِ

---

[1] یہ چھُ دلچسپ اتفاق زِ ۱۹۵۵ منز لیکھ "ہی مال ناگی رائے" اوپرا سٹیجہِ خاطرہ لیکھنہٕ آو تہٕ وِزِ تہٕ کور یہِ لیکھنہِ خاطرہ دُیوٚ شاعرو اتھہٕ واس۔ تفصیل ییہِ بروٚنٹھہٕ۔

[2] آزادنہِ بیانہٕ مطابق مسجدکِس مشرقی کُنجس منز یوسہ اعتکافچ جاے چھےٚ، سۄ چھےٚ وُنہٕ ظریف خانٕنی یاد تازہ کران۔

[3] محی الدین حاجنیں چھُ "کاشرِ شاعری" منز ظریف خانُن اکھ بائتھ ع

"سیر میلہٕ سیرس اندرو — گندرو صورت بندری چھےٚ دِیمُت۔ تِمی چھےٚ تُسنز جائے رہائش صفاپور لیچھمٕژ تہٕ سنہ وفات ۱۸۵۶ء۔ مگر یہِ چھُنہٕ وٚنمُت زِ یہِ چھا سُہ ظریف یُمی "ہی مالہٕ" ہندی بائتھ لیکھمٕژ چھےٚ۔ تہٕ نہ چھُ یہِ بائتھ مثنوی منز۔ مگر اُمی سُند سنہ وفات چھُ ولی اللہ ہس تیوٚت نزدیک زِ باسان چھُ حاجنی صابُن روٗے سخن چھُ اُمی سی ظریفس کُن۔

پھرِ لیکھان۔ تہٕ اتھ چھہٕ "ونہٕ وُن" ناوکران ع

ونہٕ وُن عاشقن ڈالی لڈُن چھُم کُجا مردی بہ دردے دِل ووُن چھُم

بجز اہلِ دِلان کسینے نہٕ نونُوی ونُن میانُوی ظریفن وَنہٕ وونُوی

## ۲۔ تصنیفات

ولی اللہ ہنزٕ ہٕنزٕ تریٚن تصنیفاتن ہُند پے چھُ لگان :۔

(۱) مثنوی "ہی مال ناگ راے"۔ یہِ مثنوی چھہٕ تمیٚ یسٕندِ شہرتُک سار و (؟) کھو تہٕ بوٚڈ سبب تہٕ امی کنہٕ روزِ تسُند ناو کاشرس ادبس منز زندہ۔ امیہ مثنوی ہُند تفصیلی ذکر یِیہِ برونہہ کُن۔

(۲) ترجمہٕ "چہل اسرار"۔ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی رضؓ ہٕنزِ کتابہِ "چہل اسرارُک" یہِ ترجمہ چھُ چھاپ سپُدمُت تہٕ ڈُنکیٚن لیُس ترجمہ بازرس منز بیٚتھان چھُ، تتھ منز چھُ ۴۲ ہن غزلن ہُند ترجمہ موجُود۔ ترجمہ چھُ نہایت کامیاب تہٕ میوٗٹھ۔ شعرس منز شعرُک ترجمہ چھُ پوٗرہ کمالہ سان کرنہٕ آمُت تہٕ امہِ سیٚتی چھُ یہِ باسان زِ ولی اللہ یتہٕ کاشرِ زبین پیٚٹھ پوٗرہ عبوٗر اوس تھاوان، تتہٕ چھُ سُہ فارسیک بوٚڈ عالم تہِ اوسمُت۔ امہِ علادہ چھُ یہِ کتھ تہٕ ننان زِ سُہ کوتاہ زاہد تہٕ عبادت گزار آسنس سیٚتی سیٚتی سلوٗکہٕ چہ دتہٕ ہُند واقف کار اوسمُت چھُ۔

(۳) ترجمہٕ "ضروریاتِ دین":۔ یہِ ترجمہ چھُنہٕ چھاپ سپُدمُت۔ ولیکن آزادن چھُ امیُک قلمی مسُودہ دہٕن گامہ غفور شاہ نیٚن اولادن نِشہٕ وُچھمُت۔

اتھ منز چھُ نمازہ متعلق فرض تہٕ سُنتن تہٕ باقی پڑھنی کتھن ہُند شعرن منز ذِکر کرنہٕ آمُت۔ چنانچہ ولی اللہ چھُ امہِ ترجمہ کِس سببِ تصنیفس متعلق لیکھان ع

پیرزادن سیّدن اُکی دوپ گوژھم آسان بنُن
شوی سُخن گومے سُنتھ، کوڈُ تمو زِ ہیوتمس ونُن

چنانچہ اتھ چھُنہٕ کانہہ شک زِ شعرس منز پڑھ کتھ یاد تھاونہٕ چھ نثرس منز بوزتھ ژیتس تھاونہٕ کھوتہٕ آسان۔ کتابہِ ہنزِ رنگُ اندازہ کرنہٕ خاطرہ چھِ یہِ شعر وُچھن کافی ع

دَپ زنانن کھور ہِلہ ون، دُور تھاوِن مردہٕ نی
دین باوُن کیاہ چھُ شوبان دینہٕ کین بادردہٕ نی

پزر چھُ یی زِ امہِ کتابہِ ہنز حیثیت چھ ادبی آسنہٕ کھوتہٕ زیادہ مذہبی۔[1]

## ۳۔ "ہی مال ناگی راے"

یتھ کُنہ زن ذِکر کرنہٕ آو، ولی اللہ ہُن ناو روزِہ کانٔسرس ادبس منز مثنوی "ہی مال ناگی راے" ہندِ برکتہٕ زندہ۔ تِہنزہ باقی کتابہ یمن ہنز حیثیت معمولی چھ، روزن تِہنزی کُنہ زندہ۔ تِہُند ناو چھُنہٕ امہِ

---

[1] آزاد چھُ لیکھان "ضروریاتِ دین" قلمی نُسخہ یُس ولی اللہ ہن پننہٕ اتھہٕ لیوکھمُت چھُ، چھُ میہ پانہٕ وہن گامہ وُچھمُت۔ یہِ چھ سیٹھاہ خوش خط لیکھنہٕ آمُت۔" ("کشمیری زبان اور شاعری" صفحہ نمبر ۲۷۱)

مثنوی ہندِ ادبی مرتبہ کینہ یُوتاہ اہم بنیومُت، یُوتاہ امِہ کتھہ ہنزِ خاص حیثیتہ کینہ۔ اتھ متعلق ہیکو نہٕ منقبول کرالہ واوینہ "گلریز" ہندی یا ٹھو ونِتھ زِہ تمۍ ہنزِ فن کاری تہٕ اُستادی کینہ چھہ یہِ داستان زِندہ گامژ۔ "گلریز" چھہ فارسیس منز تہِ لیکھنہٕ آمژ۔ مگر تتہٕ چھہ خالی کانٛسہ رِیچ کنہٕ وان سپنزمژ۔ اما کأشرِس منز چھہ مقبولیہٕ قلمن اتھ رنگہ وارہ ہِم گُل تہٕ گلزار پھلراوی ہیتۍ زِہ یوٚتانی کأشر زبان روزِہ، توٚتانی پوشہ اتھ "گلریزِہ" ہُند سونتھ تہٕ خوشبو۔ ولی اللہ ہنہٕ مثنوی ہندِس ادبی حیثیتس دِمو اُسی برٕ ونتھ یہن "تنقید" کِس حصس منز نظر۔ مگر یہِ کتھ ونہٕ نس چھنہٕ کینہہ تہٕ ٹھوٚر زِہ اتھ کتابہٕ چھُ ولی اللہ ہنہٕ قلمہٕ کھوتہ امیک باگہ بھرِتھ تہٕ اہم موضوعن گوبرٕ تہٕ وزان عطا کوٚرمُت۔ تہٕ یلہٕ یلہٕ امِہ کتابہٕ ہنز کتھ ووتھ، تمہٕ وِزِہ ییہٕ گوڈنیک توجہ امِہ کِس موضوعس کُن دِنہٕ۔ کأشرٕن مثنوین ہندِس دُنیاہس منز چھہ "ہی مال ناگِرای" ترژھ کتھ یُمیُک مالیُن ییسن کشیر چھہ تہٕ یوسہ یتھ کشیرِ[1] ہتنہٕ ییمژ چھہ۔ "لیلی مجنون" ۔ "زیبا نگار" ۔ "شیرین فرہاد" ۔ "وامق عذرا" ۔ "یوسف زُلیخا" تہٕ امِہ رنگچہٕ مثنوِیہٕ چھہ اسِہ فارسیہٕ بیٚنٛٹھ پہہ انمژہ۔ یہِ چھُ پوٚز زِہ یِمن پھیرُ پھیرِ دِنہٕ سپتی تہٕ یِمن ہندیٚن کِردارن خوابن تہٕ خیالن منز ہتہٕ بدیٚن وُرین بولہ متہٕ لاے کرنہٕ سپتی چھہ ووٚنی ییم تہٕ اسِہ پنہٕ نوی نم تہٕ ماز باسان۔ مگر انگریزی مثالہ موجب زِہ "دتھ چھہ آبہ

---

[1] "ہی مال" چھہ تِمو کینژو خال ناوے منزہ اکھ، ییم خالص کأشری چھہ۔ کأشرٕن بٹن منز چھُ ونہٕ کورین "ہی مال" ناو موجود۔ اتھ چھُنہٕ کانہہ شک زِہ یہِ ناو چھُ سیٹھاہ حسین

کھوتہٕ موٚٹ آسان۔ "یُس قدر تہٕ لذّت" ہی مال ناگ راے "ہندِس داستانس سانہٕ خاطرٕ چھُ، سُہ چھُ نوٚن تہٕ ظاہر۔ "نجدہ ون" یا "بے ستونگ" کوہ ہیٚکان چھِ اَسی فقط خیالن ہنزٕ اُچھو وُچھِتھ۔[1] دلیکن "بلہ پوٗر"۔ "سوپر سمن"۔ "زُنبہ آرہ" تہٕ "یاروٚن" چھِ سانہٕ کشیرِ منز دُنہٕ تمی ڈیٚنجہ، یمہٕ ڈیٚنجہ از بروٗنہہ ساسہ بدٕ وُری[2] ہی مالہٕ "ہندِ وقتہٕ اَسی۔ یمن شاین نکھہ دٲتھ چھُ "ہی مالہٕ" ہندِس خیالی پیکرس منز یزرک وُشنیر پھیران۔ ناگ راے سِندِس فرضی وجوٗدس منز یزِھ ہُند ودٕشہٕ لُن پیدٕ گژھان۔ زُنبہ آرہ کِس سوزِس منز تہِندیٚن دردہ ویٚداکھن ہُند "گیس گیس" کنن گژھان۔ ہی مالہٕ ہندِس ناگس پیٚٹھ دٲتھ ناگ رایہٕ سِندہ لولُک تنزٕر تہٕ مزٕر بے قرار کران۔ تہٕ ناگ رایہٕ سِندِس ناگس پیٚٹھ دٲتھ سدا آرامہٕ ہنزٕ سہٕ لُبتہٕ یاد پیوان۔[3] یتھ منز گوڈنیتھ ناگ راین اول بنوو۔ تہٕ زُنبہ آرہ کِس حسین کھجرس

---

[1] یہ چھُ اکھ دِل چسپ یزِر زِہ نجدہ ونُک پوٗرہ نقشہ چھُنہ سانیٚن خیالن منز دُرینٹھی ہیٚکان یتھ۔ سانیٚن ونن منز چھ سر سبزگی تہٕ سبزار گرایہ ماران۔ نجدہٕ کِس ریگستانس منز چھُ سیکہٕ ہُند سھلاب لُسِتھ۔ اوٚدے کِنہِ یلہٕ ٹھوکانس منز ہیٚنہٕ ینگُ ذکر چھُ پوان، سانی نُنٛرِ تہٕ باقی اَن پڑھ بوزن والی چھ تریٚن تہٕ تروٲہن گژھان۔ تہٕ کیازِہ تہِندی کِنہٕ گژھنہٕ ونس منز سیکہٕ ہُندیتھ گیٚڈ کار آسُن۔

[2] بلہ پوٗر چھُ سرینگر شوٗپین سڑکہٕ پیٚٹھ سرینگرہ پیٚٹھہ یوٚہوی ۲۹ میل دوٗر تہٕ شوٗپینہ پور ترٕ یہ میل۔ ہی مال اَس امی بلہ پوٗرِچ۔ بلہ پوٗر چھُ شمالس کُن۔ منزٕ چھُ اوڈ میلاہ زُنبہ آرہ ژھٹہٕ ماران۔ تہٕ جنوبی بُٹھس پیٚٹھ

(بقیہ دُوٚیمِس صفحس پیٚٹھ)

منز چھُ تتہٕ وُنہٕ پرٛیِن ہندِ وَنہٕ وِنٛج صدا زمانہٕ کیٛن ٹھرٛیِن تھوٚد تِلِتھ
افسانن حقیقتُک جامہ وَلان۔

---

چھُ صوفنافن گام۔ بلہٕ پوٗر چھُ اکِس وُڈر بیٚنٛٹھ بِہِتھ تہٕ یہ وُڈر چھُ تتیٚن
زٕنیٚہ آرہ کِس منزِ وتھ دِوان یتیٚن مغربس کُن ہیٚ مالہٕ ہُند ناگ واقع
چھُ۔ اتھ ناگس چھُ ژوٚر بوتہٕ ژوٗن اندن۔ اتہٕ کیٚن روزن والیٚن ہُند
وَنُن چھُ زِ ریٚتہ کالِ چھِ اتیٚن واریاہ سرف گتھ کران آسان۔ اتھ منز
چھُ اکِ قسمُک کینُو کنز۔ بلہٕ پورہ کیٚن ہُند وَنُن چھُ زِ اکِ دوہ یلہِ
یہ کنز امِ منزہ کڈنہٕ آو، اُمی ناگن دِیُتھ رتھ۔ ممکن چھُ یہ آسہٕ فقط رِوایتھی
یوت، مگر اتہٕ کیٚن لُکن ہُند عقیدہ چھُ زِ اتِ چھُ وُنہٕ روتلِ گاشِس
دزان آسان تہٕ یہ وَنہٕ وُن کٔنن گژھان۔ لوکچن کوریٚن تہٕ نویٚن مہرنیٚن
رِچھنہٕ وُنہٕ اور گژھنہٕ دِوان یُتھ نہٕ تمن "پرٛیِن" ہُند گژھ۔ ہیٚ مالِ ہندِ
ناگہ اکہٕ فرسنگ سیٚوٗد وُوی جنوبس کُن گژھو، تمہ وِزِ چھُ زٕنیٚہ آرُک کھوٚل سیکِہ
شاٹھ بیٚتھ تراوان تہٕ زٕنیٚہ آرہ کولِ ترُن پیوان۔ تہٕ لگ بھگ اکھ میل اپارہ چھُ
سیٚدِ سیٚوٗد ناگ رایہ سُند ناگ۔ یُس اُزی چھُ سریگرِ شوپین سڑکِ دچھِن کِنہٕ
پانژھ اٹھی گز دوٗر چھُ۔ اتھ ناگس متعلق تہٕ چھِ مقامی روزن والیٚن منز
واریاہ رِوایژہ۔ یارہ ونُک جنگل چھُ بلہٕ پورِ بیٚنٛٹھ ژور پانژھ میل اکِس کوہِ تیٚنارس
بیٚنٛٹھ انتہائی خوبصورت تہٕ بارٕ ہُند باسان۔ ہیٚ مالِ ہنزِ کتھ کِنہٕ اُسٕ اتھ جنگلس منز
ناگراین تلہٕ پاتالہٕ اُنِتھ اکِس رِوہٕ منزِ لِس منز کُلی گنزرس منز علاج بانیتھ تھاوِمژ
یتہٕ تمِس بیتہ جوان سوداگر سمکھیو، یُس یمن عاشقن ہندِ تباہی ہُند بہانہ بنیاو۔
یارون چھُ دیودارہ کُلیٚن ہُند جنگل تہٕ وُنکیٚن چھِ اتہٕ کٹائی بند۔ دیان اتہٕ چھِ پرانہٕ
زمانکی دیودار کُلی وُنہٕ موجود۔ یمن منز وٲنس ہیتہ بڈی وُڈی اُسِتھ ہیٚکِہ۔ اکِس
کُلِس چھُ وُنہٕ ہیٚ مالِ ہُند منزُل ناو۔ یمیُک ذکر مہجورن اکِس شعرس منز کرمُت چھُ۔

امہِ کتھِ ہنز اہمیت تہٕ بجر چھُنہٕ یُتوی یوت زِ یہِ چھ اسہِ پننِ کتھ تہٕ امیک فضا، ماحول تہٕ کردار چھ اسہِ وٕنیدی تہٕ ژٲنی بلکہ چھ اتھ کتھِ سیتۍ سارِ پوت کالہٕ کہِ تارٟیخکۍ وارِیاہ راز وابستہ تہٕ وارِیاہ اسرار چھ امہِ داستان کِس بٔتھرِس منز وُنہِ تہٕ ژھایہِ گیتۍ کران بوزنہٕ یِوان۔ حقیقتس تہٕ افسانس منز باگ چھ رِوایتن تہٕ پرٕیہِ کتھن ہندۍ وارِیاہ گنڈ ہیمتۍ۔ مگر ہر گاہ دِلہٕ کیوٚ اتھو سارہِ نہٕ ہیہ، وُنہِ تہٕ چھ امہِ افسانچ لوٚنٛٹ حقیقت کِس دامنس سیتۍ واتھ کھیوٚان یوزنہٕ یِوان۔ "ہی مالِہ" ہنزہ تنہٕ گوو وارِیاہ وارِیاہ کال ییٚژھہِ سیتۍ ییٚش گامتس، مگر رِوایتن ہنزہ دُنلہِ منز چھ وُنہِ سارِ پوت کالہٕ کہِ تارٟیخکۍ کینٛہہ انھار لسنہِ ترس موٚخس پرٕزہ ناونہٕ یِوان۔



۱ یہِ کتھ چھ وُنہٕ نس لایق زِ آزادی پتہٕ کین وُرین منز، یلہِ زن ریاستس منز تمدُنی نشاۃ الثانیہ سپُد، لگۍ اتھ کتھِ تیژاہ اہمیت، ییژاہ نہٕ بیہ کُنہ کتھِ لگۍ۔ امہِ کھو تہٕ چھ کینٛہہ مثنوی ادبی لحاظہٕ جادہ جان، مگر کاٹیرس تمدُنی کارکُن ہندۍ قدم دِٕکھو بے اختیار پاٹھو اُکھ کتھِ کُن ۱۹۵۵ ؁ منز دِژ اتھ دینا ناتھ نادم تہٕ نور محمد روشن اکہٕ اوپیرا ہنز شکل۔ یُس پوٗرہ ساز و سامانہٕ سان وارِیاہہ لٹہٕ سٹیج کرنہٕ آو تہٕ سیٹھاہ مقبول سپُد۔ تہٕ ریڈیو خاطرہ تہٕ لیوٗکھ یہِ وارِیاہو ادیبو تہٕ یہِ چھ وِزہ وِزہ اتہٕ پیٹھ نشر سپدان۔ ریاستکۍ مشہور مصوّرِ سنتوشن تہٕ چھ یہِ کتھ پننہِ بُرشہٕ کہِ جادہِ سیتۍ رنگن منز زِندہ کرٕمژ۔ تمۍ سنز اہم تصویر چھ سرینگرہِ کِس ٹورسٹ ریسیپشن سنٹرکِس صدر دروازس اندرہ کنہٕ تہٕ بیٹھہِ کُنۍ چھ گوڈنچ پینٹنگ یُس کُنہ مقامی کتھِ پیٹھ مبنی چھ۔ یہِ کتھ زِ "ہی مال ناگی رائے" چھ سانۍ ساروی کھوتہٕ پرٲنۍ کتھ؛ چھ اکھ جادہ حسین اتفاق، بناوان۔

ناگرادیس گوڈ واریاہ کال ہی مالہٕ ہُند دود وانجہ منز ہیٚتھ سُور سُپدہٕ ہتس۔ مگر تمُ ہُند کِردار چھُ اکھ سۄ تاریخی علامت، یُس سانہٕ اصل آگرُک واریاہ حال باوان چھُ تہٕ تاریخہ چِھ مُردہ کتابن منز وُنہٕ تہٕ زندگی ہنز تھترا‌ے پادہ کران چھُ۔ ہرگاہ صبرہ سان تحقیق کیٚن دفترن پھیرُ دِنہٕ ییہ، تیٚلہٕ چھُ باسان زِ یہ کتھ چھنہٕ کتھ گریٚن ہندِ دِماغک کارنامہٕ یوت بلکہ چھ اتھ منز تاریخی صداقتُک رُوح تہٕ مُوجود۔ تہٕ یہ چھ اکہِ مُتراومتہ زمانہٕ کیٚن نقوُشن تہٕ تصویرن اُچھن برونہہ کنہٕ دوٚ تلاوان۔ اتھ داستانس پرزس جوہرس گژھ داد دِنہٕ یُن۔ زِ داستان وَنن والیٚن ہنزہ رنگ آمیزی ہُند سایہ بدیٚن وُرین رِشکار گژھنہٕ باوجود چھُ اتھ منز تمہٕ زِتنہٕ وُنہٕ زوتان، یم سائنس ماضی کس پوٚت منظرس سیتی نہ صرف ہم آہنگ سپدان چھ بلکہ چھ تاریخہ کیٚن واریاہن کھریٚن گنڈ مُژہ راوان۔ یتھ موقعس پیٚٹھ چھُ مُناسب باسان زِ امہٕ کتھہ ہُند لُب لُباب گژھ ژھوٹیٚن لفظن منز پیش کرنہٕ یُن۔

## ۴۔ کتھہِ ہُند خلاصہ

بلہ پورہ اوس راجہ ولہ ویر سُند راج۔ اتہ اوس اکھ شخصاہ[۱]۔ اُمس اُمس اکِس بدخوی کولیہ سیتی گیڈ گامُت۔ یوسہ اُمس برٛیٚتھ وِزہ دوٚنہٕ مژر تُلان اُس۔ اکِ دوہ ییہ ڈراو سدارام اوٹ اننہٕ تہٕ آئی ڈبتہٕ تجن

---

۱ لُوکہ رِوایتہ مطابق اوس اُمس شخصس سدارام ناو تہٕ اُمنزہ آشنہٕ چھورہ بٹنی اما پوز ولی اللہ چھ مثنوی منز اُمس شخصس ''فقیر'' وَنتھ یاد کران۔

سٕہتھ۔ یہِ ووت تمہ جایہِ یُتیٖن انہٕ ناگی رایہِ سُند ناگ چھُ۔ ریٚتہٕ کوٚل
ادس، یہِ بیوٚٹھ ناگہٕ شیٚہجارس تمہِ دِنہٕ تہٕ ڈاف ترووُن۔ بستہٕ تھاوُن
اوبیزان۔ ناگہٕ سبزارن تہٕ آرہ ہواون کوٚر وُلی وُلی پننُ اثر تہٕ اُمِس گیہٕ
اُچھ ہیٚتھ اُچھی۔ تیٚتِس کالس منز ڈراو اتہٕ نُندہ بون سرفاہ۔ سرفن مارِ
گنڈ ژُونبرہ تہٕ اُخرس ژاو بستہِ منز۔ فقیر ووٚتھ نیٚندرہ تہٕ ییٚتھوی نیرِ نچ
سکھ کرِنی ہیٚژن، بستہِ منز وُچھن سرف ژامُت۔ ژیوٚہا گو وغو طن
تہٕ پوٚتُس آس خیالاہ زِ چھُنا صلاح بہٕ نمن یہِ گھرہ۔ یہِ دِمن گھرہ
واجنہٕ اتھہ۔ یہِ بُچھ تس۔ تہٕ بہٕ گژھہ بچہ بلایہِ نِشہٕ آزاد۔ ڈوٚہ گردوان
دِوان ووت گھرہ۔ آشنہِ دِژن بستہ، مگر یہِ کتھ کرُنس نہٕ کنن زِ
اتھ منز کیاہ چھُ، یانہٕ رُود نیبرِ کنہٕ برادان زِ وُنی دِیہِ سرف اُمِس
ڈوپھ تہٕ میٚہ مو کلن وتہٕ۔ مگر کیوٚنژھ کالاہ برارنہٕ پتہٕ بوزنہٕ امی کرکھاہ چیخاہ
کینہہٕ۔ اختوی گوس کنن زِ گھرہ واجیٚن چھِ اندرہ شادیانہٕ کران۔
تمہِ دِتُس جلدی آلو تہٕ ووٚنُس یہِ سوفاتھاہ کتہٕ اوٚنتھ۔ فقیر
گو حیران۔ اسہِ وُنہٕ ہو نچہ یلہٕ آشینٚہ کتھ کران وُچھن، اندر
ژاو۔ اتہٕ وُچھن نُندہ بون تہٕ مارِ موٚنڈ شہزادہ بہتھ تہٕ کُنٹھ
اُمی سِندہ نورہ سٕہتھ گاہ تراوان۔ دوشوے بانٛژ گیہٕ خوش تہٕ اُمِس
لگی میٹھی کرنہٕ تہٕ چھیٚپہ لگنہٕ۔ یمو وون اُمِس زِ اسہِ بنا وُکھ
ژہ پننُ گوٚبرُ۔ ژہ ون اسہِ پننُ حال۔ اُمی ووٚنکھ زِ بہٕ چھُس تل
پاتالُک شہزادہ ناگہٕ آرژن (ناگ رائے)۔ بہٕ چھُس بدخو کوٚ لیہِ
ارہ اوٚنمُت تہٕ دوٚنی چھُس بہٕ تہٕندُوی گوٚبرُ۔ ناگ رایہِ سِندہ گھرہ
اژنہٕ سٕہتی، ژن تہٕ ژایہِ لکشمی فقیرس گھرہ۔ یِم گیہٕ مالامال تہٕ عیشہٕ سان

ہیوٚتُکھ دوہ دین بھرُن۔ اکِہ دوہہ ڈراو ناگی راے سأسں۔ کیتھ
تانی پاٹھی ژاو سُہ وکھ ویرہ پنِدِس باغس منز۔ یتہِ زوٗنہِ ڈبہ پیٹھ
تسنز نازنین انہرشی کوٗر ہی مال ایستادہ اٲس۔ اُچھی رلے یِہ اُچھن
سیتی تہِ دِلن منز گوو عشقُن سوز بیدار۔ ناگی راے ڈراو مگر ہی مالِہ
ہنز نیٚندر تہِ نیٚہہ پانس سیتی ہیٚتھ۔ آخرکار سوٗز ہی مالِہ دوہدِ ماجِہ
اتھہِ ناگی رایس نامہ تہِ پنُن لول بوٗزنس۔ تمہٕ لیوٗکھُس توٚرہ زِہ ہرگاہ
ژہ پننِس مألِس ماجِہ وُنِتھ نیتھرُک سنز کرکھ، تیلہِ چھُس بہٕ ینِہ والہِ
خأطرہ تیار۔ ہی مالِہ وَنہِ نوو دوہدِ ماجِہ اتھہِ مألِس تہِ سُہ گوو سونبرُک
رسم پوٗرہ کرنہِ خأطرہ آمادہ۔ فیصلہِ آو کرنہِ زِہ یُس شخص ہی مال
کلس پوش لایِہ، سُہ بنہِ تس ڈیٚکہ لوٗن، داریاہن اندن ہندی شہزادہ
آیہِ۔ ولیکن ہی مال مازے یِہ نہِ کینہہ۔ ولی اللہ ہن کنہٕ آیہِ اکِہ دوہہ
قلندرن ہنز اکھ جماعتھ۔ تہِ یِہندی زِٹھی ژھن پانہِ موٗر تمہٕ تھوو
شرط زِہ یلہِ ہی مال میٚہ وُٹھن دوٚن موہنی کرِہ۔ ادِہ گژھ بہٕ زِندہ۔
تمِہ مانیاو نہِ تہِ کینہہ۔ مگر یلہِ قلندرسِندیو بالکو سخت گریہ کوٚر۔ سُہ
وُڑھ تہِ بوسہِ تارہ کرِن اٲمس۔ یمِہ سیتی اٲمس نوٚو زوٗ ژاو۔ موخصر
غرض رُود یِہ سِلسلہ کینژن دوہن جأری۔ آخرس آو اکِہ دوہہ سریِہ
لوسَن وِزِہ ناگی راے ہی مال پرژہ ناو، پنُن کامہ دیو تہِ تس لوٗیُن
پوش کلس۔ سُہ آو وکہ یِرس نِشہ نیٚنہ۔ یُس تسنزہ شکلہِ تہِ عقلہِ پیٹھ
سیٹھاہ شاد گوو۔ تہِ ہی مال آیہِ تمِس پُشرنہٕ۔ دوہا دوہا گوو گذران
تہِ اکِہ دوہہ ڈراو ناگی راے شِکارس۔ ہی مالہِ نِشہ آیہِ اکھ کریجاہ۔[1]

---

[1] اکِہ توکہ رِوایتہِ موجوب اٲس نہِ یِہ کریج بلکہ پُشن (پوش کنن واجینی)

پہ اُمس تل پاتالہٕ ناگہ راجہ ہنزہ آشنہٕ، تس تہٕ ہیٖمالہٕ پھاس ژھنٕنہ
خاطرٕ اکھ رٕنتس منز سوٗزمٕژ۔ ہیٖمالہٕ ہیوٚت ناگہ راجس کیٖتھ نۆو
کھوس تہٕ یلہٕ کٕراجہ سو کتھن میٖٹھہٕ راو، تمہٕ وۆن تمِس زہٕ ناگہ راجے
چھہٕ تمیٚ سُند اکھ ناٲنی کار واتٕل تہٕ تس چھہٕ آشنٕنہٕ شرٛوٚیمن دغا دِتھ
دوٚنی ہیٖمالہٕ تہٕ دغا دِنچ سکھر کران چھہٕ۔ تمہٕ وۆن ہیٖمالہٕ زہٕ ہرگاہ
سو ناگہ راجس تمیٚ ہنز ذات پرٛژھہِ، سُہ کھٹہٕ ہنزر۔ ناگہ راجے آو۔
تمِس دِژکھ نُوس کھاسِس ترٛیش تہٕ تس آیہٕ امہٕ منزہٕ تل پاتالچ
بوٗے۔ ہیٖمالن تمِس پیتر زہٕ میہ ون پننہِ کرٲم۔ ناگہ راین کرٛوٗس
سیٹھاہ زارہٕ پارہٕ زہٕ ژہٕ مہ یہ پرٛدین ہنزان کتھن منز۔ مگر سو لج
تس پامہ دِنہٕ۔ ناگہ راجس آو جیرہٕ۔ تمیٚ اَنہٕ نوو اکھ دوٚدہٕ کرٛونٛڈ
تہٕ ہیٖمالہ وۆنُن زہٕ سو وُچھ تتھ منز تمیٚ ہنز اصل ذات۔ پتھوٗی
سُہ دوٚدہٕ کرنٛڈس منز ژاو، ہیٖمالہٕ آو اَتھ منز سرٛف بوزنہٕ۔ مگر
تل پاتال گیوٚ کوٚر زور تہٕ ناگہ راجے ووٚتھ اپارٕ تل پاتال۔ ہیٖمال
پیہ پالیس مگر وِز اُس گامٕژ۔ سو لج بُتھہٕ بُتھہٕ دِنہٕ تہٕ پشنہٕ۔
اکہٕ دوہہ آو تس نِشہٕ اکھ قلندراہ۔ تمہٕ وۆنُس پنُن حال۔ سُہ
وۆتھُس راتھ وُچھ میہ فلانٕی ناگس پیٹھ پرٛین ہُند بادشاہ
ناگہ راجے تہٕ پیٹھے کنی لیٖل کران تہٕ معشوقس ناد لایان۔ ہیٖمال
پیہِ تس پرٛن زہٕ میہ واتناو تہٕ اُمس دِل ماہرس نِشہٕ۔ قلندرن تج
ہیٖمال بُغچس منز تہٕ واتناوِن ناگہ راجس نِشہٕ۔ یمن دوٚن سیٚد
وصل تہٕ جُدٲیی ہندی داغ ژلکھ۔ ناگہ راین بناوٕ سحرہ سیتی ہیٖمال
موختہ پھوٚل تہٕ ووٚت ہیٚتھ آشنہٕ۔ گُرنگ پرٛیہ نِشہٕ۔ تمِس وۆنُن زہٕ

ہیٚہ چھ اکھ ژونتراہ پیٚنہٕ بُجمرٕ۔ تہٕ ہر گاہ ژٕہ مانکھ بو تھاون چانٕس
خدمتس۔ گُلرنگ پرٕ یہٕ ہاُوس ییٚمبرہ واریاہ مانے۔ تہٕ اُمی کوڈ موختہٕ
مالہِ منزٕ موختہٕ پھوٗل تہٕ پھوکھ دِتھ بناوُنس بییٚہ ہی مال۔ گلرنگ
پری لٔج اُمِس نالہِ ہتی کرنہٕ تہٕ ظاہرا طور لول بھرنہٕ۔ اکِہ دۄہہ ییٚلہِ
ناگی راے ساُنس گوٚمت اوس، ڈوٚیکھ ہی مالہِ بتہ رنُن۔ تمہِ اُمس
نہ پننہٕ شاہی منز ییمن کتھن ہنز کلی کرمژٕ۔ بے خبری منز ییٚلہِ تمیٚ بتہٕ
ہیوٚتھ پھیارُن تہٕ انمہٕ تھالہِ منز کڈُن تس پیٚیہِ واُجو وُسی تہٕ تھالہِ
گوو ٹھس۔ اتہٕ اوس قاعدہ زِ ییٚلہِ انمہٕ نیران اوس، سُہ اوس فیٚہلاو
یوان۔ تمہِ وِزہ اوس انمہٕ بانس ٹھس کرنہٕ یوان۔ سرفہ بچہ (یم
ناگی راےٕ تہٕ گلرنگ پرٕ یہٕ ہندی ٹُنٹرو اُسی) اُسی یوان تہٕ انمہٕ چوان۔
ییٚلہِ ہی مالہِ ہنز داُجی انمہٕ بانس منز پیٚیہِ، اتھ گوو ٹھس۔ سرفہٕ بچوٗ
ڈوٚپ زِ ظاہر واُٹ انمہٕ پٔچھ وِز۔ تم آیہِ سمتھ۔ مگر ییتھوی کلہِ
نوٚمراوکھ تمن گیہٕ تتہٕ انمہٕ سیتی کھریس وُستھ تہٕ اتہٕ ڈوٚتھ ہوٗیی۔
گلرنگ پری تہٕ باقی ناگہٕ باُژ گیہٕ خشم ناک تہٕ یمو بُچھی ہی مال۔ ناگی
راےٚس دِژ پننی دِلن خبر تہٕ سُہ وُوت یکدم اور۔ تمیٚ رٕنیہ ہی مال بلہ پورس
نکھہ یارٕ دنس منز تہٕ کیاہ زِ مالِنی ہواُمس چھُ شفاہکُ تاثیر آسان۔ اتہٕ
تھاُوِک سو دیودار کُلیٚن منز ژندنُس اُکس منزِلس منز۔ بیٚیہِ تھاوِک
زٕہ جن سیہن ہندہ شکلہِ منز ییمن کُلیٚن سیتی گنڈ کرٕتھ۔ ییٚلہِ یم سیہہ
کلہِ اُلراوان اُسی۔ کُلیٚن اوس الہِ ڈلہِ گژھان تہٕ منزِلس اوس گوٗرہ
گوٗرٕ گژھان۔ ناگی راےس اُمس راے زِ ییٚلہِ یم زٕہ سیہہ مرن ہی مال
بھیرہ وارہ وارہ ہوشس منز۔ کیوٗنژھ کالاہ گوو آداہ۔ ناگی راے

آو نہٕ کینْہہ۔ اور آو اکھ جوان سوداگراہ۔ تمۍ یٔلہٕ کلین منز باگ منز لیکھ پےٚ بوز تمۍ والِہ نود سہ بوٚن تہٕ اتھ منز وُچھن آفتابک اڈہش مہ جبیناہ۔ سہ گو تس عاشق تہٕ وۄنِس تٔہ ون میہٕ پننٕ حال۔ تمہٕ وۄنُس پننٕ احوال۔ سوداگرن وۄن اُمِس زِہ جنن تہٕ پرِی زادن پٮ۪ٹھ جوائی ضایہٕ کرٕنی چھ بے سود۔ تہٕ کیازِہ تم چھ دوہ نازٕک ہندی۔ تمۍ کوٚر ہیٚ مالِہ سکھ گیر زِہ تٕ، کرہ میہٕ سیتۍ۔ ہیٚ مالہ رُوز دار یاہس کالس نکار کران تہٕ اُخرس سوداگارِہ سندِس خدمتس کوٚر تہٕ تمۍ سنز عاجزی کُن نظر تھاوِتھ وِنہ نس اُختی ماُختی زِہ ہرگاہ اُکس دُریس ناگ رٕاے آونہٕ تیلہٕ سیدہٕ بہ چانی۔ دٕاے اُسس زِہ تیتِس کالس واتہٕ تس کاہ دیو پرٮ۪ٹھ صورتس منز۔ سوداگارن مون یہٕ شرط تہٕ بقول ولی اللّٰہ وۄنہ نس عہ

باہمن ژندرن تٕہ چھک ماُجی بیٚنی مے
ترو واہم ژاو تے چھک آشنی مے

دوہ دوہ گو نیران، یوٚتانی ۱۲ اہمہ دیتک پیٚتم دوہ ووت. ہیٚ مال چھ پہنیٚن حاژتاتن دَدان تہٕ تس پیہٕ شامنس تدولہٕ۔ ناگ دایہ آو۔ تہٕ یٔلہٕ ہیٚ مال وُچھن مکانس اُکس منز، تمۍ ترٕوو انسانہٕ رخت تہٕ سرفہ ہندِس خال و خطس منز ژاو اندر تہٕ بیوٚٹھ معشوقس کمبرس ژکر دُلِتھ۔ سوداگر آو دعدہٕ موجوب ہیٚ مالہٕ پننٕ بناو نہٕ۔ اتہٕ وُچھن شہاداہ ہیٚ مالِہ پان دُلِتھ۔ اُمۍ تِج کرتل تہٕ کرین اُمِس گنہٕ۔ ہیٚ مال گیہٕ ہُشیار تہٕ یٔلہٕ تمۍ قصہٕ بوز تمۍ دِتی بُتھِ بُتھ۔ مگر یُس گاٮ۪لہ گژھن اوس، سہ ہیٚکِہ ہے نہٕ دوٚنی واپس

یتھ۔ تمہ دوٚپ سوداگرس زِ ژٕ واتناو اسہ بلہٕ پوٗر۔ تتہٕ ترٛژہ
راۓ وِکھ آورینٛ تہٕ دوٚشوٚے عاشق معشوق ڈُدی یکہٕ وٕٹھ۔ دپان
ترینٛ دوہن لوٚگ نہٕ زِنٛس ییٚبرِ مِہ نارٕ سیتی ژکھ ۔ آخر
دژایہِ ناگِ رایہِ ہنزِ تنہِ منزہ ریٚہہ تہٕ تمہِ سیتی ہیوٚتن الاو۔ آورینہٕ
ہنزِ جایہِ دژاو ناگ، یُس دوہنی ہی مالہِ ہُند ناگ مشہور چھُ۔ ولی
اللہ ہُنٛز کنٛز یلہِ یم زِ زالنہٕ آے، اور آیہِ مدینہٕ پاکہٕ پیٹھہٕ فقیرن
ہنٛز اکھ جماعت۔ تِموٚ تُلُ شور زِ یہِ مسلمان کیازِ زوکھ۔ تہٕ آخرس
سیٛدی زِ ناگ پاۓدہ۔ یمہِ دوہس ناگ تہٕ راتس زٕ[2] قبرہ آسان چھِ۔[1]

---

[1] سٹائنٛن کتاب "حاتم تیلہ وانہٕ دلیلہ" چھہ یتھ کتھِ متعلق ژھوپہ
کرِتھ۔ اما پوز نولزن (KNOWLES) چھہ پننہٕ کتابہٕ "کشیرِ ہنزہ
لُکہ کتھہ" ہنز آخری دلیل امہِ کِسی بیانس پیٹھ خرچ کرمژ۔ کتابہٕ ہنزِ
گوڈہ کتھِ پیٹھ چھُ تاریخ ۱۸۸۷ء درج تہٕ اَمی سُند راوی چھُ بانہٕ محلک
اکھ شخص، یمُ سُند ناو پنڈت شیوہ رام دِوان چھُ۔ اتھ کتھِ چھ
ولی اللہ نِس بیانس سیتی واریاہ فرق۔ مثالے اتِہ چھُ صاف پاٹھو
لیکھت زِ یمِس شخصس لبتہِ منز ناگ راے ژاو، تس اوس سداہ
رام ناو۔ گوسہ اوس مُفلس، مگر ذاتہٕ کنہٕ اوس برہمن۔ تمُ وون اکہِ
دوہہ آشنہٕ زِ یہ گژھ ہندوستان تہٕ کیازِ تتیک بادشاہ چھُ دوہس
منز پانژھ لچھ روپیہِ اگران، دیوہ میہٕ تہٕ کینہہ حصہ ییہِ۔ پتہٕ یلہِ سُہ
سرُف بستہِ منزہٕ نیتھ یوان چھُ، امہِ منزہ چھُنہٕ یکدم ناگراے نیران
بلکہ چھُ گوڈہ سرُف نیران، یُس یہِ ڈیزہ تہٕ منٹن داہ مرن گتھ ماران

چھُ تہٕ بٹنہِ فریٛٹھ کران چھُ۔ پتہٕ چھہ تس اَکس زاشری ہِنز شکل گژھان
تہٕ اُمس چھہ پیٚہ ناگ راے ناو تھاوان۔ یلہِ یہٕ تِمس وٗریس منز
اژان چھُ۔ یہ چھُ مٲلِس دپان زہٕ بوٗ کرہ ہا کُنہٕ تِھس ناگس منز شران
یمیُک آب بالکل صاف تہٕ خالِص آسہِ۔ سُہ چھُس ونان زِ یتہٕ چھُ
اکوٗی ژلیٖٹھ ناگ۔ سُہ چھُ بادشاہ ہِنزہ کورِ ہیٚمالہٕ ہندِس باغس
منز۔ مگر تور گژھُن چھنہٕ ٹھٹھہٕ کتھاہ۔ تتہٕ چھہ بُڈی بُڈی قلایہ دِتھ
اُخرس زور زار کرِتھ چھُ ناگ راے تور گژھان تہٕ شرٛان کرِتھ یوان۔
گوڈنچہ لِرٕ چھنہٕ ہیٚمال اَمِس ڈیشان ولیکن اَمی سِندِ ہِنگ پیٚپ
چھُس لگان۔ دوٚیمہِ پھرِ چھس وُچھان تہٕ دِل دِوان، ترٛیمہِ پھرِ چھس
پننہِ ژونہِ پتہٕ پتہٕ سوزان، یُس اَمی ہِندِ گھروک نیٖب انان چھہ۔
سونچان چھہ شکلہِ چھُ جان۔ دانس چھس میانی ہش تہٕ ذات تہٕ
چھس تھزی بوٗ کیازِ کرہٕ اَمِس سیتی۔ پتہٕ چھہ یہ ماجہ اِکہٕ مٲلِس ونان
یُس گوڈہ سوئمبر کرنُک اجازت دِوان چھُ۔ مگر یٚلہِ تس سداہ
رامُن کنس گژھان چھُ، تس چھہ ژکھ کھسان زِ یِتھس غریبس
دماہ بوٗ نیٖتھ۔ اُخرس ہور پیٚوان یور پیٚوان چھُ سُہ زورٕ ے مانان
تہٕ سداہ رامس ناد سوزان۔ سداہ رامس چھہ کَترہ اژان ظاہرا
چھِم کینہہ اَتروٗی سپدمُت۔ مختصر غرض چھُ بادشاہ تس اَشنایی
خاطرہ ہلم داران۔ سُہ چھُ ووہٕ ڑ ژھینان گھرہ یوان تہٕ
ناگ راےس ونان۔ اماہ نتہٕ چھس آسان زِ بادشاہس مقابلہ کیاہ
سامانہٕ کرِہ بوٗ تہٕ کمہِ بُتھہِ اژہ تس یتہٕ وول ہیٚتھ۔ ناگ راے چھُس
دپان یرواے چھُنہٕ کینہہ۔ بادشاہ چھُ تیاری کران تہٕ یلہِ کمی وقتاہ

روزان چھُہ ناگہ راے چھُہ ناگس پیٹھ چھٹہ بُرگاہ ہیتھ سوزان
تہٕ وَنان زِ یِھوٗی ژٕہ یہِ ناگس منز ژٕھنک ژٕہ یہِ منگہ یک ژیہ
ییہِ تہٕ دِنہٕ ـ سدا آرام چھُہ گژھان تہٕ تورہ مُہرہ تہٕ دیار ہیتھ پوت
پھِران ـ خاندر چھُہ سپدان ـ ناگہ رایس چھہ تل پاتالہٕ دار یاہ کولیہ
آسان ـ تِمہ چھہ سمان تہٕ ژُون وایس انہٕ نکہ تدبیر کران ـ اکھ آشینہ
چھہ شیشہ سامانہٕ کُنہ واجنہٕ ہُند دخت کرُتھ ہیٛ مالہٕ ہندس برس
تل واتان ـ یِمن شیشہ بانن چھہ خاصیت آسان زِ یِھوٗی ناگہ
رایس اتھ پیٹھ نظر پیہِ تِمس پھیرہ تل پاتالک سریہہ ـ ہیٛ مال چھہ
ہیوان مگر یلہِ ناگہ رایس اتھ پیٹھ نظر پیوان چھہ، شہ چھُہ ساری
کتھ ژینان تہٕ ہیٛ مالہٕ کھرینگ ژٕھنان زِ یِھی چیز گژھن تہٕ ہیٚنہٕ ـ
یلہِ یہِ فریب چلیو نہٕ، تِمہ پتہ درایہٕ ناگہ رایہٕ ہنز بباکھ آشینہ
تہٕ واتِج لاگِتھ واژ ہیٛ مالہٕ نِش ـ تس ووٚنُن زِ ناگہ راے
یُس ہیہ ژُون چھُہ، چھُہ ہیہ ترا ووتھ ژولمُت ـ یلہِ ہیٛ مالہٕ تس
ووٚن زِ ناگہ راے چھُہ میون خاوند ـ واتِج ووٚن تِمس زِ ژٕہ کر
تِمس امتحان تہٕ دِیُس ناگس منز وسُن ـ یلہِ ناگہ راے آو تہٕ ہیٛ مالہٕ
ہنز و پامو سیتی اشتعال کھیتھ ناگس منز ووٚتھ ـ پرِیوٚ کوز تِمس
ژنگن گنڈ تہٕ وولکھ تل پاتال ـ ہیٛ مالہٕ دِژ تِمس ٹوپس لقف ـ گر
ناگہ رایہٕ گوو بوٚن تہٕ تس آیہٕ صرف کینہہ مس وال اتھس منز ـ
ہیٛ مال لج وودنہٕ تہٕ ریونہٕ ـ اکہٕ دوہہ آو اکھ غریب شخصاہ پننہٕ
لو کچہ کورہ سیتی تِمس نِشہ بیچھان ـ تِمس یہِ پتھ کُن سونہٕ
ہُند زیور ژُودمُت اوس، تمُہ تُل تہٕ دِتِنس تہٕ ووٚنُس زِ بو

بقیہ فُٹ نوٹ:

چھس نہ زُون یژھان۔ شخص بوُزتھ سُند حال تہٕ وۄنُنس زِہ فلاںٕی
ناگس پیٹھ وُچھ میہٕ تماشا زِہ واریاہ جاناوٕر آیہٕ جلے شیران تہٕ
ضیافت تیار کران۔ اخرس آو تہند زِیُٹھ۔ کھیناہ چیناہ کۄرُکھ۔
یلہٕ ساری دٕرای، سہ رُود اُکھی۔ تہٕ اخرس پیٹھ تلُن بختہ تھالاہ
تہٕ دِتُن یہ وُنِتھ دإرِتھ ــــ "یہٕ گوو بدبخت ہی مالہِ ہندِہ ناوی۔"
ہی مالہ تل یہٕ شخص سیتی تہٕ واٹ اتھ ناگس پیٹھ۔ راتس رُوز
پرادان۔ یلہٕ یہ کاروان آو تہٕ گوو تہٕ ناگی دٕرای رُود کنُوی زون۔
سو وُژھ تہٕ گیس ناد لایان برونہہ کُن۔ گوڑہ دۄپُس ناگی راین
یوہ زانھی نہٕ ژٕہ۔ مگر یُتس مُدتُس گولن جوش تہٕ دۄپنس ژٕہ گژھ واپس
یوہ یمے کینہہ کال گژھت پلنے۔ تمہٕ موٗنُس نہ تہٕ تمیٕ بناُو تمُس کنہٕ
زنٹ۔ تل پاتال ووت تہٕ تتہٕ دۄپُس کولیوَ زِہ مینژہ بوے چھہٕ
یِوان۔ تمیٕ دۄپُکھ توہہ کرِژھ چھم ژونزاہ اُنمژ۔ مۄختصر تھُوکھ سہ
سرفہٕ بچن دوہ کاڑِتھ دِنس پیٹھ تہٕ تہندِہ اتھہٕ دُدی تِم۔ سو بچھ
سوتوَ تہٕ تمیٕ سُند مرتل ناگی راین تہٕ تھوٗن اُکس جنگلس منز۔ منزِس
منز۔ ایاٗدی دٕراو اکھ خدا دوست یُوگیاہ۔ تمِس پیہ اُمس پیٹھ
نظر تہٕ دُعا کوٗرن اُمی سنزِہ زندگی ہند۔ دُعا سپُد قبول تہٕ تس پھیوٗر
زُو۔ ییتہٕ آیہ سہ اُمی سُند گھرہ ییتہٕ اُمی سُند نیچو تمُس عاشق گوو۔
اکِہ دوہہ آو ناگی دٕراے سرُف لاٗگتھ تہٕ ژاو ہی مالہِ ہندِس بسترس
منز۔ یُوگی سُند نیچُو آو۔ تہٕ کرِہ نس گنہٕ۔ ہی مالہِ پیراو آودیٗن تہٕ
یارس سیتی زولُن یان۔ یُوگی گوو سیخ پراکندہ۔ اکِہ دوہہ اوس سہ
اُکھی حاژتاس منز اُکِس کُلِس تل بہتھ۔ اتھ پیٹھ اَسی شیو تہٕ

(بقیہ دۄیمِس صفحس پیٹھ)

## ۵- مثنوی ہُند ماخذ!

ڈُنلینس یتھ حالس منز یہِ کتھ اسہِ نام واڑٕمژ چھےٚ- تتھ کنُ وُچھتھ چھُ یہِ فیصلہ کرُن سیٹھاہ کرُوٹھ زِ حقیقت کُس خاکس منز کیتیاہ رنگ چھِ خیالَک تہٕ افسانُک بھرٕمتۍ- "ہیٚمال ناگٕرا‌ے" چھِ دوٚیوٚ ذٔریعوٚ کنۍ اسہِ تانۍ واڑٕمژ- (۱) لُوکہٕ کتھ (۲) لیو مکمُت داستان- لُوکہٕ کتھِ ہُند تعلق یوٚتانۍ چھُ، پرٛیتھ کأشرِس گھرس منز چھُ اتھ کتھِ تلہٕ ترٛاو کرنہٕ یِوان تہٕ اَمکۍ کِردار تہٕ جایہِ چھےٚ سانیٚن گھرن منز وَنہٕ تہٕ زانٕمتۍ[۱]- اتہِ یُس مقامی

---

[۱] برُچھُس پانہٕ تتھ زمینہٕ ژکلس سٟتۍ تعلق تھاوان، یتہِ یہِ کتھ تھنہٕ پیمٕژ چھےٚ- اتھ علاقس منز چھےٚ خالی کانٛسہِ تحریری کتھ یہٕ مژ- مگر سارِنۍ چھےٚ یہِ کتھ زبین یاد- ہیٚمال تہٕ ناگٕرا‌ے ہندِس ناگس سٟتۍ چھےٚ واریاہ رِوایژ وابستہ- میانِس لوکچارس منز اوس اتہِ اکھ پرٛوٚن لڈی شاہ یہِ داستان ونان- امیک گوڈنیُک مصرعہ چھُ میہٕ ڈُنہٕ یاد ع

تس سنٛدا رامس نُوٹھیوٚ دَرے  دٔی گامہِ لُوزم چھےٚ لگمٕژ فلے

دٔی گوم چھُ بلہٕ پورِ پیٚٹھہٕ زٕ ڈھایۍ میل دُورِ تہٕ اتہِ چھِ کپال موچینچ

(بقیہ بٔیس صفحس پٮ۪ٹھ)

---

بقیہ فُٹ نوٹ:

باردتی دوٚن جاناوارن ہنٛزِ شکلِ منز بہتھ- تِموَ یلہِ یوٗگی شند گرِیہِ وُچھ، تِموَ دوٚن اکھ اکِس ہرگاہ یِمن ہنٛزِ آورنہٕ ہُند سوٗر فلائنۍ ناگس منز ترٛاونہٕ یییہِ، یِم دوٚ شوٚیے گژھن زِنٛدٕ- یوٗگی بوٗز تہٕ کوٗرُن تی- ہیٚمال ناگٕرا‌ے گیہٕ زندہ- تہٕ کوٗرُکھ واریاہس کالس عیشاہ- بیہِ کرِکھ یوٗگس خدمتھ÷ اکِرِ روایژ موٗجب گُژھ آورنہٕ پیٚٹھہٕ اکِرِ داڑھ تہٕ تِمہٕ تلہِ درایہِ ہیٚمال ناگٕرا‌ے نوٚس زمس منز-

کتھ پھرنہٕ یِوان چھہٕ، تتھ چھُ تحریری کتھہِ سیٹھاہ واریاہن شاین لوکٹین لوکٹین زاژِ جارن منز اختلاف۔

(۲) تحریری: کاشرِس منز چھُ وۄنکیٖن اکھ موضوعس پیٹھ زٕہ[2] مثنویہِ موجود۔ اکھ ولی اللہ ہنٕ تہٕ بیاکھ سیف الدین تارہ بلنٕز (سالِ وفات: ۱۸۷۴ء) سیف الدینن مثنوی ہُند ناو چھُ "سحرِ ہلال"۔ تسُند آگُر تہٕ چھُ سُوی اوسمُت یُس ولی اللہ ہنُٕ چھُ۔ یعنی مُفتی صدر الدین وفائی ہنز فارسی مثنوی "قصہُ اَدَزَن وہی مال"۔ بلکہ چھُ یِتہٕ نناں زٕہ یِمہٕ وِزہ تمہٕ یہ مثنوی لیکھنٕ ہیٚژ، تمہٕ وِزہ اَس ولی اللہ ہنز مثنوی لیکھنٕ آمژ۔ یِتہٕ چھُ نناں زِ ولی اللہ ہنز مثنوی چھہٕ تس پننٕ مثنوی لیکھنٕ وِزہ نظرِ تل آسمژ۔ سُہ چھُ "سحرِ ہلال" مثنوی منز لیکھان ع

سُہ صدرہ مولوی کرُ مثنوی نظم | بدروی پہلوی نٕس معنوی عزم
سپُن واعظ دہی عازم شہ جازم | ولی اللہ تمیٚک ناظم مُترجم

بقیہ فُٹ نوٹ:

---

دِدٕے لگان۔ وٕنی گوم چھُ کلہن سُند "دیوی گرام" تہٕ کیاِ موچن تیرتھ چھُ پننہٕ اَمی ناوہ مشہور۔ دیوی گرامک ذکر چھُ ہری چرت چِنتامنی تہٕ کورمُت۔

تتہٕ چھ زنانہ چھہٕ اکھ وَنہ وُن تہٕ وناں یُمکہٕ کینہہ شعر چھہٕ ع

تل پاتالکہٕ ناگی دٕ ایلے | ژرے کرِزھ زایلے ہیہ مال
ہی مال دیان وٕے خُدایلے | گرزھ ہا بابہٕ نیٚن جاین تل
بابہٕ ماہ دیِم پھیرِتھ آیلے | مایلے وُجنس ہیہ مال
تل پاتالچ بانہٕ کرا اُج آیلے | بانہٕ ہیٚتھ ژایلے بادم باغ
نادان ہی مال موکہ وَنہ درایلے | مایلے وُجنس ہیہ مال

موخصر دِہ رفس منز چھہٕ یہ ساری کتھ بھرنہٕ الیوان تہٕ زٕف تہٕ چھُ بیوُن بیوُن۔

ولی اللہ ہن چھُ صاف اِقرار کوٚرمُت زِ تمہِ چھ یہ مثنوی صدرالدین وفائی[1] ہندِ نُسخہ پیٹھ ترجمہ کوٚرمُت۔ سُہ چھُ "ہیمہ مال نائگ راے" مثنوی پیٹھ قلم تُلنہٕ کِس معاملس متعلق پانے لیکھان ع

دوٚیِم مےٚ عشقہ دودی ژھنڈہ ہا بو
یہ جادوٗئی لبسوئی گنڈہ ہا بو

چھناہ باقی کتھاہ کانہہ عاشقانہٕ
یہ کشمیری زبان کرٕہی زن بیانہٕ

دُچھم دیتمُت فصیحو شاعرو داد
چہ از یوسف چہ از مجنون و فرہاد

مگر کانٛسہ کتھاہ اکھ ہیٚہ مالاہ
چھ دوٚنی باقی کرو شُغلاہ خیالاہ

سُہ کرٕمُت صدرالدینن فارسی پائٹھ
چھ کیتیاہ عاشقِ حق رہبہ ہندی تائٹھ

پرٕ ژھانی گوس صدرالدین مرحوم
بزرگاہ، عالماہ اکھ کوٚرُم معلوم

سُہ الحق عاشقِ حق خوٗب تقریر
نبیرٕ مولوی مُلکِ کشمیر

باسان چھُ زِ صدرالدین ہندِس رِتس کِرداس تہٕ تمہٕ ہندِس کمالس متعلق ادس ولی اللہ ہن واریاہ بوٗزمُت۔ تہٕ کیازِ سُہ چھُ پھِری پھِری دوٚش تراوان زِ یلہٕ مےٚ صدرالدین ژھانڈِن ہیوٚتھ سُہ اوس اندِ مزار دوٚتمُت[2]۔ صدرالدین ہندِس شاعرانہٕ کمالس

---

[1] صوفی چھُ پننہِ کتابہ "کشیر" منز صدرالدینٕنی سالِ وفات ۱۸۰۷ء لیکھان۔ سُہ چھُ پتہٕ ونان زِ تمہ مثنوی چھُ "تحفۃ العشاق" ناو۔ تہٕ یہ چھ مسودہ کِس صورتس منز۔ سُہ چھُ ولی اللہ تہٕ سیف الدین دوشونی ہنزن مثنوین ہُند ذکر تہٕ کران۔

("کشیر" جلد دوم صفحہ ۴۰۳)

[2] ولی اللہ ہنی پننی لفظ چھ نوم ع

ہیوٚتمُم ژھانڈُن تہٕ دوٚپہم چھُوی نہٕ زندہ
کلن کت کُن گئی اے مردِ رِندہ

سُہ چھُوی در گور شوٚنگمُت کوٚت گژھک یور
اُنم یتھ منز مےٚ تمہٕ ہندی پائٹھ ہتھ ژور

دِلن دوٚپہم تہٕ دیدارُک ہوس چھُوی
بگفتارش ببین، یوتوی تہٕ بس چھُوی

متعلق کیاہ راے اُس تِہنز، تتھ سِلسلس منز چھُ تسُند یہِ شعرِ یوت کافی ژینہٕ دُنی دِوان ع

چھُ لوٚدمُت تمیُٚ نٹِس دُریاوِہ آیاہ
بمعنی کُلؔ، بصورت چھُوی حُباباہ

آزادن چھُ لیوٚکھمُت زِ ولی اللہ ہن چھُ صدر الدینُن نُسخہ بروٚنہہ کنِہ تھاوِتھ تتھ آزاد ترجمہ کوٚرمُت۔ یہِ چھُ نہٕ پَے زِ آزادن اوساہ صدرَ الدینہٕ مثنوی ہُند قلمی نُسخہ وُچھمُت کِنہٕ نہٕ۔[1] مگر ولی اللہ ہن چھُ دوٚن شاین تمیُٚ سندِہ مثنوی ہُندی فارسی شعر ہُوبہُو نقل کرِمتیٚ۔ اکھ شاے چھِ سُہ، یتہِ سُہ حسدٕچ مذمت کران چھُ، یُس یِمِہ کُنہٕ شروع سپدان چھُ ع

حسد آتش خواص است اے برادر

دوٚیمہِ شایہِ یتیٚن تمیُٚ یہِ باوُمُت چھُ زِ ناگہ راے اوس ژکہٕ مُسلمان، تتیٚن چھِ تمیُٚ صدرَ الدینہٕ مثنوی ہنز اکھ بُڈ چھَل پننِس متنس منز وانٹمژ۔ یِم شعر چھِ صدرَ الدینہٕ کلاکہٕ رنگُک پَے دِوان تہٕ باسان چھُ زِ تس اُس فارسیس پیٹھ پُورہ پُورہ قُدرت تہٕ

---

[1] صدرَ الدینہٕ مثنوی ہُند چھُنہٕ وُنکیٚنس بڈیٚن کُتب خانن منز کانہہ نِشاناہ۔ البتہٕ چھُ مُفتی اعظم کشمیر سرینگر سُندِس ذاتی کُتب خانس منز اکھ نُسخہ موجود میوٚن دوست محمد امین رفیقی (محکمہ ریسرچ) چھُ یہِ نُسخہ پانہٕ وُچھمُت تہٕ تسُند وَنُن چھُ زِ یہِ چھُ لوکُچ تقطیع منز۔ مینہٕ ہیوٚک نہٕ یہِ نُسخہ بہم سپدِتھ۔ یُدوے یہِ نُسخہ بہم سپدِہ امہِ سیتی ہیکہ واریاہن کتھن پیٹھ پرٛو پییتھ۔

سُہ اوس اتھ منز صاف تہٕ میٹھۍ شعر کڈِتھ ہیکان۔ یتھ شایہ گژھ
نہٕ تمۍ ہندِ ہ ڈنگُک اندازہ کرُنہٕ خاطرٕ کینژھہ شعر نقل کرُن غیر
مُناسب آسُن (نائگ رائے وَنن ہبی مالہ)

| | |
|---|---|
| منم شاہِ پری رویانِ آفاق | بخوبی ہمچو ابروی خودم طاق |
| برہمن صورتم لیکن مُسلمان | بدین مصطفےٰ[؏] شُد تازہ ام جان |
| تو قشقہ بر جبینِ من کہ بینی | در آئینہ بوُد عکسے کہ بینی |
| بوُد در گردنم زنّار کیں تار | برائے بستنِ دلہاست درکار |
| چوٗ خوٗبی را ندیدم از جفا دور | شدم اندر لباس کفر مستور |
| بوُد از زن مرا نام اے ہبی مال | ولے ناموس گفتن باشدم گال |
| ہبیہ مالش بگفتا اے پری روے | فرشتہ طینتی و آدمی خوے |
| ولے گو راست با من ذاتِ خود را | کہ واقف میشوم از نیک و بد را |
| ازیں قصہ بعالم خاست غوغا | کہ شد در بلہ پور ایں فتنہ برپا |

صدر الدینُن قصہٕ آسہِ یمو شعرو ہندِ ہ نمونہٕ کینٛز زبہ پاٹھۍ آدا
سپُدمُت۔ مگر ولی اللہ ہنُن ترجمہ تہٕ چھُ واریاہ کامیاب تہٕ اتھ
کنٛ یمو اسی برٕ وہ نہہ پہن۔

صدر الدین چھُ نہٕ تنہا فارسی شاعر یمۍ "ہی مال نائگ رائے"
نظم کرمٕژ چھےٚ۔ وُنیکُک تانی یم معلومات بہم سپدمتۍ چھ، تمو کنٛز
چھُ کم از کم کشیرِ منز بیاکھ اکھ بہلہِ پایکُ فارسی شاعر یمۍ زن
اتھ قصس پیٹھ قلم تُلمُت چھُ۔ یہِ شاعر چھُ مُلّا اشرف بلبل۔
بلبل چھُ ۱۱۷۰ھ منز موٗدمُت۔ سُہ اوس پلواس نزدیکی
ڈریٛہ گامُک روزن وول۔ بلہ پورہ پیٹھ چھُ تمۍ ہندس گامس

تانٛی شیٚنٛہ سٕتھٕ میل دُوریٚر۔ تمُہ سنٛزِہ مثنوی چھہٕ نہٕ یتھ پیٹھٕ فارسیس منٛز اوٚلیتھی یوت بلکہ امی علاقُک آسنہٕ کنٛۍ آسہٕ ہٕن تمُہ سنٛزِہ مثنوی ہندۍ واقعات پٔرٕس زیادٕہ نکھہٕ۔ سُہ چھہٕ پننِس تصنیف "رضانامہ"[1] ہَس منٛز لیکھان ع

در اوّل شُدم شاہدِ خط و خال
بیاراستم آرزن و ہیٖ مال

یمہٕ عنوانہٕ بُلبُلَن "رضانامہ" تفصیلہ سان لیُوکھمُت چھہٕ، تمہٕ سِیتی چھہٕ اندازٕہ گژھان زِہ سُہ کتاب تہٕ آسِہ ہے تمُہ بڈٕہ تفصیلہ سان لیچھمُت۔ مگر افسوس چھہٕ یمہٕ کتھِہ ہُند زِہ یہِ مثنوی چھنہٕ وُنکینٛس[2] دست یاب تہٕ یتھِہ کنٛۍ چھہٕ اتھ داستانس بٔیاکھ پردٕہ پیومُت[3]

---

[1] ری سرچ ڈیپارٹمنٹ۔ قلمی نُسخہ نمبر ۱۷۲٦، ۱۷۵۰

[2] "کشمیری شاعرن ہندۍ کار نامہ" عنوانہٕ کِس مضمونس تل چھہٕ محمد امین رفیقی ین لیُوکھمُت زِہ راجپورِیک بابا اسرار قادرین تہٕ چھہٕ یہِ قصہ نظم کوٚرمُت (ماہ نامہ "تعمیر" اگست ستمبر ۱۹٦۱ء صفحہ ۳٦)

مگر سُہ چھنہٕ کُنہِ نوٚن۔ "تعمیر" کِس اُکِس مضمونس منٛز چھہٕ رام چند درن امہِ نُسخکۍ کینٛہہ شعر درج کٔرِمتۍ۔

نولزن چھہٕ (۱۸۸۷ء) اُردو زبانی منٛز امہِ کِہ ترجمُک ذِکر کوٚرمُت۔ یہِ ترجمہ اوس اُکی کاشرِ بٹہ ہر گوپال کول خستہ ہٕن کوٚرمُت۔ امِیک کانٛہہ نقل ہیٚوٚک نہٕ میٚہ دست یاب سپدِتھ۔ حالاں کہ یہِ چھہٕ چھاپ گومُت۔

## ٦- ڈُلیلہِ ہُند آگُر تہٕ کینٛہہ دلچسپ ژھیٛنہٕ ژھاآہ

۱۹- ڈُہِمہ صدی ہندِس اندس تانٛ اُس یہِ داستان سینٛن ہنزن المازیٚن منٛزی مُنزی بروہہ پکان[1]۔ اتھ اوسنہٕ تاریخہِ چہ وزہ سیٛتی واٹھ لگان۔ نہٕ کیازِ کنہٕ مُستند تاریخس منٛز ( مثلاً "راج ترنگنی" کلہن، تاریخِ محمد اعظم دیٛدہ مری، تاریخِ نرائن کول عاجز وغیرہ) اُس نہٕ اہِچ کہتی۔ مگر اتھ وقتس منٛز کوٚر کھوٚیہا کِہ پیر حسن شاہن (وفات: ۱۸۹۸ء) اکھ انتہائی اہم تہٕ انقلاب انگیز نیٛز۔ یمہٕ سیٛتی داستانن ہُند یہِ نغمہ تاریخ کِس اعتبارس سیٛتی نالہٕ موٚت کرنہٕ لوٚگ امہٕ انکشافچ اہمیّت چھ تقاضہٕ کران زِ یہِ کتھ گژھ ڈیٚژھ ناوِتھ ونٛنہٕ ییٚنہٕ۔

یہِ پَزر چھُ کشیرِہ ہندِس تاریخس سیٛتی دِلچسپی تھاون وٲلِس پرٛیتھ کانٛسہِ طالبِ علمس پیٚٹھہ روشن زِ "راج ترنگنی" منٛز چھُ ابتدائی کینٛژن بادشاہن ہُند ذِکر کرنہٕ پتہٕ گوٚد ناداآ دوم (یمُ مہابھارتس منٛز حصہ نیوٗ) یِندہ پتہٕ ۳۵ ہن بادشاہن ہنز جاے خالی۔ تہٕ کیازِ

---

[1] ہی مال ناگی راے "چھ سانہٕ شاعری منٛز تہٕ استعارن ہُند اکھ اہم آگُر۔ محمود گامی، رسول میر تہٕ باقی شاعرَ چھ امہٕ منٛزہ وارِیاہ استعارہ نِمتی تہٕ پننیٚن غزلن منٛز سجاوِمتی۔ سانیٚن لکہ باتن منٛز تہٕ چھ یہِ کتھ جلوہ گر سپدان۔ مگر محمود گامی یِندہ بروٚنٛہہ چھنہٕ لِتھ کانٛہہ شاعر (مثلاً حبہ خوتوٗنہ) یندس تیتھ کلامس منٛز امیُک ذکر۔ یُس ونٛکیٚن یمن سیٛتی منسوب کرنہٕ یوان چھُ۔

کلہن سِندِہ مُوجُب چھُہ یِمَن بادشاہن ہُند حال رٕوومُت[1]۔ یِتھ
چھُہ سادٕنی ہتاہ زٕہ شتمِہ صدی عیسوی تانی یہِ کلہنن لیٛوکمُت چھُہ
تمہ چھُنہ معتبر تأریخی حیثیت حأصِل۔ تہٕ کیازِ زٕہ سُہ چھُہ نہٕ مُستند ذریعو
کِنہِ حأصِل سپُدمُت، بلکہِ رِوایت تہٕ (LEGEND) کِہ ذریعہ اَتھہِ
آمُت۔ زین العابدین بڈشاہ (۱۴۲۰—۱۴۷۰ء) سِندِہ وقتہٕ آیہِ
کوٗشش کرنہٕ زٕہ تأریخی تحقیق کیو ذریعو سیتی گوڑھ پوٚت کالُک اَکھ
معتبر تأریخ لیکھنہٕ ین۔ "راج ترنگنی" تہٕ باقی مُستند نُسخو علاوہ کوٚر
امِہ منصوٗبکٕہ زیٹھ مُلّا احمدن[2]۔ اکہِ باقاعدہ مُہمہِ ہُند آغاز تہٕ پرٛون
سوٗروی تأریخی مالہ آو ژھانڈنہٕ تہٕ سوٚمبراونہٕ۔ اَتھہ ژھانڈ منز
لٔگ اکہِ پرٛانہِ تہٕ نأدِر کتابہِ "رتناکر پوٗران" ہِکہ کینٛہہ ورق اَتھہِ۔
یم ورق آسو بُہ زٕہ وُتھرن ہنزِہ شکلِہ منز[3] امہِ کتابہِ ہنز خاص کتھ آس
یہِ زِہ اتھ منز اوس تمِن پانژہٕ ترَمن (۳۵) بادشاہن ہُند حال بیننہٕ

---

[1] سٹائن سِندِس ترجمس منز چھُہ کلہن سِندی لفظ نوٚم:

"Thirty-five Kings, who followed him, have immersed in the Ocean of oblivion, thier names and deeds having perished through the destruction of records."

[2] "تأریخ حسن" (اُردو) حصہ سویم صفحہ ۲۱۴

[3] وُچھو "کشیر" از صوفی جلد اوّل صفحہ ۳۶۰ تہٕ "حسن" حصہ دوم صفحہ ۱۶
حسنُن وننُ چھُہ زٕہ یِہ جاپنڈت نامی بٹن کوٚر یِہ حاصل تہٕ مُلّا احمدن کوٚر اتھ ترجمہ
تہٕ پننِس تاریخ کِس متنس سیتی دودُن۔

درج۔ یِم کٔلہنس رأوِتھ آسی۔ امہِ متعلق چھُ پانہٕ حسن نۄمن لفظن منز ذِکر کران :۔

"تاریخِ شاستر" پنڈت رتناکر :۔ در زمانہٕ راجہ اونتی ورمن[۱] از دورِ ابتدائی کلجوگ تا عہد خود۔ احوالِ راجہ ہا نقل کردہ است۔ دریں زمانہ نقل آں عنقا۔ لیکن بعضے قصص آں را مُلّا احمد در زمانِ سُلطان زین العابدین ترجمہ کردہ است[۲]۔ اثر آں در ملک موجود خواہد بود[۳]۔"

("تاریخِ حسن" جلد دوم صفحہ ۳۶۷)

بیٚیِس شایہِ چھُ امہِ چی کتھ تلُتھ لیکھان :۔

"وقائعِ کشمیر" کہ در زمانِ سُلطان زین العابدین مُلّا احمد[۴] ترجمہ "راژہ ترنگنی" و "رتناکر" مع احوالِ سی و پنج راجگانِ گُم شدہ کلہن پنڈت مطابق رتناکر برابر ضبط کردہ است و از تعصب و جانب داری مُعرا و عبارتش مُصفا۔"

("تاریخِ حسن" جلد دوم صفحہ ۳۷۱)

---

[۱] دورِ حکومت (۸۵۵–۸۸۳ء)

[۲] مُلّا احمدن اوس "کتھا سرت ساگرس" تہٕ "بحر الاسمار" کہِ ناوہ فارسیس منز ترجمہ کوٚرمُت۔ یہِ ترجمہ تہٕ چھُ از ناپید۔ مگر اکبر بادشاہنہٕ وقتہٕ (۱۶۰۵-۱۵۵۶ء) چھُ امیُک پےٚ لگان، یلہِ تمۍ دۄن بدایونس زِ ہ سہ کرِہ یہِ کام پوٗرہ۔

[۳] اونتی ورمن پنٛدِس زمانس منز یوسہ رتناکر (راجینکا رتناکر ادبیشورا) گذریومُت چھُ، تمۍ سُند چھُ ستائینن ذِکر کوٚرمُت (صفحہ ۹۶ جلد ا) مگر سُہ چھُنہٕ "رتناکر پرانک" کانہہ ذِکر کران۔ اُمِس رتناکر سٕنزِ[۲] کتابہ چھِ ونکین عام بیٚلیان۔ اکھ شعر و شاعری منز عظیم کتاب "ہرہ وِجے" تہٕ بیاکھ تہٕ شعری کتابی "دونیہ گاتھا پنچکا سکا"۔ گوڈنِچ چھِ چھاپ گامٕژ۔ دوٚیمِک اکھ نُسخہ چھُ ریسرچ لائبریری سرینگرس منز۔

حسنٕنہٕ وَنٕنہٕ مُوجُوب کوٚر امہٕ مالہٕ سیتؠ مُلّا احمدن اکھ مکمل تأریخ تیار، یتھ "وقائع کشیر" ناو آو تھاونہٕ۔ اُتھۍ منٛز آو گوڈنچہ لٹہٕ "ہی مال ناگٕراے" سُند قصہٕ تأریخ کِس پرٛوس پیٹھ۔ "ہی مال ناگٕراے سُند قصہٕ" تمہٕ ہندین لفظن منٛز بوزنہٕ برونٛہہ چھُ یتھ کتھہٕ چھل دِینۍ ضروری زِ تس کتہٕ لُج یہٕ کتاب اتھہٕ۔ اتھ سلسلس منٛز چھُ بامزٔین پنٕنہٕ کتابہٕ (یمیُک حوالہٕ برونٛہہ آمُت چھُ) پنٕنس واُلد پنڈت آنند کول ہندِس بیانس پیٹھ کُن تھاوِتھ لیوکھمُت[1]:

"پنٕنس وطنس سیتؠ یُس لگاو حسنس اوس۔ تمہٕ کنہِ ووت سُہ ضلع راولپنڈی کِس پنڈوری گامس منٛز۔ تس اوس پتاہ لوٚگمُت زِ اتہِ چھُ "رتناکر پرانک" اکھ نقل۔ یتھ منٛز تمن پانٛژہ ترٛہن (۳۵) پادشاہن ہُند حال درج چھُ، ییم کلھنٕنہٕ کنہِ تأریخہٕ خاطرہٕ راوٕمتؠ اُسی۔"

(بامزٔی تاریخ کشمیر صفحہ ۳۹)

چنانچہ سُہ ووت توٚت تہٕ تتہٕ کوٚرُن مُلّا محمودس نِشہٕ، یُس افغانستانُک روزن وول اوس، امہٕ کِس فارسی[2] ترجمس نقل۔ تہٕ پتہٕ آو کشیرِ۔

---

[1] یتھ کنہِ زن برونٛہہ پیٚن ذکر ییہِ، پنڈت آنند کول (وفات ۱۹۴۲ء) اوس حسن سُند گام گوٚمُت تہٕ تمہٕ اُس تسٕندین واُرثن نِشہٕ یہٕ کتھ بوزمٕژ، بلکہ حسنس کینہہ دُری مُرومتس گمٕژ اُسی۔ اتھ سلسلس منٛز تمہٕ سُند مضمون پرنہٕ خاطرہٕ وچھو "جرنل آف ایشیاٹک سوسائٹی بنگال جلد ۹ شمارہ ۵"

[2] مُلّا محمودس نِشہٕ چھُ بقولِ حسن مُلّا احمدن فارسی ترجمہ اوسمُت۔

بقولِ پنڈت آنند کول رُود تَس یہِ نُسخہ تاریخِ حسن لیکھنہٕ وِزہ نظرٕ
تل۔ مگر پتہٕ گو یہِ سِلہابہ بُڑی۔

یہِ دُلیل چھ میٚہ محمدؐ امین ابنِ مہجورَن تہِ دُنمٕژ۔ مگر تمِہ چھ
اُکس دُوٚن شاین اتھ سیتی پھیرِ۔ سہ گو ازیرٕ ہنہ وُری دُوٚہ[۲]
مرِہ حسنٕ سُند گام تہٕ تسندین وارِثن پٕرژھن اتھ نُسخس متعلق۔
تِمو دُنس پیٚہے کتھ۔ مگر راوتَس متعلق وُنِہ ہس بدل دُلیل۔ تہِندِ
دنہٕ مُطابق گو اکہِ دوہہ حسن گرِس پیٚٹھ سرینگر تہ کلدس منز
تمِن واریاہ کِتابہٕ یمن منز یتہٕ اُس۔ مگر دوہ دِر ہوم وائتھ یلہ تِمو
پتھ کُن نظر کرُ، تتہٕ وُچھن نہٕ کلدِ رِہن۔ واریاہ ژینیم تھےٚین
مگر کتاب آیس نہٕ اتھہ۔ مورخ گو مرِتھ۔ تِمی ہندِ مرنہٕ پتہ واریاہ
کالی آیہِ تمی ہندی وارِث شہر تہٕ مہاراج گنجہ ہیٚو تمکہ بدخشین
ہندِ وانہٕ پیٚٹھ سوداہ رٔنیُن۔ اتہِ اُس بیاکھ اکھ گراکہِ جماتھاہ۔
یمن سیتی گیہ حسنہ نین وارثن زان۔ تِمو وٚنکھ زِہ اسہِ نِشہ چھ
کینہہ کِتابہ گاندربلہ کیو مُریدو اَنمٕژہ، یمن پیٚٹھ حسنٕنی دستخط چھ
کتھاہ آیہِ تہٕ گیہٕ۔ مگر وُچھنس تانی آیہِ نہٕ ژاہ نوبت۔ تہٕ یلہِ
پتہٕ واریاہ کالی تمن شخصن پرٕژھکھ تِمو ہیوت نہٕ ہٹے۔ بامزِ پٕی
ہندِ دنہٕ موجوب کرے یہ ۱۹۰۲ء منز کاشری حکومتن مُلا محمودس
نشہ اَمِچ اکھ نقل حاصل کرنچ کوشش۔ مگر مُلا محمود یمِس نِشہ
حسن نقل اوٚنمُت اوس، اوس سٕری باژ ہیٚتھ افغانستان

---

[۲] تمن دوہن اُس بنڈہ پورہ پیٚٹھ پیدل وتھ گاندربلہ کنہٕ وائتھ شہر گژھان۔

گومُت[1] ("کشیرِ ہُند تاریخ" صفحہ ۳۹)

بہرحال حسن چھُ "ہی مال نٲگِرائے" سُند واقعہ امی تاریخہ منز کڈان[2] تہٕ امہِ دورہٕ کِس اَکِس پادشاہ راجہ بلدیوہٕ سندِس عہدس منز امیک نیب دِوان۔ راجہ بلدیوس، یمُو زِن بلہٕ پوٗر آباد کوٗر، متعلق چھُ سُہ لیکھان زِ ہی مال اُس اُمسٕنزی کوٗر۔ راجہ

---

[1] ۱۹۵۱ٔ منز کرِ یہِ محکمہ رِی سرچک اسسٹنٹ ڈائریکٹر صاحبزادہ حسن شاہن افغانستانہٕ اتھہِ پےٚ کڈنچ کوشش۔ تمہِ یُتھو اکھ چھٹھ افغانستانہٕ کِس حکومتس زِ کینہٕ سرکاری لائبریری منز ما چھ امہِ ناوُچ کتاب۔ تورہ یُس جواب آو، سُہ اوس یہِ زِ یتھہِ کُنہِ چھنہ امہِ ناوُچ کانہہ کتاب یتہِ نظرِ یوان مگر کشیرِ متعلق واریاہن کتابن ہُند اکھ انبر چھُ یتہِ یمن ہُنز ناوی چھ لیکھت تہٕ یمہِ پیٚٹھ زِ ناوہٕ خاطرہٕ سیٹھاہ محنت درکار چھَ۔

[2] حسن چھُ بیاکھ اکھ عشقیہ قصہ تہٕ نوٗن کوڈمُت یُس یمن ۳۵ ہن راوِمتیٚن بادشاہن سیتی تعلق تھاوان چھُ۔ سُہ گوٚو راجہ بمبوٗر تہٕ لولرِ ہُند لولہ نیائے۔ راجہ بمبوٗر یُس راجہ بلدیوس پتہٕ ژوُر پیرِ ۱۵۲۲ لہ کل جُگی منز تختس بیوٗٹھ، گوو پننہِ پترہ بیہِ کاکنہِ لولرِ عاشق۔ عشق ووت جنوٗنس تانی تہٕ سُہ لوٗگ راتھ دوہ معشوقس "لولرے تہٕ لولو" کرِتھ نادلاینہ۔ اَمِرِس موٗدی یم زِ عاشق اکی ساعتہ تہٕ یکہِ وٹہ زاملکھ۔ یہِ قصہ تہٕ چھُنہ بیہِ کُنہ تاریخس منز درج ولیکن کاشرین ہنز لکہٕ رِوایت چھ اتھہ یتہٕ "ہی مال نٲگِرائے" یکِ یاٹھی تائید کران۔ "لولو" تہٕ "لولرے" چھ سانین لکہ باتن ہندی زیرو بم بنے متی۔ عشقہ خاطرہ کاشُر لفظ "لول" تہٕ چھُ امی آگرہ دراُمت۔ یہِ لفظ چھُ یمن عاشقن لکہِ رِوایتن ہُند سُہ باج یُس تاریخ چو انصافیو باوجود یہند ناو ہرہمیشہ سرسبز تھاوِہ۔

بلدیو اوس راجہ گلگندر سُند نیچُو۔ راجہ گلگندر تہٕ اوس بلہ پورہ اُندی پکی راج کران۔ چنانچہ حسن چھُ اَمِس متعلق لیکھان زِ "اَمی بسأو نونگر ناوُک اکھ شہر۔ رٔنبہِ آرس دوشوٕنی طرفو بناوِن سُوتھی تہٕ یہ نالہٕ کورُن نِوہ شہرہ منز جأری۔"

اُتھو رٔنبہِ آرہ بُٹھِس پیٹھ بسأو اُمی ہندی نیچوِی بلدیون "بلہ پور" اَمِس متعلق چھُ "تاریخ حسنُک" متعلقہ اقتباس یہ ع

"در ۱۳۹۷ ء [1] کل جگی جانشین پدر شُدہ در عدل و داخت وسخاوت گوئے سعادت بُرد۔ و موضع بلہ پورہ آباد ساخت [2]۔ گویند راجہ بھیکم شہر یار اُجین بُود۔ والیٔ برائے تسخیر کشمیر توجہ کشیر یقین نمود و بلدیو بمقابلہ او بر آمدہ غنیم را در محاربت و مبارزت مغلوب ساخت۔ و دختر راجہ موسُوم بہ ہیمال دیوی بُود کہ بہ حُسن وجمال او یکے از قوم اجنبہ موسُوم بہ ناگی ارجن عاشق شُد۔ عاقبت بعد مشقت باہم دیگر عقد مواصلت بستہ باز و مفارقت انجامیدن۔ قصہٕ آن پنڈت رتنا گر طویل مے نگارد و ہر کہ را خواہش باشد از متنِ آن جوید۔ پنجاہ و سہ سالہ حکومت کردہ انتقال نمود۔"

(تاریخ حسن جلد دوم صفحہ نمبر ۳۲)

---

[1] آزادن چھُ اُتھ حساب بوزمُت تہٕ عیسأیی سنس منز ۱۷۰۳ اقم درج کورمُت

[2] بلہ پورہِ کیو گریستیو چھُ میہ دوٗنمُت زِ اتھ وُڈر پیٹھ داندلاگان وِزہ چھ کُنہِ ساعتہ اتہٕ پرانہٕ زمانچہ کنہٕ تہٕ کترہ پھکی نیٚنہٕ نیران تہٕ کُنہِ ساعتہ بییہِ بیٚھی ہی چیز۔ خُدا زانہٕ اتھ چھا کانہہ تعلق راجہ بلدیو سندِس شہرس سیتی؟

محمد دین فوقؔ چھُ اتھ سِلسلس منز پننہِ آگروک ذِکر کرنہٕ ورأی یمہِ رنگ آمیزی سان قصہٕ پیش کوٚرمُت :-

"مشہور ہے ہی مال اسی (راجہ بلدیو) کی دختر بلند اختر تھی۔ ناگی ارجن نام ایک شہزادہ[1] اس ماہ لقا کی کششِ محبت کے باعث فقیرانہ لباس میں گھر سے کھڑا ہوا۔ اسی حالت میں وہ کشمیر کی سیر کے لئے بھی آگیا۔ ہی مال نے جب ناگی ارجن کو اصل حالت میں دیکھا تو ہزار جان سے اُس پر عاشق ہو گئی۔ باپ سے التجا کر کے اُس نے اپنے سوئمبر کی رسم مشتہر کر دی اور اس تقریب کے موقع پر ہی اُس نے فقیر کو شادی کے لئے منتخب کیا۔ اگرچہ بلدیو نے اُسے حقیر سمجھ کر لڑکی کی مخالفت کی، لیکن ہی مال کے اصرار پر خاموش رہا اور اُس کی شادی ناگی ارجن سے ہو گئی۔ کچھ عرصہ کے بعد ناگی ارجن کی پہلی بیویوں کی سازش سے اس جوڑے میں ایسا تفرقہ پڑا کہ عرصۂ دراز تک ہی مال اپنے شوہر کے فراق میں سرگردان و پریشان رہی۔ آخر کسی حیلہ سے ناگی ارجن کے گھر پہنچی اور اُس کی مصیبتوں کا خاتمہ ہوا۔" ("تاریخ کشمیر" فوقؔ حصہ اوّل صفحہ ۸۷، ۸۸)

حسننہِ امہِ رنگہٕ کھُلہٕ دِلہٕ اعلان کرنہٕ پتہٕ زِ یس یہِ قصہٕ تفصیلہٕ سان وُچھُن آسہِ، تس پزِہ ترجمہٕ "رتناکروک" متن وُچھُن۔ چھُ تسندِ وَننس پیٹھ شک کرُن بڑہٕ کرِیوٗٹھ گژھان[2]۔ مگر افسوس

---

[1] حسنن چھُ لیوکھمُت زِ ناگ راے اوس "جنؔن" ہندِ قومہِ منزٕ۔ مگر فوقن کتھہِ بُنیادس پیٹھ چھُ لیوکھمُت زِ سُہ اوس شاہزادہ، تہٕ چھُنہٕ تمیُ وُنمُت۔

([2] دوٚیمس صفحس پیٹھ)

چھُ زِہ یِہ ترجمہ چھُ فی الحال تاریخہ چوٗ اُچھوٗنِہ غیب۔

## اندرونی شہادت

اُوتانی آیہ ینیٚرِ موٗ شہادتو تہٕ کتابی گواہی ہنزِہ کھوٗچہ پیٚٹھ امِہ دلیلہِ ہندِس تاریخی پزرس پرکھاونٕچ کوشش کرنہٕ۔ مگر پڑھن کمن ہند تاریخی مقام مقرر کرنہٕ وِزہ چھُ کتھہِ ہندین اندرونی شہادتن تہِ وٕون دِین پیوان۔ وٕنکیٚن یتھ صورتس منز یِہ کتھ اسِہ تانی واژمژ چھ، تتھ متعلق چھُنہ کانٛسہِ شک زِہ پزرہ کُس دودس چھُ افسانک آب تیوٗتاہ ہلہِ ناونہٕ آمُت زِہ ووٕنی چھُ دود تہٕ آب بیوٗن بیوٗن کڈُن سیٚٹھاہ کٕڈر۔ مگر یُدوٕے صبرہ سان اتھ شوٗرہ بٔنس پھیرُ دِنہٕ ییہِ۔ تہٕ پیٚٹھہ پیٚٹھہ یوٗس گرد اَتھ سے ہڑ چھَ سو ییہِ دِنہٕ نہٕ۔ تیٚلہِ چھُنہ پزرچن تیٚمبرین ہُند ڈرینٛٹھی یُن مُشکل

---

ٹیٛمِہ منفکُ فٹ نوٹ: سٹائن چھُ "پانژہ ترٛہن" راوٕمتین بادشاہن ہندِس دریافتس متعلق شک کران۔ مگر یِہ چھُنہ خبر زِہ تمیٛ اوساہ "تاریخِ حسن" وُچھمُت یا حسنس سٕتی گفتگو کوٚرمُت۔ صوٗفی تہٕ چھُ اَتھ بیانس شک کران۔ مگر یِتہٕ پانے لیکھان زِہ ہرگاہ "پانڈو لرین" تہٕ "ہی مالہ" متعلق مقامی لکہ کتھو تہٕ رِوایتن کُن وُچھو، تیٚلہِ چھُ حسنٕنس بیانس منز پزرچ زتین زندہ گژھان (صوٗفی "کشیر" جلد دوم ص ۳۶)۔ پی، این، کے بامزئی تہٕ چھُ پژھی رائے ظاہر کران۔ حسنٕنہِ بیانہٕ مطابق آسی یِم بادشاہ پانڈون ہندِس سِلسِلس سٕتی واٹھ تھاوان۔

مگر یہِ کاٗم چھ بڑٕ احتیاط چھ تہٕ اتھ منز ییہ لازمی طور کنۍ نتہٕ کنۍ شابہ ظوٗن تہٕ قیاسک مقام۔ بہرحال کینژن موچن کتھن ہُند سام ہیٚتھ اَتھ کتھِ پیٚٹ کالس سیٚتۍ واتھ دِنچ کوشش کرنس منز راوے نہٕ کینہہ۔

از کل چھنہٕ تمن تاریخ زانن والیٚن ہنز کمی، یِم زان) اتھ کتھِ منز سرفہٕ ہنزہٕ تہٕ ناگی دایہ ہندِس واٹھس پرانیٚن کاشرٚین باشندن یعنی ناگاہن سیٚتۍ واتھ دِوان چھ۔ ناگ تہٕ پشاچ اَسہِ آرین ہندِ کشیرِ منز اژنہٕ بروٗنہہ یٚتکۍ اصل روزن وٲلۍ۔ چنانچہ اَتھ سِلسلس منز چھ "نیل مت پرانگ"[1] یہِ قصہ وارِیاہ پرٛوٗد تراوان۔ یٚتہٕ زن کشیرِ ہندِس زمس یِنس تہٕ "ناگاہن" اولہٕ پیٚٹھے بِلہ دن روٗزمُت چھ۔

"یتھ سَرس اَسی ستی سَر ونان۔ ستمس منوٚنترس زمانس منز تجۍ جلدیوٗن (دایہ دیوٗن) یٚتہٕ تباہی۔ کیشپن، یُس سارنی "ناگاہن ہُند سردار" اوس، بوٗز یہِ کتھ ییٚنہٕ رِنس نیٚچوِس نیلہٕ ناگس[2] زٕشہ۔ کیشپ اوس

---

[1] "نیل مت پران" چھ کشیرِ ہندِس پرانس تاریخس منز روایاتن ہُند سارُوی کھوتہٕ قدیم تہٕ مستند آگُر۔ کلہنن (زمانہ ۱۲ ہِم صدی عیسوی ہُند وسطی) یمہِ وزہ "راج ترنگنی" لیچھ۔ تمہِ وِزِ تہٕ اَسہ یہِ کتاب تس نظرِ تل۔ امہِ کِس اصلس متعلق چھ روایت زِ ناگن ہندی نِشہ "نیلن" دِژ یہِ یٚتہٕ کین بسکینن تہٕ وٚدن نکھ زِ ہرگاہ تِم اَتھ منز درج منترن پیٹھ عمل کرن، تمن پودِ نہٕ کانہہ بد اثر۔

[2] یہِ نیلہ ناگ گژھہ نہٕ گوژھ یتھرِ ہندِس نیلہ ناگس سیٚتۍ کنی زانُن (بقیہ دوٚیمِ

امہِ وِزِہ شمالی ہندوستانس منز۔ تمہٕ ٘یوٗز بہٕ تہٕ اُمس بدکارس منزا دِنگ سنز کوٗرُن۔ سہٕ گو برہماہس نِشہٕ اتھہٕ رٹِہ خاطرہ۔ دُعا پیوٗس قبول۔ برہماہ سِندِہ حکمہ سیتی آیہٕ سارِی دیوتا ستی سر تہٕ کونسر ناگ[1] کین تھدین کوہ ٹینتالین ییٹھ زوٗدی مورچہ گنڈِتھ دیون کوٗر سرہ منز نیرنس نکار۔ وِشنو اوتارن ووٚن پننِس بھائیس بلبھدرس سرھکہ ناوُن۔ تمہٕ کوٚر پنہٕ نہٕ الہٕ بھالہٕ سیتی کوہن رُد-آب دٚراو، تہٕ دیو کوٚر کھ مارِہ۔ کیشپن ہیوٚت امہِ پتہٕ کشیرِہ منز لسُن بسُن۔ تس آیہٕ وارِیاہ زنانہٕ یمن منز اکھ ناگا ہو منزہ تہٕ اکھ پِساچو منزہ اُس۔ ناگاہن سیتی کرُ دیوتاہو تہٕ ییتہٕ لبستی۔ تہٕ وارِیاہ دیوی

---

پتمہِ صفحک بقیہ فٹ نوٹ: (ییتھہٕ پاٹھی کینژن کتابن منز کرنہٕ آمُت چھُ) بلکہ چھُ یہٕ ویتھہِ ہندِہ آگرُک (ازکل کہِ ویرناگُک) اصل ناو۔ "راج ترنگنی" سٹائن۔ کتاب اوّل صفحہ ۵)

[1] کونسر ناگ، وِشوہ ہند آگرُ۔ بلہ پورہ پییٹھہ جنوب مغربہ کُنی ییوے میل وُہنہ ۲ مرہ۔ "راج ترنگنی" منز چھُ اتھ "وِشنو پد" ناو لیکھنہٕ آمُت دپان یہ چھُ وِشنو سِندِہ کھورہ سیتی پیدہ گوٚمُت۔ اِمِچ شکل چھِ کھورِہ چہ شکلہِ سیتی ہِشر تھاوان۔

[2] "کتھا سرت ساگر" کِس انگریزی ترجمہ نگار پینزیر (PENZEER) سُند خیال چھُ زِہ اُزکِس کاشرس منز چھُ "پیچھ" دراصل پِشاچن ہندِہ ناوُک بنیب دوان۔" SEA OF TALES" جلد اوّل صفحہ ۲۰۵، ۲۰۶) پینزیر چھُ لیکھان زِہ پِساچ اُسی یورِ وسطی ایشیا کہِ ختن جایہ ییٹھہ آمتی تہٕ تمن متعلق چھُ کتھن منز آمُت زِہ تم اُسی نیوٗ لُوی ماز کھیوان (بقیہ دوٚیمس صفحس ییٹھہ)

گیہِ دٔریاون ہنزِ شکلِ منز پیٹھہِ آباد۔ گوڈہ گوڈہ اُس یتہٕ شیٖن[6]
رٕیتن بستی لگان۔ تہٕ کیازِہ یتیٚن اوس ناگاہن کنہ تانی پیٹھ نادرامن
گژھت دوہ مُت۔ تمیٚ اُس وندہ کیٚن شیٖن رٕیتن ناگاہن پشاچن
سیٚتھ بسٕتی کرنٕچ گیڈ کرمٕژ۔ تِمن شیٖن رٕیتن اوس نہ یتہٕ بیہِہ
کاہہ روزان۔ پتہٕ یلہٕ ژوٚر یگ گذرے یہ، اَدٕ کرٕ نیل ناگن
داریاہ پوٗزاہ تہٕ اَدٕ آو تس "نیل مت پوٗران" دِنہٕ۔ یتھ منز
لیکھت منترن پیٹھ عمل کرنہٕ سیٚتی مُلکس سخت سردی تہٕ پشاچو
نِشہِ نجات لوگ[1]۔" (بامزئی "تاریخ کشمیر" صفحہ ۱۰۵ تہٕ ستائی صفحہ
"نیل مت پرانچ" اکھ روایت چھہ یتہٕ کٔس جغرافیہس تانی
یمن "ناگ" گکن سیٚتھ واٹھ دِوان۔ امہ مُطابق :۔

---

یمہٕ صفحُک بقیہ فُٹ نوٹ : تہٕ قبرستانن تہٕ آودٕنیٚن منز روزان ــ
مہابھارتس منز چھہ تِم شمال مغربی ہندوستانکی روزن والی باونہٕ آمتی۔
(دیٖپنزیر۔ جلد اوّل صفحہ ۲۰۵)

۱ حسن چھُ اکھ سِلسِلس منز رتناکرُک حوالہ دِتھ لیوکھمت :۔

"مترجم رتناکرمی نگارد، در زمانۂ قدیم میانِ گلستانِ کشمیر دیوان و
داکھشنان بودو باش می داشتند۔ چنانچہ تعطادلو تاراج جلدیو و محاربہ او
باسہ کادن مشہور است۔ وبعد انعدام جلدیو خلقتِ نوعِ انسان درینجا فراہم
شدہ... از دست دیوان آزاد میدیدند و مردمان ہمگی) درموسمِ تابستان
درینجا آمدہ زراعت وکشاورزی میکروند۔ درموقع زمستان بخوفِ کثرتِ برف و
باران وہولِ دیوان وداکھشان باز بہ ہندوستان میرفتند۔"

("حسن" جلد دوم۔ ص ۱۱۱)

"The mountain ranges enclosing the Valley to the north and south are compared to the arms raised by the personified Kashmir above the heads of supplicant Nagas."

(راج ترنگنی" سٹائن، کتاب نمبر ۱، صفحہ نمبر ۳۰۔ نوٹ نمبر ۳۱)

سٹائنن چھُ پُختہ خیال زِ ترٛیمِ تہٕ ژُورمِہ صدی ق م منزٕ اوس یتہِ "ناگن" ہُند مذہب رائج۔ بیاکھ اکھ مؤرخ جیمز فرگوسن چھُ "ناگ" تہٕ کشیرِ متعلق لیکھان۔ تہٕ کتھِ وارٕہ پھُٹ کڑان :-

"The Nages were not originally serpents but serpent worshipers, an aboriginal race of Turanian stock, inhabiting north India, who were conquered by the Aryans. Dr; C.F. Oldham is of the opinion that the Nages claimed descent from the Sun and Takshicila (Taxila) was there chief city." [1]

یتھٕی پوت بہٕ کینژو مورخو چھُ اتھ کشیرِ ہندِس مخصوص فلسفہ "شِو ازمس" سیتؠ تہٕ تارہ کانٛج پلہٕ ناوِمژٕ۔ کے، آر، سیٹھرامینن چھُ ونان :- "ناگا اعتقاد چھُ شِو مذہبس سیتؠ وابستہ۔" [2]

---

[1] پی، این، کے بامزئی "کشیرِ ہُند تاریخ" ص ۴۲، ۴۳

[2] "Origin of Shivism"

یہِ کتھ چھَنہٕ اوٚتاٲنی محدود۔ بلکہ چھہٕ تاریخک سریہِ پڑٕزلنہٕ پتہ
تہِ یتہِ "ناگ" لوٗکن ہنز موجودگی ثابت سپدان۔ بُدھ مذہب
کتاب "Mahavamsa" چھ ونان زِ یُس زِن مہاراجہ
اشوکن صلاح کار موٗغلی پوتاتیسا (Moggaliputta Tisa)
کشیرِ بُدھ مذہبک وعظ پرنہٕ خاطرٕ آو۔ تمہِ وُچھ یہِ مُلک ناگا
بادشاہ ارہ ولاسندِس قبضس منز۔ یُس ڈونٹھ سیٹھی سرِین ہنزہ
سریہِ تباہ کرِتھ ہیکان اوس۔"

امہِ اپور یلہِ یتہِ بُدھ مت پوٗرہ پأٹھی قبول کرنہٕ آمُت اوس، تمہِ
وِزہ تہِ چھُ وَننہٕ یوان زِ گونندا سوئِم گوو پرٛون عقیدہ زِندٕہ
کرنس منز کامیاب تہٕ نیل مت پرٛان" کین منترن لوٗگ بییہٕ
چلے جاوٗ۔ اتھ سِلسِلس منز چھُ صوٗفی سُند یہِ بیان تہِ توجُہس لایق:
"کشیرِ منز بُدھ وقتہ برونہہ تہِ تمہِ پتہِ تہِ "ناگ" اعتقادٕچ
موجودگی چھہ ہاوان زِ یتِمک گوڈنکو بسن وٲلی آسہٕ ہن
تمو (Aborigines) یم آرین ہندٕ یِنہٕ برونہہ
سأرسی شمالی ہندوستانس منز پھیلے متی أسی۔"
("کشیر" جلد اکھ۔ ص ۱۵)

اتھ سِلسِلس منز چھِ سر والٹر لارنس ہنز یہِ رائے تہِ درج کرنس
لایق:-

"I cannot help noticing the important part which water springs and snakes play in the Kashmir Mythology."

ابتداہس منز کشیرِ منز مُروّج اعتقادس متعلق چھُ سُہ لیکھان:

"Originally, no doubt, it was ophite or snake worship."

(لارنس "ویلی آف کشمیر" ص ۲۹۹)

اوترٕ چ کتھ چھےٚ، یِلہِ ابوالفضل کشیرِ آو (وفات: ۱۶۰۲ء) زِ تمہٕ وُچھ کشیرِ منز ستھ ہتھ (۷۰۰) جایہِ ترٛٲوِ یِتہِ سرفن ہندی پتلہِ بناوِتھ اٲسی، تہٕ یمِن اوس پوٗزا کرنہٕ یوان۔ (آیینِ اکبری) مطلب غرض چھُ یہ زِ "ہی مال ناگو رایہ" ہُند ناگی راے، یُس "سرفہ" سُند اظہار بناوِتھ یوان چھُ، چھُنہٕ فقط خیالی یوت، بلکہ چھِ کشیرِ ہندِس اکھ پرٲنِس اساطیری (Mythical) فضاہس سیتی تُجتہ مناسبت تھاوان تہٕ یہِ چھُ کرنٛکھی پاٹھی امہِ ماحول چہ واجہِ منز برابر سیدان۔ کشیرِ ہندہِ تاریخہٕ کِس اکھ علامتی (Symbolic) فضاہس سیتی رلنہٕ کنہِ چھِ اکھ منز نوٚی معنی تہٕ نوٚی مفہوم پادہ گژھان۔ تہٕ اکہِ طرفہ چھُ یہِ تاریخس پزرُک وُشنیر پھران تہٕ بیٚہِ طرفہٕ چھُ تاریخ اکھ اعتبارٕچ سند عطا کران۔ تاریخ چھِ یمِن فرضی علامتن ہُند پٹھیُم دلیل اوٚک طرف تمہ اُوِتھ چھُنہٕ یہ وُچھُن محال زِ یہ کتھ چھِ دراصل تمہِ وقتچ پیداوار، یِلہِ بقولِ فرگوسن آریہ یور یتھ یِتہِ کین اصل باشندن مٲدان تہٕ رنجہ نظرِ وُچھان اٲسی۔ حسنہٕ بیانہٕ کنہِ تہٕ چھُ یہِ اَمے وقتُک بیان۔ یِلہِ زن یِتہِ آریہ پوٗرہ پاٹھی بادس آمتی اٲسی۔ تہٕ تموٚ اوس یِتکین اصل باشندن واتل، یچھ

دیون تہٕ درانٹھالن ہُند لقب دِیتمُت[1]۔ آریہٕ اٗسۍ یانس ناگن ہندِ
کھوتہٕ بھرِ ذاتٕ ہُند زانن۔ اَدٕ ہرگاہ گوڈہ گوڈہ ہیٖ مالہِ ہندۍ
ماٗلۍ ناگی راییس کوٚر دینتھروِنس پیٹھ ارہ سرہ کرٚی۔ یہِ چھُنہٕ کانہہ
تعجُب یا اگر کراٚیہِ ہیٖ مالہ وٚون زِہ ناگی رایہ چھُ واتٕل[2]، تتھ تہٕ
چھُ معنے۔ یِتھے کنۍ اٗسۍ آریہٕ یمِن مقامی باشندن سیٚتۍ وارِیاہ
حیرت العقل سحرٕ تہٕ جادوٗ منسوب کران۔ ناگی رایہ چھُ قدمس
قدمس پیٹھ یمِن کمالن ہُند اظہار کران۔

"ہیٖ مالی" یوت چھُنہٕ اکھ کتھ، یتھ منز "سرف" اِنسانن ہُند
زٕنت وٕلِتھ عشق کران چھِہ۔ بلکہِ چھِہ یم کشیرِ ہنزن پرانیٚن کتھن
منز، وِزِہ وِزِہ انسانن ہنز شکل اختیار کران۔ "راج ترنگنی"
منز چھہ "شیش ناگچ" روایت اِمِچ اکھ شہادت۔ "کتھا سرت
ساگرس" منز چھہ اِمہ قسمِچ وارِیاہ کتھہ۔ اَکِس جایہِ چھُنہٕ سرفہٕ سُند
رُوپ تہِ کینہہ۔ بلکہ چھُ "ناگ" کرانیٚک اکھ شخص کرتی سینا
اَکِس برہمن کورِ سوٗرِ وترتھاوِہ کل کڈِتھ تمِس سیٚتۍ ینہِ وول
کران[3]۔ اگر مُکن ہندِس تخیّلس منز وارِہ وارِہ "ناگ" ذات "سرف"
بنے یِہ، تہٕ ناگی رایِن تہٕ کوٚر یِہ رُوپ اختیار۔ سو چھُنہٕ لگہٕ کتھن سیٚتۍ
غوٚرِ تھاوَن والیٚن ہندِہ خاطرہ حیرت ناک[1]۔ سرفہٕ علاوہ چھُ
لہ (دوٚیمِس صفحس پیٹھ)

---

[1] "کتھا سرت ساگر" ترجمہ ینزیٖر۔ ص ۲۰۵

[2] صاحبزادہ حسن شاہ چھُ اَکِس مضمونس منز لیکھان "کشمیر کے اصل باشندے غیر آریہ تھے جنہیں پشاچ اور ناگ کہا جاتا ہے۔ یہ لوگ راکھشس یا سانپ نہ تھے۔ یہ تو صرف آریائی تحقیر ہے۔ کشمیر جب پوری طرح آریاؤں کے قبضے میں آگیا تو برہمن ادب اور دیومالا میں یہاں کے باشندوں کا فوق العادت خلقت کی حیثیت سے ذکر ہوتا رہا۔" (تعمیر دسمبر ۱۹۵۲ء)

[3] "کتھا سرت ساگر"۔ ینزیٖر جلد اکھ

ناگی رایس جنٕ تہ واتِل تہ آمُت لیکھنہ تہ امہِ سیتی چھہ کُنی کتھ ثابت گژھان۔

دٔیم شہادت چھہ ہی مال تہ ناگی رایہ سنزِ خاندرٕ کہ طریقہ سیتی بہم سپدان۔ اتھ طریقس چھہ "پرانن" منز "گندھروا" (Gandharva) طریقہ ونہٕ آمُت۔ یہِ چھہ سویمبرکس طریقس سیتی رلان۔ تہ امیک طریقہ چھہ زہ مہارینز چھہ مہارازس پوشہ گونٛد کلس لایان تہ توہ پتہ چھنہ منتر پرٛھنک تہ باقی رسمن ہُند کانہہ ضرورت روزان۔ خاندرٕکی اٹھ طریقہ یم آریو بناوِمتۍ اسی، یہِ چھہ تمن ہندین ژورن لیست درجہ کین طریقن منز اکھ تہ یہِ چھنہ کھترِ ذاژ ہندین ناپسند۔ منو چھہ امِچ تعریف نومن لفظن منز کران:۔

"The voluntary union of a maiden and her lover one must know

---

(بقیہ فٹ نوٹ:۔

؎ رٕوسی لوک کہاینن متعلق یہِ بیان وُچھو:

"He (beloved) flies as a snake into his mistress's bower, stamps his feat on the ground beutiful gallant."

——— Ralston's Russian Folk-TALES. P. 65.

اتھ سلسلس منز چھہ "انسائیکلوپیڈیا برٹینکا" ہس منز کروک (Crook) سُند مضمون "شمالی ہندوستانچ لکہ روایت" (Folk lore of Northern India) تہ واریاہ نیہ کتھ باوان۔
نولٕرن چھہ تبتی لوک کہاینن متعلق تہ شے واریاہ روایژ بیان کرمژہ۔

(to be) Ghandharva rite, which springs from desire and has sexual intercourse for the Purpose."

(Penzeer: Vol: 1. Page 87)

سری پتی رائے چھُ اتھ رسمس متعلق لیکھان:

"The ceremoney Consists in an exchange of garlands and flowers between bride and bridegroom without a nuptial tie."[1]

یہِ طریقہ اوس پرانہِ زمانہٕ تمہِ وِزِہ اختیار کرنہٕ یوان یلہِ اولاد مألِس ماجہِ بێیٹھی نیرِتھ مس مِیل کرِہ ہے۔ چنانچہ ہی مالہِ ہندِس صورتس منز چھُ یہِ سورٕوی سپدان۔ تہٕ امہِ سٕپتی چھُ واریاہن کتھن کُن اِشارہ لگان۔

"ہی مالہِ" منز چھُ "ستی" ہنزِہ رسمہِ ہُند تہِ دخل۔ مہابھارتس منز چھِ "ستی" ہنزِہ مِثالہ نظرِہ گژھان۔ تہٕ چونکہ "ہی مالہِ" ہُند زمانہ چھُ مہابھارتہٕ پتے۔ لِہٰذا چھُ یِتہِ امہِ رسمُک رأیج آسُن ہیُن لایق۔ کلہنَ ہندِس بیانس منز چھِ "ستی" ہنزِہ بیہِ واریاہ مِثالہِ لبنہٕ یوان تہٕ یہِ چھُ ہاوان زِہ یِتہِ اوس یہِ رسم بڈٕہ مُروج۔ کأشرِہ زبأنی منز چھِ "ستی" "گژھن واجنہِ زنانہٕ" "گتٕرِن" وَنان تہٕ یہِ لفظ تہِ چھُ امہِ

---

[1] Customs & Customary law in British India by Sripati Roy. Edition: 1908.

رسمہٕ کرٕ پرٛون آسنُک خاموش شاہد۔

بہرحال ییٚتھ کٲنٛہہ زن میٚہ بوزنہٕ تہٕ وۄنۍ زہ امہٕ کِتھہٕ ہنٛد اظہار چھُ زمانن واریاہ تبدیل کوٚرمُت۔[1] لہٰذا امہِ چَن اندرونی شہادتن ہُنٛد ذِکر کران کران چھُ قیاس کیٛن سرحدن منز بے شونکی پاٹھی کھور اژان۔ مگر امیُک مطلب گوٚو نہٕ یہِ زہ اتھ سِلسِلس منز گژھن نہٕ سانٛی عالِم تہٕ تأریخ دان ہیٚنۍ توجہ خرچ کرنی۔ بٔڈۍ عالِم تہٕ ماہر تاریخ دان ہیٚکن اتھ گتھِ دٕل چھل دِتھ تارخِس نکھہ اَنِتھ۔

## ۸۔ "ہی مال ناگی رائے" کاشرِس منز

ہرگاہ دٔرٛیرکِس مُلّا اشرف بُلبُل سٕنٛز مثنوی اتھ یِیہ ہے، سو اُس فارسی نظمس منز اِمِچ سارٕوی کھوتہٕ پرانٛی شہادت تہٕ تمہِ سِتی نیرہن واریاہ مُترٕکی۔ بہرحال صدرالدین سٕنٛزہ مثنوی پیٹھ چھہ ولی اللہ مُتِس علاوہ سیف الدین تارہ بلی تہٕ طبع آزمائی کرمٕژ۔ تمہٕ سٕنٛزہ مثنوی ہنٛد ناو چھُ "سحرِ ہلال"۔ مگر یہِ چھہ ولی اللہ سٕنٛزِ مثنوی پتہٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔ چنانچہ سُہ چھُ پانے لیکھان ع

سپُن واعظ دہی عازم سُہ جازِم
ولی اللہ تمیُک ناظِم مُترجم

تمہٕ چھُ امہِ مثنوی ہنٛدِ لیکھنُک تأریخ دِتمُت۔ یُس یمہِ شعرہ نِشہِ حاصِل سپدان چھُ ع

سپُن درسالِ فارغ مالہ اتمام
فراغ بال یاراں فال انجام

ابجد حساب چھُ امہِ سِتی ۱۲۸۱ھ یعنی ۱۸۶۴ء حاصِل سپدان۔

[1] دوٚدرٕ کرنٛدس یا ناگس منز ژھانٹ وایِنس چھُ گینٛزرٕ وِیہ معنے کوٚدمُت زہ ناگا اُسہِ نہٕ دۄد دس نز دیکھ گژھان تہٕ نہٕ آسہٕ ژھانٹ وایِن تگان۔

حالانکہ ولی اللہؔ ہِن مثنوی اُس امرِ برۄنہہ لیکھنہٕ آمٕژ۔[1] لہٰذا چھُہ تأریخی حیثیتہٕ تہٕ سہٕ دۆیُم شاعر یمُو کأشِرس منز مثنوی ہنٛدِس مِنفس پیٹھ قلم تُل۔

## ۹۔ تنقیدی نظر

ولی اللہ ہنٛزِ مثنوی ہُنٛد سادٕ ری کھوتہٕ بۆڈ وصف چھُ اِمچ سادٕگی، میٖچھر تہٕ روانی۔ تمہُ چھُ تیٚتِس سیٚدِس تہٕ سادس اندازس منز یہٕ مثنوی بیان کرمٕژ زِ کُنہِ کُنہِ ساعتہٕ چھہ اتھ منز تِمہٕ سادٕ حُسنچ دُرِ ہلہٕ پریٚوان تہٕ اوان لبنہٕ یوان، یمہٕ لوک شاعری ہنٛزٕ خصوصیت آسان چھہ۔ چنانچہ سیف الدین تارٕ بلہٕ تہٕ چھُ تمہٕ ہنٛزِ زبأنی ہنٛدِ میٖچھرمک اِقرار کران ع

سہٕ کأنی طبعہ صأفی نکتہ داتن — یہٕ دأنی اِستلاتی شعر خوانن
بیٚتھوٕ تس[2] فأرسی نظمس چھُ میٖچھر — یمِس[3] رس کأشرِ یکعزمس چھُ زیٚچھر

---

[1] اتھ دورِ منز چھ تمِس پیٹھ فقط محمودؔ گأمیس اوّلیت حأصل۔ محمودؔ گأمین آسہ تمہٕ دِژٕ "لیلےٰ مجنون"، "شیرین فرہاد" تہٕ "یوسف زلیخا" لیچھرِژہ، یمن ہُنٛد ذکر ولی اللہ ہِن کوٚرمُت چھُ۔ محمودؔ گأمین چھُ پننہِ اَکِس مثنوی "شیرین خسرو" کِ سالِ تأریخ یِتھ کُنہٕ دِیتمُت ع

برُوزِ چار شنبہ ماہِ صفر — بہ کشمیری زبان گفتم خوشتر
ہزار و دو صد بُود از یکی کم — گذشتہ ہجرت سردارِ عالم
یعنی ۱۱۹۹ھ

[2] مراد صدر الدین وفائی [3] مراد ولی اللہ متو

ولی اللہ ہنز سادگی ہُند اندازہ کرنہٕ خاطرہ چھ سیف الدینن مثنوی نظر دِنی ضروری۔ یتہِ سیف الدین پرٕ یتھ شعرس منز تہ صیع تہٕ باقی صنعتن ہُند سامانہٕ پأران چھُ، ولی اللہ چھُ سادگی یوت پننہِ گہنہٕ بناوان۔ سیف الدین چھُ شعرن منز بڈی بڈی فارسی لفظ انان تہٕ تِمن قافیہ وار ترتیب دِنس منز پننہِ سورُی زور خرچ کران ولیکن ولی اللہ چھُ پرُخلوص اندازِ بیانہٕ سیتی تاثیر پادہ کران۔ یہوی وجہ چھُ زِ یتہِ سیف الدینٕنی وارِیاہ شعر لفظی کھرٕین منز بند گژھِت بے معنی چھ گمتی۔ ولی اللہ ہنز شعر چھ وُنہٕ سادگی ہندِ سرِیہہ سیتی ساد وار تہٕ جذبہٕ کرِ وُشنِرہ سیتی زندہ۔ امیُک نتیجہ چھُ یہِ دُرامت زِ یتہِ سیف الدینٕنی مثنوی (حالانکہ یہِ چھ ولی اللہ ہس پتہِ لیکھنہٕ آمژ) المارٕین منز گردِہ بڑی گامژ چھ۔ ولی اللہ ہنز مثنوی چھ گھرٕ یتہِ گھرہ مقبول تہٕ وُنہٕ چھ یہِ مجلس گرماوان تہٕ دِلن فرحت بخشان۔

یتھہِ کنیٚ زن وننہٕ آو، ولی اللہ ہنز سادٕی کھوتہٕ بڈ خوُبی چھ تسنز سادگی۔ سُہ چھُ عام تہٕ نوٚتی کاشرِ لفظ استعمال کران۔ یتوی یوت نہٕ بلکہِ ہر گاہ تسندِس شعرس منز کانہہ فأرسی لفظ تہٕ چھُ یِوان۔ تتھ تہِ چھنہٕ ثقل تہٕ گوبُر آسان؛ بلکہ چھُ سُہ سہل۔ موٚدُر تہٕ دِل لوبہٕ وُن آسان۔ نوٚمن کینژن شعرن منز ہیکن یِم خصوصیژ پرٕزہ نادنہٕ یتھ ع

بنیمژ اُٹھ وُرشی شیٹھ وُرشی سینٕمژ تس کھنز تانی نیزہ برشی

ونے کیاہ یانی دوٚش تے نالہٕ ترادان تسبس نیندرتہٕ نیہہ چھے رادہ راوان

ہ میٔہ کھوٚت کیاہ کاوہ راہ رُوشِتھ ژوٚلُم یار ۔ وہ کیتھ گُزارسی وادہ پھوٚلُم یار

---

گژھان وۄتھ کھیٚتھ چھےٚ ہیے تال بیدار ۔ وۄنتھ کیاہ ! مور بِتھن کُسؔ کیا کوٚرتھ کار
مے ہے ہے فوٚرہمو ہے ہے مے فوٚرہم ۔ مے دِلبر مور تِھم تے دِل کُترِ تِھم
اُمی کُڈنس بوہ کرانے بلہٕ پوٚرے ۔ اُمی مے زلہٕ وُن ژھن نار موٚرے

---

تمنا چھم ژلن مے غم تہٕ غوصہٕ ۔ کرانی بوہٕ درخلوت بوہ لوسہٕ

---

مُبارک رُت مرض چھےٚ ہی مالے ۔ کھُند تامتھ غرض چھےٚ ہی مالے
بلی ڈُلی ڈُلی ولے تس کرتہٕ خاوند ۔ زیٚوآنی کوٚر ملیتھ کرتہٕ خاوند
تِمس کیاہ چارہ چھُوی یس کوٚرزآیی ۔ حقاہ کرتس اکھاہ اتھ ژکھ نہٕ آیی

---

کینژن باتن منز چھےٚ سادگی تہٕ فنی احساس تتھ اعجازس وۄتمُت
زِہ شعرک سُہ نمونہ چھُ تیار سپُدمُت، یُس لکہ باتو ہِندِہ بدلہٕ نکھ وسہٕ ۔
ہ سلاماہ یوٚرہ کرُنس آفتابو ۔ علیکم توٚرہ کوٚرنس میانہٕ بابو

---

عہ دوٚپُن تس دِیدنی اندر للہٕ وۄتھ

---

بہن ژُندرن تہٕ وۄنی ماجی بنی مے ۔ ترا دہمہٕ ژادتے چھک آشنی مے

---

یِمنا واد چوٚنوی ناو بادِیم ۔ یِمنا کاو چوٚنوی خانہٕ ہادِیم

---

بوہ باوَے راجہ بابس ولہٕ ویرِس — ونے نتہٕ بابرَس ٹاٹھِس وزیرس

---

یوہ ہَے ہے چھُم یوہ ہے ہے چھُم پنٕنۍ یار — یوہ ہَے گوڑھ میٚر گڈھِ چھُم نَمے ڈھرہٕ دیار

---

دپان چھہٕ عاشق و معشوق میٹھی — یہٕ میلُن سعون یدٕ وَے رات زیٹھی

---

سہ چھے درباغ شاہی میوٚن ہیٚتھ غم — سہٕ میونوٚی عید تَے سوٚی میوٚن ماتم

---

مہ ژل وونی اسہٕ نشہٕ ہاوِتھ مہ ژل وونی — غریبن دِل مُہتھ، شیل ہیٚتھ مہ ژل وونی

---

مَتو ژلتم سِتم ہا چون فش گوم — ژلُن چونُوی اڈہٕ لیٚک ہا میٚہ خش گوم

---

لگہ باُتن ہنز خاص ادا چھِہ نہٕ تہنز سادٕہ زبانٕۍ یوت آسان بلکہ چھُ یہٕ معاملن ہیٚنٛڈ نظر تراونُک اکھ خاص زاوِیہ تہٕ زبانٕۍ سیٚتۍ باونُک اکھ بیوٚن انداز۔ امیُک استدلال تہٕ گفتگو تہٕ چھُ جُدا اظہار تھاوان۔ ولی اللہ ہن چھُ پننہٕ مثنوی منز اَکِس شاہہٕ بدخوٗ کہِ لیہ ہندین عامن ہیٚنٛڈ قلم تُلمُت۔ امیُک اندازِ بیان، زبان تہٕ استدلال چھُ سوٗرُے لگہ باُتن ہنزہ تتھ لیہ سیٚتۍ ہم آواز، یُس یہٕ دِلن منز جوٗد وُزہ ناوان چھُ۔ امہٕ منز یِمہٕ تشبیہہ ورتاونہٕ آمژہ چھِہ، تِمہٕ چھِہ خاُلِص کاُشرہ تہٕ ییتہٕ کوٚی آب و رنگ ہیٚتھ ع

اَکِس اَشِنیٚن کرِتھ آرام وجانان — بنِیس مانان یہوے تس سوی نہٕ مانان

اَکِس باغاہ دِتھ تِس باغ دِل ڈوٗل    بێیِس داغاہ زھٕنٛت گھر تفرقن ڈوٗل
اَکِس آشێنٛز چھےٚ روزان پیالہ بردار    بێیِس پیادہ انان بردار بردار
اَکِس آشێنٛز وَنان وۄتھ بالِنوٗی ییون    کٔنیزی چھس بوٗ ونٛدے بالِنوٗی کرٛون
بێیِس منگان جُدایی مہرہ تہٕ مال    وۄ کھوٗ بدبخت ژھاران چھُوی کوٚٹھ وال
اَکِس آشێنٛز انان کیاہ آبرٕو یاہ    بێیِس پیمٕز سِتم گر دیو نٕو یاہ
اَکِس آشێنٛز چھہ اَسِتھ منزٕ چھاوان    بێیِس آشێنٛز نہٕ اَسِتھ یان وَندان
اَکِس آشێنٛز چھہ آسان رٕشہ بوٗنی    بێیِس وۄف وۄف کران برتل چھہ ہوٗنی
اَکِس آشێنٛز گگر زن چھی دغادار    فلِہ فلِہ نِتھ کرُس خالی سہٕ بازار
اَکِس آشێنٛز چھہ ڈٕدی ڈٕدی گڈی کرانی    سہٕ تِس بیمار لاگِتھ چھےٚ فرانی
اَکِس آشێنٛز تُکر زن ٹھہ یہ لایان    بہ نرمی مطلب خوٗد ساز وایان

---

وَلی اللہ چھہ ڈرامایی کیفیت تہٕ بیان کرِتھ ہێکان تہٕ تضادکی پہلو نٔنی کڈِتھ چھہ سہٕ پننٕ اظہار پُر اثر بناوان۔ یلہِ فقیر لسِتہٕ منزٕ سُرف ہێتھ یوان چھہ تہٕ کولِس حوالہ کران چھہ۔ تتہٕ چھہ ناگی لاے نیران۔ زنانہٕ ییتھ کٔنی گرہ واکی شُند سریٛہ پھیران چھہ۔ یہ تصویر چھہ وَلی اللہ ہن پیش کرٕمٕژ۔ بێ اختیاری منز چھہ سو پرینِس "مول تہٕ موج" وَنان۔ تہٕ پتہٕ شدید جذباتی حالژ منز چھہ یہ فطری ردِ عمل سیٹھاہ لوبہ وُن باسان ع

نێبری کٔنی مرد کرِتھ دارِہ بر بند    زنان اندر وُچھان لُطفِ خداوند
دِیان مردس کنوٗی از روئے فرحت    بہ جان و دِل فِدا وُنی کرٕ ژےٚ یِتھ
مێہٕ وحشت اوس چولوٗی چھک زٕ قاتل    مێہٕ کر زو نٕم زٕ یِتھ قابل تہٕ عادل
مێہٕ کر زو نٕم زٕ مادر تہٕ پدر میون    نکو بد باوہی وَن ونٛدے کرٛون

یِیم نا بایہٕ ڈلیشم شہر یاری    یِیم نا مۄجہِ ڈیشم تاج داری
دِٕ لو گھرٕ والِہ گھرٕ والیو دِٕ لومہٕ ری    بخندہ ژھو دِمو دِٕ نی مُفلسی دُور
دِٕ لو گھرٕ والِہ اُنتھن کیاہ یِہ بتاہ    مۆکُل اکھ چیز چھُس منز باگ وستاہ
دِٕ لو گھرٕ والِہ رُت سوداہ ازِ یکہٕ مُدراد    اُتھی ونتم کتہِ یِتھ سازہٕ ہونٛز آد

---

"ہیٚ مال" یلہِ ناگُرایس وُچھان چھہٕ، تس چھہٕ بےٚ وایہٕ کرٛیکھ ژلان نیرِتھ۔ امہِ گرِہ یوسہ عکاسی ولی اللہ ہن پیش کرٕمٕژ چھہٕ، سُہ چھہٕ ژھۄٚٹوی، مگر بڈٕ حسین ع

یِہوی میٚہ چھم یِہوی مے چھم پنُن یار    یِہوی چھم یار تے معشوق دِل دار
اُمی چھم لُوٹ کوٚرمُت خستہٕ جانس    اُمی کھش کوٚر میٚہ جسمِ ناتوانس
اُمی چھس کرٕمٕژی بوٚ خستہٕ خراب    اُمی نیومُت چھہٕ میانیٚن دۄن اچھن خواب

---

ہیٚ مال چھہٕ ناگُرایہِ سُند تمنّاہ کران۔ تہٕ نوم نوم لاگی تہٕ نوزُکھ ارمان چھہٕ دِلس منز تس موج تُلان، ... ... ... یِم موج یمہِ رنگہ ولی اللہ ہن لفظن ہنزٕن ہانکلن منز بند کرٕمتہٕ رچھہٕ۔ یمن دِنوَ نٕہ جان شاعری تہٕ ادٕہ کتھ ونوَ ع

میٚہ خاباہ زن وُچھم پوٚز خواب نیرِیاہ    میٚہ باغس ناگُرایُن آب پھیرِیاہ
خُدایا کر بنیٚم پوٚز خواب نیرِیٚم    زمینس تادٕہ تھسی آب پھیرِیٚم
خُدایا کر میٚہ طالع راج آسی    سُہ ناگُراے میٚہ سر تاج آسی
خُدایا با ہزاران ناز وسازہ    میٚہ مہرِینٛہ یِیہ نا سُوی مہرازہ
گرِ ھیٚمنا سر تلے سوٚن دودٕہ موجی    بنٛیاہ میلُن اسہِ دۄن دودٕہ موجی

یِمنا لیلہِ ناگہ میلہِ موٚت میٚہ    بنِمنا بالہِ یارَن نالہِ موٚت میٚہ
دٔوپُن دایہِ خطس تعویذہ کرتم    میٚہ لولاہ بھرِتہ نالس سیتی مرتم

---

ناگی رایہ ہندہ دادہ چھ تس دانِج پھٹمژ۔ تس چھ تم آرزو ییم پریتھ کانٛسہ معشوقس آسان چھ۔ تہ تس چھ ارمان زہ یلہ بوہ مارہ موٚت ؤچھن ع

کریتا گُل رۄخس پیٚٹھ بوسہ تارے    گومُت میٚہ بُلبلس چھُری خارہ خارے
وَلے نا زُلفکو یا ٹھیٚن بوزے نال    ژلے کوٚت جانوارس میٚہ ژٹھ بال

---

وصلکہ سین چھ کاشرِ شاعرو واریاہن موقعن پیٹھ لیکھمتہ تہ اتھ منز چھک اکھ اکی ہندہ کھوتہ رنگ آمیز کرمژہ۔ ولی اللہ ہن تہ چھ پنژ نین سیدین سادن لفظن منز امیک بیان کوٚرمُت۔ مگر بے شرمی تہ عُریانی نِشہ دور روزِتھ تہ چھُ تمُی ہندس اظہارس منز کانٛی زُو ع

مُبارک عاشقانِ روزِ روشن    لشبہا پوش چھاوان تمِ بہ گلشن
براحت پانہ وانی تمِ زہ گیہ جُفت    ثنا خوان اکھ اکس کیاہ دوتا مُفت
چھُ واہ واہ شاکہِ مار اندر سمن یاد    بہ تنہایی تنِ تن میلہ وُنی یار
چھُ واہ واہ بیقرارن دون شمُتی گوُ    جیٚتِن دُون بالہِ یارن نالہِ موٚت گوُ
رِلہ ون لتس رِلہ ون سینہ سینہ    دوشین دُرانی بوسہ سین غوصہ کینہ
لبِ نوشین شیا شب تس زُھون تام    دِتنُ آبِ حیاتس زن تمی دام
دوانی تا پیہ سی نم از ہوا پیوو    زمین رحمتک بارانہ کیاہ چیوو

ناگہ راے چھُہ ہیٚمالہِ کُن نوٚمن میٹھین لفظن منز خطاب کران ؏

دوٚنی شربت دامہٕ ہیم چینی جامہٕ چانے    کھیمے نعمت دوٚنی خانہٕ چانے

لگےَ بوٚ ہیرہِ بوٚن چھک سوٚنہٕ سنزی    لگےَ بوٚ یاٚدی کیاہ چھک مأری منزی

لگےَ بوٚ سوٚری سامانس لگےَ بوٚ    لگےَ بوٚ روٚنہِ دامانس لگےَ بوٚ

---

یلہِ ہیٚمال ناگہ رائیس پتہٕ لگان چھہٕ زِ ژٕہ ونہٕ میہٕ پننہٕ ذاتھ۔ ناگہ رائیس چھہ ژکھ کھسان۔ سُہ چھُہ ہیٚمالہِ نوٚمن لفظن منز ژینہٕ دٕنی دِوان ؏

میہٕ سیتۍ دوٚرِیر کران چھک ہیٚمالی    مے تےٚ پانس فران چھک ہیٚمالی

ژٕہ میأنی تےٚ بوٚ چونُی آدنُک یار    ژٕہ زانکھ نہٕ میہٕ زونُم عشقُکۍ نار

دٔویُم ناگ ارزِن ہا ہیٚمالی    میہٕ ناے چھک پرٚزنِن ہا ہیٚمالی

---

یمہٕ وِزہِ ناگہ راے غائب گژھان چھُہ، ہیٚمالہِ چھُہ لوٚکھ گژھان امہِ وِزہِ تمۍ سندین جذباتن ہنز لیہٕ مناسب ترجمانی ولی اللہ ہن کرمژ چھہ، سو چھہ تمۍ سنزہِ شاعرانہٕ کمالچ شاہد ؏

وٕدن ہیوٚت تالہِ گٔژ ہیٚتھ ہیٚمالے    پشأنی اوٚش تراون ژالہِ ژالے

کوٚتو گوہم کوٚتو گوہم دِلہٕ یورُے    یتم نیرِتھ نتم پانس نِشہٕ تورے

ژےٚ روٚستوے پرنگسی پیٚٹھ شوٚب نو بہ    ژےٚ یہ روٚستوے نعمژن وٚون لوٚب نو بہ

---

ولی اللہ ہن چھُنہٕ اوٚرہ کینہہ یوٚرہ کینہہ تفصیلاہ جاٚدہ کُن کینہہ تہٕ دِیتمُت۔ اما پوٚز یلہِ نصیحت کرنُک کانہہ موقعاہ یوان چھُہ، سُہ چھُہ

---

ہ۱ بٔس صفحس پیٹھ

اصل کتھ نشہ ڈلان۔ تہٕ دُنیا فأنی آسنُک سبق دِوان۔ اتھ چھنہٕ
کانہہ شک زِ یہٕ انداز چھُ کتھ مزہ دارِ دِوان۔ مگر یہٕ کتھ گژھہ نظرِ
تل تھاونہٕ ییٚنہٕ زِ تمہٕ وِزِ ہِنٛدِس زمانس منز کاشرِ مثنوی ہُند ذکرٕ
کیاہ، فارسی تہٕ اُردو مثنوین منز تہٕ اُس یہٕ روایت۔ ویسے تہٕ
چھُ یہٕ پوز زِ ولی اللہ اوس صوفی مِزاجُک شاعر تہٕ یتھوی کانہہ
موقعہ تس یِنہٕ یِس دِل پسند موضوعس پیٹھ قلم تُلنُک یِوان چھُ،
سُہ چھُنہٕ کینہہ واے کران۔ تمہٕ چھنہٕ پانہٕ غزل تہٕ لیکھمتۍ۔ تہٕ کیازِ
یمن منز اوس حُسن تہٕ عشقُچ کتھ کرٕنۍ ضروری۔ البتہ چھُن دُنیا
فأنی آسنس پیٹھ اکھ ویداکھ تہٕ بیٚیہٕ اکھ مرثیہ لیوکھمُت۔ یِم یتھ
انتخابس منز شأمِل چھہٕ۔

یتھ کنۍ زن ونہٕ چھُ آمُت ولی اللہ ہُن چھُ "چہل اسرار" کأشرِ
پاٹھۍ پھیرمُت۔ ترجمہ چھُ منظوم تہٕ کامیاب۔ اتھ متعلق چھنہٕ بیٚیہٕ کینہہ
ونُنک حاجت۔

## ۱۰۔ اِنتخابس متعلق

یتھ انتخابس منز چھہٕ لگ بھگ ساری مثنوی "ہیمال" نقل
کرنہٕ آمژ۔ اکھ چھہٕ یمہٕ منزہ تِم غزل تراونہٕ آمتۍ، یِم عزیز خان

---

[1] ولی اللہ ہن چھہٕ سیف الدینہٕ کھوتہٕ ژھوٹ مثنوی لیچھمژ۔ ییتہٕ
سیف الدینہٕ مثنوی منز شعرن ہُند تعداد ۲۱۱۱ چھُ، ولی اللہ ہنہٕ
مثنوی منز چھُ شعرن ہُند کُل تعداد ۱۹۴۱ ؎

تہٕ ظرٕیف خانن اتھ منز شامِل کرٕمتی چھِ۔ بیٚیہِ چھِ تِم حصہٕ تہٕ ترٛاونہٕ آمتی، یِم زِن قصہٕ نِشہ دوٗر اُسی تہٕ یِم صوٗفیانہٕ موضوعن پیٚٹھ لیکھنہٕ آمتی تہٕ اتھ سیٚتی درج کرنہٕ آمتی چھِ۔ بیٚیہِ چھِ کینٛہہ تِتھ شار تہٕ ترٛاونہٕ آمتی یِمن منز یا تہٕ کانٛہہ خاص حُسن اوس نہٕ یا یِم نہٕ قصہٕ برونٛہہ پکناوَنس منز کانٛہہ حصہ آداہ کران اُسی۔

"چہل اسرار" منزہ تہِ چھِ کینٛہہ حصہٕ نقل کرنہٕ آمتی، یِمو سیٚتی ولی اللہ ہمنہٕ ترجمہ کرنکہِ قابلیتُک عِلم گژھان چھُ۔

سرینگر ۶ فروری ۱۹۶۴ء

محمد یوسف ٹینگ

# گوڑہ کتھ

ونے بو نو کتہ عشقن روز باہوش — گژھی اندرہ تریہ دنیا دین فراموش

چھ ہیے بالہ ہند مالین بہ کشیر — تہندوے ہول چھ بلہ پوریک بلاویر

سہ ادسے راجنی منز کوڑ رایاہ — لدتھ رنبہ آرہ سی بیٹھ اوس جایاہ

سہ پرسومن چھ اُمی سی پرگنس ناو — سہ سورگے اندرہ نیبرے ورگہ زن دراو

تتی کینژ خوش یوان اکھ جنگلاہ چھے — سہ کو جنگل زِ جنت زن گلاہ چھے

تتی کینژ چھے رلتھ اکھ ناگہ راداہ — دوان آبِ حیاتس کن چھ نا داہ

فقیراہ تکیہ دتھ اتھ جنگلس اوس — گھرک گومت ملالاہ تس دِلس اوس

سیٹھاہ بیزار گومت بر سر زن — زبردستو زنانن دوپ تبر زن

کوے مانان ملے چھم نا خدایا — موافق مے کوسے چھم نا خدایا

شکستہ دل کرتھ ژورے گھرے دراو — تلتھ سوراہ چھ ہیوان ربہ سند ناو

خفا تس از جفائے بے وفا زن — دلے پاٹھین شمارن چھ دشمن

بظاہر ہم بباطن تس ہلاکت — چھ کانچھا نی لگان چھس ناگہ کینژ وتھ

بہیتھ گو ناگہ سی بیٹھ دیتن ڈاف — چھ لبتاہ شاند دتھ زن سوہ غلافاہ

چھ ناگس اندی اندی زنگا رنگی گل — چمن بندی بہ سوسن ہائے سنبل

چھ ناگاہ اندرہ نیران شاہ ماراہ — چھ تاجاہ دتھ یوانی از ہمال راہ

ونے کیاہ مارِ جنت زن تُسند خد　　زمرد دیده دندان از زبر جد

صِفت رِتی سارِ تس کیاہ مارِ مونداُ　　جمالِ دِل رُبا بیٹھ تالِہ گونداہ

نوش یُون ماہ جبیناہ ناز نیناہ　　گژھان تس کُن وچھانی چشم بینا

چھُ پھیران گردِ چشمہ ہیرِہ یون خوش　　معنبر ہم مُصوّر، ہم منقش

نجر کینہہ نہ فقیرس اوس دِل گیر　　نیبرِ کنِہ آو نیرِتھ مار چُول تیر

ہیوتن مُشکاہ تمِس اِستادہ رُودے　　اَتھے ہیوتنس زِیان تس ونہ سُودے

کلس تل دِژمژی چھِن شاند بتاہ　　چھُ لازم چھُس لدُن کانہہ چیز دستاہ

بُوئے آشنایی پرِ زہ نُن سےٗ　　دُوپُن خاطرِ شکستہ میون ہیو چھےٗ

میہ تل پاتال باُ ژَد جور کورہم　　فقیرِ و حال ڈیشتھ تی مُشرُ تھم

چھُ القصہ فقیر دِتھ شاند بستہ　　دُوتھے مار ژاو تتھ منز آستہ آستہ

دَماہ اکھ ماے لاگِتھ اوس شہمار　　گیس گراپاہ ترِ گو و از خاب بیدار

یُورُن تس ڈِیشتھی استغفر اللہ　　بچھم ما دِم نجات لاحول واللہ

ہیِپس راپاہ کورُن گول بستہ بستہ　　مِنن خاناہ دِمن دارِتھ شکستہ

زنیشِ مار آل بدکیش مارن　　چھُ نادانس میہ دشمن بے وفا زن

زنے بدکار بہتر کشتہ از مار　　میانِ خاک و خُون آغشتہ خونخار

یِتھس شہمار گنجس پارِ پارِی　　رہائی دہ ز رنج از حکمِ باری

ژلن میہ سارِہ مخنژ پیژِہ کوہ نجے　　کتیو نو بمکھ کتیو شہمارہ گنجے

پکانی بستہ ہیتھ گو تیز چُول باد　　گرہ وارِتھ دِتِن گرہ وانجنے ناد

وولے کینژ ھاہ میہ اونمے ہے وولے ہے　　ژہ پھیرِتھ کھینہ نیرِتھ لو ژلے ہے

سو یامت آیہ تامت مُژرِنس گول　　برِتھ شہمار دِتنس نیرتھی ژول

## بستہِ منزہ ناگی رایہِ پُنڈیرُن

نیٛبرِ کیٛنہ دارِہ برٛن کرُن ہانکل — زِ ہا بھتہ ویٛگلیومُت اوس زن مل
یقیٖن مردس کرہٕس از مار مارَے — سوٚ بے چارہ اُندری کیٛنہ وارہ کارَے
یمِس گومُت یقیٖن شہمار پٕچھُن — سزا اوسُس یو ہوے ازمزہ وُچھُن
یمِس پیومُت نیٛبری کیٛنہ حسرت و داغ — تمِس گومُت اُندری کیٛنہ دُدونس باغ
نیٛبرِ کیٛنہ مرد کرِتھ دارِہ برٛ بند — زنان اُندری وُچھان لُطفِ خُداوند
دپان مردس کُنٛے از روٗئے فرحت — بجان و دِل فِدا ووٚنی کرہٕ ژیٛنی یتھ
میٚہ وحشت اوس چونٛے چھُک ژٕہ قاتِل — میٚہ کر زونمُ ژٕہ یتھ قابِل ترٕ عادِل
میٚہ اوسُم مول موجی تمبہٕ لاوان — کران گُمراہ میٚہ اُسِم وُنہٕ راوان
میٚہ کر زونمُ ژٕہ چھُک یارِ مہربان — جفا میٚئی ژٕی وفادارِ دِل وجان
میٚہ کر زونمُ ژٕہ مادر تَے پدر میون — نکو بد یاوہ ہےٚ ووٚنی وندہ مے کرٛون
یِیمَ نا بابہٕ ڈِیشِم تاج دارٛی — یِیمَ نا مائجِ ڈیشِم شہریارٛی
چھُہ کرٛیشان دارِہ تَے برٛی مرد خاوند — یہٕ ڈیشان اُندرہ الطافِ خُداوند
دِوانٛی جلوٕ بستے اُندرَے دژاو — یِوانہ زن سہ صوٗرت بندرَے دژاو
گومُت شہمارہ سِی اکھ شہزادہ — چُھ ماہِ نو، فسونش دوٗر بادا
کران زن آفتاب اوس نیہ نیہ — ڈیکے تمِ سُند ہیکے کیاہ وُنِتھ وصفَ
دِوان شعلہ برٛیز لوٗن آفتاباہ — نتہٕ از گُلشنِ جان زن گُلاباہ
رُخش گُل زُلفِ سُنبُل کارِہ ہوٚل جان — اُچھ وال اُسی زن تس زہرہ کی کان

پرٛ از گوہر ہیٖرے بوٚن رخت تس ناگٔی ونے کیاہ شعلہٕ دِوان چھس کنے واگٔی

اسأنی پیٹھ وٚسِتھ تس زندہ نی دٗر اکی خندہٕ فقیرس خانہٕ گوٚو پرٛ

معنبر کُٹھ ترٕسیٖن مُشکہٕ سیتی دٕوٚٹُن گھر واجنے دِل عشقہٕ سیتی

لٔجس شہزادہٕ دِل شیتھ اٚڈی جہ شراکھ زٕ جِس بے باک نیٖرِتھ بڈِہ باکھاد

دوہلو گھر والہِ گھر والیو دوہلو یوٗری بہ خندہ ژھوہ دِمو دوہ نی مُفلسی دُور

دوہلو گھر والہِ اٚنی تھن کیاہ یہ لبتہٕ موٗلُل اکھ چیز چھُس منز باگ وستہ

دوہلو گھر والہِ وُچھ شہزادہ ہو ڈراو یہ الحق دولتِ حق دادہٕ ہو ڈراو

دوہلو گھر والہِ رٔت سودا ازیکُ دراو اَتھے وَنتم کتے یُتھ رازہ ہو نز آو

دیان چھُس دارِہ نیٖبرِی بویہِ نے کتھاہ مشہور چھے اٚندری ژٕہ بُچھنے

یہِ کتھ بوٗزِتھ اَسُن شہزادہٕ سی آو یِتھے خندہ تمِس نیٖبرہ کنن ڈاو

زنانہ اندریں سر بےٚ خبر اٚس دِوان آلو ژٕ ٹاٹنی دارِہ بر اٚس

بیا اے شوہرِ من سرورِ من مُبارک صد مُبارک غم نخورِ من

فقیرس شک ز دِل زیں دوصدا زوٚل ازیں الطاف اسرارِ خُدا پھوٚل

دیان یانے چھُ پانس خندہ کمیٚ کوٚر ییٚنے زندہ چھُ آلو کمیٚ دِیتُم دوٚر

کوٚرُن لبتہ کمر اللہ یوٚدُن تمیٚ قوی دِل یِس سیٖن برمُژہٕ رُن تمیٚ

اژاٚنی وُچھن رخشان آفتاباہ درخشاں روٗئے ومویش مہتاباہ

گوٚمُت از خندہ درخانہ سُہ دٗر باش بوٗنی موٗخکُے درخانہ پراگاش

سلاماہ یورہ کرٛنس آفتابو علیکمُ تورہ کرٛنس میانہٕ بابو

فقیرن نالہ رٚوٹ جانِ عزیزم    زنانے پائے رٚوٹنس من کنیزم

دٚوپُن تس دپہ تہٕ مردس دٚوپُن بابہ    میٚہ تھٕوٗ فرزندہٕ زانُن تھٕوٗ میٚہ کعبہ

زنانے گیہٕ نیرِن سوٗ بٔجگرہ پیدا    فقیرس مہرہ درکیسہ ہوٗیدا

دوشی تس مول ماجی لاگِتھی بیٹھو    دِوان ہنہٕ ہنے تتّے تس میٹھو

ہیٚو تکھ منز اکی اپارِ اکی ہپارِ    کران چھس پرشناہ باعجزوزاری

دٚنکھنا اکھ کتھاہ دِل دارہ سانے    اَنکھنا در تکلّم ہم زبانے

دٚوپھ پانے میٚہ لاگو مول ماجی    ژرِیہٕ اُسو عاشق چھہ عشقن وَس تہٕ گاجی

دواسونے چھُہ باوکھنا پنُن ناو    پنُن شہراہ پننہٕ جایاہ اَسے ہاو

چھہ کم کم تمہ یمن چھک غوصہ کاسن    چھہ کم کم تمہ یمن سیتی چھک ژہٕ آسن

چھہ کم کم تمہ چھہ از عشقِ تو پُر سوز    چھہ کم کم تمہ وُچھن یم چھی شب و روز

چھہ کم کم تمہ چھہ بوزان چون گفتار    چھہ کم کم تمہ یمن ژیی گُن چھہ رفتار

چھہ کم کم تمہ چھہ آسان باتو ہمراہ    چھہ کم کم تمہ یمن ژی چھک شہنشاہ

دپان چھک عالماہ مے ناوزانی    یہٕ میونے چھکہٕ چاوتے تاوزانی

## ناگی راے چھُہ پنُن حال باوان

بہ آدم چھس نہ مے ذاتِ پری چھم    میٚہ در ہر صورتے جلوہ گری چھم

گھے پھیرن میٚہ گاہ سائل آسمانگ    مُنگل شاہ چھس شہرِ سمانگ

سمان شہراہ چھہ اکھ دیوان جنن ہُند    وُچھُن سُوے کار چشمِ روشنن ہُند

درازی تے کھج تھ شہرہ سی دُور    بُود مابینِ این کشمیر و لاہور

دوہس شہرِ سمانس شاہ دیانے    شبانے چھس گژھان بوسوے خانے

پری زادن دراں شہر است خرگاہ    پُوزُے بُوزِو یہ پری ین ہُند شہنشاہ

چھُ تلپا تال محلکے خانہٕ میونُے
یُہ ہوے میون نیب یی افسانہٕ میونُے

خفاہ چھُم خانہٕ کُے آمُت میہٕ دریش
ژُلِتھ چھُس آمُتُے از خانہٕ خویش

دوٚیُم گھر تفرقو موجب خُدایا
دِمےَ دَب شاہیے لاگےَ گدایا

چھ گھر واجینہٕ زمانن میانٔی شاہی
سمان چھم نہٕ سمانٔچ بادشاہی

فقیرس ژاو زین گفتارِ رشہ جان
میہٕ مو رشد خالِقن لوٚدنم یُتے جان

## زنانہٕ ہندی حُسن و قبحُ

اُکِس آشینٕز کرِتھ آرام و جانان
بیٚیِس مانان یُہ ہوے تس سوے نہٕ مانان

اُکِس باغاہ دِیُتھ تس بلاغِ دِل پھوٚل
بیٚیِس داغاہ ژھنِتھ گھر تفرقن دوٚل

اُکِس آشینٕز چھِ روزان پیالہٕ برداُر
بیٚیِس پیادہٕ انان بردار بردار

اُکِس آشینٕز ونان دوٚتھ مالِنیُے میون
کنیزی چھس بہٕ وندے مالِنیُم کرون

بیٚیِس منگان خُدایی موہرہ تہٕ مال
دوٚتھوٚ بدبختہٕ ژھاران چھُے ژہٕ کوٚتوال

اُکِس آشینٕز انان کیاہ آبروِیاہ
بیٚیِس بیمژ ستم گر دیو خویاہ

اُکِس آشینٕز دوٚیس کھیٚتھ پھولہٕ ناوان
کران سوے نیک نام و نیک باوان

بیٚیِس اٗسِتھ دیان بدکار و بدخو
دوٚیس کوٚرنم بیٚیِس بالس دِیس بو

اُکِس آشینٕز چھِ اٗسِتھ مندہٕ چھاوان
بیٚیِس آشینٕز نہٕ اٗسِتھ پان وندان

اکھاہ زیٚنتھ گھرس ژانان نہٕ کھنڈہار
رساہ چھُک لوٚگمتے باہم وفادار

بیٚیِس نعمژ چھِ ڈوٚلان رنگہٕ رنگے
سوٚ آمژ نعمژ وسیتین چھ تنگے

اُکِس زیٚنتھ رٹُن تس چھُے کھرٲنی
وَنُن راتس دوٚہس چھکنو مرٲنی

تمِس چھے بر زبان اُسُن شب و روز
ونن سوے بد دُعائے بد تمِس بوز

ونن سوے خاوندس یادر دو نالہٕ
میہٕ دِم ڈیرہ بہٕ واکے مُسلہ دالہٕ

لۄکھن یس یی تمِس تی چھےٗ دَمادم ‏ ‏ اُکس شادی بێیس ہر دم تھوٗون غم
اُکس آشێنہِ چھِ آسان شہج ہُونی ‏ ‏ بێیس دَو دَوکران بر تل چھِ ہُونی
اُکس آشێنہِ گگر زن چھےٗ دغادار ‏ ‏ پھلے پھلِہ نتھ کرِیس خالی سو بازار
اُکس آشێنہِ چھِ وُدی وُدی گدٕی کرانی ‏ ‏ سہ تس بیمار لاگِتھ چھےٗ پھرانی
اُکس آشێنہِ تکر زن ٹھہ یِہ لایان ‏ ‏ بہ نرمی مطلبِ خود ساز وایان
اُکس لاگِتھ تہِ خدمتگار زن چھےٗ ‏ ‏ بێیس لاگِتھ تہِ دُشمن دار زن چھےٗ
اُکس وردِ زبان چھےٗ ذکرِ اللّٰہ ‏ ‏ بێیس ذِکر زبان چھےٗ واہ تے آہ
تِرہ بوز القصہ آشێنہِ یس یِیٚ جان ‏ ‏ تمِس فرحت دِلس زن جنتکٕ فان
یمِس آشێنہِ پیٚی مکّار و بدکار ‏ ‏ بہ دُنیا زن تمِس دوزخ چھُہ پُرنار

## دلیلہِ ہُند باقی حِصّہ

بہرحال تمہٕ فقیرن رۄٹ تسلّا ‏ ‏ بنیہ وکیتێن اُکس دۄن تو یہ اصلا
ہتھ منز باگ دۄن بازن چھُہ طوطے ‏ ‏ کتھے بیٚٹھ کتھ چھِ شیرین قندہ گھوٚتے
اَتھے تھوٚد تُلتھ دُعا کورٕنس فقیرن ‏ ‏ فقیرن دِل حزینن گوشہِ گیرن
خُداوندا میہٕ یتھ ارمان کاسُم ‏ ‏ یمِس نورِ بصیرس غم میہٕ کاسُم
تِرہ بولہِ دۄن تہِ پھولہٕ دۄن وارہ آسُم ‏ ‏ غمہٕ نیٚشہ دُور اے غم خار آسُم
تہِ یوٚزھنس سوزنے وۄنی ہی لاہ ‏ ‏ دُلی دُلی ژرے گلابس گوژھ گلالاہ
دُعا کورٕنس تِرہ ناگی دَرائے زِندے ‏ ‏ سپن وۄنی عاشقن منز باگ زِندے

---

## ناگی رایِن سائس گژھن تہٕ ہی مالہٕ ہُندتس عاشق سپدُن

دۄ یتس کیاہ گژھی اے رشکِ انجم | دۄ پنکھ سُور ملکھاہ مے دُچھن چھم

دِیو رُخصت مےٚ دوٚنی ساگاہ کرُن چھم | امیرن تےٚ وزیرن سمکھنےٚ چھم

پرٛژھان چھس ہر دۄ دیگر اے شہنشاہ | یوان آسکھ دِوان دوٚنی دُرشاز اہ

ژہ مال وجانہٕ کھ تہٕ گوکھ دوٚنی ژوٚٹھ | بو دِلٕیں دار بےٚ دیدارِ تو کرُوٹھ

یُمِس ٹاکِھس ژہ ژوٹھوک کیاہ تمِس غم | تمِس غم ہا یمِس ژیٚبی ہیو تہٕ ہمدم

ژہ یس راوکھ تمِس ہیو کانہہ نہٕ مسکین | نہٕ تس عقباہ نہٕ تس دُنیا نہٕ تس دین

مہ ژل دوٚنی اسہ رنش دائتھ مہ ژل دوٚنی | غریبن دِل مُہتھ شل نیتھ مہ ژل دوٚنی

مہ ژل ترا اُدتھ اسے دوٚنی ناگی رایے | چھہٕ بُڈی بُڈی باگہِ یوان چانہٕ ہایے

دیان چھک تورہ چھِرہ تہٕ سیٚدی تہٕ سادے | چھُہ عیبِ ما خلافِ صدقِ وعدے

بہ حاضر چھُس بہ سوئے دوستداران | بہ ناظر چھُس بہ روئے دوستداران

بہ تمُٹند تا ابد چھُس یُس چھُہ میونے | گوبرٕ گنزرِ دمےٚ ییتھ شایاہ چھُہ ادلے

سپنہٕ تم ہر دۄ از گفتارِ او شاد | بہ دیٚدی باوٕ دیان تم گاشریو ناد

چھُہ نیران گاہ شکارن گاہ سائرن | چھُہ ماران گاہ شالن گاہ شیرن

چھُہ راوان از نظر گاہے نہٕ تس نیب | چھُہ گاہے اُتھو یوان گاہے گژھان غیب

فقیرس گوو بہ ناگاہ پوٗر پیدا | اُچھن دون آشنی تس نور پیدا

دوشی تم جامہٕ عشقنہٕ دام ییتھ گےٚ | بچھاہ گوو یار یتھاہ گوو بازہ ریتھ گےٚ

بہ جنگل گوو رنگہِ دِیوُن روانی | شکاراہ ہیتھ چھہٕ تکیس کرُن یوانی

چھُہ ژُوساہ ہیتھ یوانی دویمہِ دوہہ | ژھوہاہ مارانکوہس شان و شکوہ

گژھان چھک نیر ہتھی جلوہ دِوا آئی　　زیک راہے بہ دیگر راہ یو آئی

لجس وتھ ترییہ دوہہ دور جنگل　　ژلان لاران چھ یوان تس کھل

خراماں تو سمت اوس حملہ کرئ کرئ　　پکان آو بلہ ویرنہ باغہ اندری

شہ باغاہ کیاہ ونے تصویرِ جنت　　تمکی گل دستہ ژان از آبِ رحمت

سہ چشمہ سار تتھ منز حوضِ کوثر　　نتہ ژن عاشقن کیتھ اوس بوہ سر

بگرد اگردِ چشمہ گونہ گون گل　　گلاب و نرگس و ریحان و سنبل

ونے کیاہ از گلستانس بہ توصیف　　شبن تتھ جنتہ کھوتے زیادہ تعریف

گراہ تتھ منز بنا چوں قصرِ جنت　　اکس کونس شبس چھ موہرہ قیمت

سو ژوناہ ڈب شبن کیاہ شعلۂ نور　　نتے زینت رِتھ سوے جنتچ حور

گنئے دروازہ باغس محلہ غائی　　لنڈاہ ژنبہ آرہ چھی تتھ منز پکائی

بر دروازہ ژوتان ژونہ ڈب کیاہ　　چھ داراہ شور ماران آرہ لب کیاہ

وچھن اکھ تاپہ سی ماہ پیکرے بود　　ڈبے بیٹھو کنز وچھن آں دِلبرے بود

خراماں ناز کیاہ سے جلوہ دِوان　　کران گردش چھ باغس ژھالہ نِوان

نگاہِ ناز ہیور کن کرن یامت　　وچھن سرداہ کرِتھ برپا قیامت

یمبرزل ژو وچھت بوہبرن دِل دین　　سہ سنبل موے ڈلشتھ گو وشہ غمگین

یو دیدا آں جادو یش روتیر فولاد　　وسِتھ ییہ ویر زمین از دستِ صیاد

بسرتا پا پر از ناز و ادا اس　　سو پر ناز و ادا سرتا بہ پا اس

سو ماہ پیکر ونے کیاہ تس جمالاہ　　کمالاہ تس جمالس ہی مالاہ

وچھن تس ناگی راکس باغ درباغ　　بچھن شہمار دو شونی داغ بر داغ

بہ مدہوشی وچھن تم اکھ اکس کن　　سو ہتاس بیٹھ یہ اندری باغ کن ژون

چھہ تنہا ہر دو کانہہ چھکنہٕ وُچھاٗنی ژھوپاہ ماران اَکس اکھ تم بچھاٗنی
مِتہٕ ہر تاہ ہیوٗ نوان درباغ ژھالے دٕوان دِل نالہٕ دٕوُٹنس زُلف ہالے
میٖہ لو ہیتھم زخمِ کاری ماری مُنزی بہ ہے عاشق چھُسے ہا ماری مُنزی
پھُرم مے زُلفہٕ چی زنجیر چاٗنی تہٕ رم مے تیرِ مژگان تیر چاٗنی
میٖہ دُورے نیوٗتھ آرام ژُورہ ژورے یہٕ نارِ عشق سوزان پیوم موٗرے
دِوان چھُک ڈالہ میانے ماری مندے یوان چھم تیر دِل دٕولتھم کمندے
نظر چاٗنی پھِرم اکھ درشُناہ او کمیوٗ وتہٕ آکھ ژِہی ناواہ پننٕ باو
بدو نرگس اکی تلُ ٹارہ وُچھیتم شکر گفتارہ طوطے ہارہ وُچھیتم
دٕزس پیہ تو تٕندرہ نارے نندہ بانیوٗ لجُس زالے کجُس ہا رندہ میانیوٗ
سُہ مجنوٗن گوٗو وُچھیت زن روے لیلے یہ لیلیٰ از عشقِ مجنوٗن ژٕرج نہ اصلا
سُہ فرہادو یہ عاشق تس پیتے پوٗر بہ اخلاص و دِل وجان گشت پُر نوٗر
زُلیخا زن بنے مُژ سینہ صدچاک زِ درد و سوزِ عشق آخر سپنہٕ پاک
مِتہٕ ناٗگی دٕرائے الگا بے اُڈتھ آو لُوگُس داغاہ وُچھاٗنی باغہ بُری درآو
سو ہیے مال واٗنسے اَس لُو چی پٕہیے دِنی کو تراہ ہش زن سوٗ اَسی
نہ تس ہِش خوش یوان نے دِل نوان کانہہ نہ تس ہِش کاٗنسہٕ راجس دٕراجٕزینہ کانہہ
بڈیمُہ بلہ پورے بوڈ تمِس ناو بلاوُیہ دٕرائزہ ماٗلس تمُہ سِندِس ناو
چھُہ تراوان نیرہ وُنے واو زن رو کرِٹھ کل ہیہ مالے تکیہ بل گوٗو
تمِس دِل تو تہٕ گومُت مندنن شام یمِس جان وُومُت برلب نہ آرام
تمِس خاطر پریشان مثلِ بُلبُل یمِس چون لالہ پیوٗمُت داغ بر دِل
شُہ پیتھ تکیہ بلس منز سنگ بر دِل سو دُوزِتھ اَس گاٗمُت زالہٕ زن گل

وُچھان گژھ مشقنے آتش کر بکھ کیاہ پھر بکھ دِلبر تہ دلدار دِل بر بکھ کیاہ
ہیے مال پرٕ مژی اکھ خاندہ آسی تلّان تھوڈ سرٕ تہٕ بالکل شاندہ آسی
نجاندن پوختہ زن موختہ ہرآنی یوان تس خط لیکھن سوی خط پرآنی

## ہی مالہ ہند سراپا

بگفتن کیاہ پیے روئے ہیے مال یوان بادل ینہ بوئے ہیے مال
سراپا صورتِ او بُود چوں حور رُخِ او بالیقین نورٌ علیٰ نور
پری رو یاسمن بو یا صنو بر چو سنبلُ گلُ رُخس نش زُلفہ کی ور
بر مجگانِ سینہ بی تاران سو برمہ نظر تس سو رمہ چشمن کُن ژہ کرمہ
پکشان عاشق چھہ تمُ سُند ساز ڈلیشتھ مشان تمُ سُند سہ سووُے ناز ڈیشتھ
قیامت زن سہ تامت سرو گل ہیوٗ بر مژہ غمزہ تمُ سُند زن شُھل ہیوٗ
تلّان سوے ڈالہ زن اُس ہر نہ ژھائے کران ڈیشتھ غزالے آہ و نالے
ہرآنی نوُر تمُ سُندُے موکھے کیاہ کرآنی اُلفتُک تس زُلفہ گنڈ کیاہ
دِلن تمُ سُند سہ اُلفت زُلفہ گرایے ملانی عاشقن دِل تلہ گرایے

## ہی مالہ ہند دودہ ماجہ سِہر باوُن

لُچی پتہٕ ناگُ دایس یژ ہیے مال دوانی ناد کماہ تس چھے ہیے مال
تمن منز القصہ تس اکھ رفیقاہ سو دودہ ماج تمُ سنز کیاہ شفیقاہ
میرُ سد از کہ دودت چیست آخر یہ سوز و دردِل از کیست آخر

ڈوکھ ہیوٚ از تہِ شب چھےٚ ہی ہاٚلی
یہ کیاہ سینہٕ تاب وتب چھےٚ میہٕ ہاٚلی

ہیٹےٚ ہرٕ چھکنہ نان کھیِن کیازِہ رٚوٹنےٚ
ہیٹِکھ رتھ وندِہ ہیےٚ چھین کیازِہ رٚوٹنےٚ

پوٚان کونےٚ مُلےٚ نیندِرٕ زولےٚ چھےٚ
یہ نیرِتھ کتھ گنےٚ گاٚمرٕ کلےٚ چھےٚ

بہ خلوت ڈوٚلِس ہیےٚ تالِہ ماٚجی
ییم کتھ زولِہ لولن وٚس میہٕ زاٚجی

کھوٚتم مےٚ شام وقتن آفتاباہ
فریاہ دِتھ ژٚولُم زن وچھ میہٕ خاباہ

ونےٚ کیاہ نوجواناہ نازنیناہ
میہٕ دِل ژوٚری ژُلِتھ گو وماہ جبیناہ

سُہ نےٚ ڈیشِن وِل نےٚ غم کینہہ ژلی مے
سُہ نےٚ سمکھیم میہٕ وٚن دِل کربلی مے

دِلس غارت کرِتھ گو وٚ لوٚٹراہ زن
نتےٚ اوس بولِہ وُنےٚ کوتراہ زن

لبِ لُستان ژٚولُم سےٚ استہ استےٚ
ییےٚ پھیرِتھ کرس بو پوشِہ دستےٚ

ڈبےٚ تلِہ گوم نیرِتھ رودِشہ روشےٚ
ییےٚ پھیرِتھ کرَ داسی گوشِہ گوشےٚ

سُہ ہرناہ ہیوٚ ژٚولُم زن آرِہ لبےٚ
میہٕ کوٚرنم ڈیشہ وُن شام زوٚ ڈبےٚ

میہٕ دِل ہیتھ گوم ازُسے یک نظر مے
دونی پہ ارنہٕ چھم میہٕ رونُن بر گذر مے

وناں ہی دایہ کُن مدہوش گاٚمرٕ
بمثلِ مُردہ ای از ہوش پیمرٕ

دولو صیادہ دُوبارےٚ مرے نو
بہ مرہ نس بر وتہہ مرےٚ دُور برذرےٚ نو

دولو دِلدارِہ دِم دیدار یک بار
چھُسےٚ کُشتہ بہ خوٗن آغشتہ پرٕ خار

دولو دِلدارِہ ووٚنی نو زاہہ بلیم دوٚ
میہٕ کوٚرمُت سوٚرمہٕ چشمو چانہٕ دیی جود

دولو دِلدارِہ چھم مے چاٗنی کامن
گییمَ مے جاے پامن پتہٕ پامن

دولو کوٚہ وہ نزرہٕ زالےٚ نجےٚ بہ گل بو
دولو دِلدارِہ ماوےٚ زخمِ دِل بو

دولو دِلدارِہ پُھجتھس زُلفہ گرایےٚ
میہٕ صبرک مایہ گو وتےٚ نجس مایےٚ

دولو دِلدارِہ ماوےٚ سینہ صدچاک
فراقےٚ چانہٕ چھم دِل چاک غم ناک

وولو دِلدارٕ گیٖمو چاٚنۍ کل مے
لٔلۍ وٕنۍ چھم میٛون جِگرس نارٕ چھل مے

یہِم نا دٕرشناہ روشن دِہم نا
ودٕے کوتاہ وٕن ماہ رویا یہِم نا

وولو عشقو کوو یِژٕ نٲمِ جھتس بو
کٔڈِتھ از ننگ پامن لٲجھتس بو

وولو عشقو نہ زانے حال تہٕ قال
سرِ غم ترٲوِتھس پتھرٕ میے مال

وولو عشقو نہ زانے جا نہٕ نَے نام
گُڈِتھ از عیشِ خوش نیوٗتم میٛون آرام

خبر کینہہ چھم نہ از آغاز و انجام
وُنے دریرٕ دٕ چھس وٕل گژھ بدنام

اُمی یامٕ تھٔبن کران اُس واٚنۍ تہٕ لیل
بنے ہٕز عشقہ نٕی زنجیر منقل

ژٕ نَے ڈیشتھ وٕن نو غم زانہہ ژلی مے
ژٕ نے ڈیشتھ وٕن نو چھو کھ زانہہ بلی مے

سمن رویو کو ودٕ کرٕتھس آوارٕ مے
برٕنے خودگیس بتہٕ لاچار ماٗرے

ونے کیاہ دود دٕ ماچھی کیاہ وُچھم مے
یہٕ کالے سرفن ژٕرن دِل بچھم مے

وُچھو مس روزِ نا استادٕ اکھ سات
سمن بوین میٛون کرٕنم منزِ من لات

دیان چھس واے حاضر بُو وٕنہٕ افسوس
میٛون ہووُتھ نے میٛون بوٗوُتھ کو نہٕ افسوس

کتی کنجہِ آو ترٲوان روکو توٗے کن
سہٕ ہر نفسہ ژھالہِ ماران گوو کو توٗے کن

ڈٔوپس تمہِ ناگہان منز باغس ژٕ ژاد
خبر کینہہ چھم نہٕ پھیرِتھ کمہٕ وٕتہٕ ڈٔراو

زٕ سرحد جنگلاہ گوو پادٕ ناگاہ
ژٕولم ترٲوِتھ دِلس تھاوِتھ میٛون داغ

قصبہٕ بوزِتھ کران چھس بوسہٕ دایاہ
دَما دم داٗدی تہٕ غم بیوس دایاہ

مدارہ چھس کراٗنی دأتی راتس
دوہس تس دود تہٕ ژٕبد چھس نہٕ راتس

صُبح سیٖن دمیدہ ڈٔوپس وایے
ژٕ خوش روز بہ شاید واتہٕ ژھایے

مُناجاتھ کورُن تمہٕ سوئے باری
غمس کرتس خدایاہ وونی ژٕ شادی

بجا یی ژٕ کرکھ حاجت روا ژی
ژٕ یہ تو درت چھکے تہٕ دادن ہنددوا ژی

دوشے براران تمے زونہ ڈبے بیٹھ — خوش و ناخوش وچھان آرسے لیے بیٹھ

ونان یی جان و دل اسی ہی بیے مال — خدا وندا خلاصی دم ازاں حال

ہیم نا ناگہان دلبر ہیم نا — دیم نا ناگہان درشن دیم نا

درے لونگ دوہ تہ پیدا گود دون ڈھو — بمثل روز اول آواز گوہ

یوکی پا ہٹین چھ گومت باغ خالی — یہ ہوے چھا ہا یہ ہوے چھا ہی مالی

تمی حسن و جمالے زلف و خالے — تمے چس روسی ڈالے ہر بہ ڈھالے

وچھان تکی ٹاڑہ ہیور کن گود یو آنی — ڈھنڈاہ در باغ دیتھ گود سے روانی

گوڈ کر دوہ پا ٹی گومت باغ خالی — پرڈھس دا یہ ہوے چھا ہی مالی

پہ سوز و درد دل وون ہی مالے — بلب دل ہمچو خوکن اوں ہی مالے

یہ ہوے ہے چم یوکی معشوق دیروز — یہ ہے ہے چم دلآرام و دل افروز

یہ چم باپاہ کرتھ ماسے ولائی — ڈہ پر ڈھتھس کتہ آکھ گوت چک گڑھانی

کتیک چک دلبر و کیاہ ناد بونے — ڈہ آمت کتہ چک دل نیو تھ سونے

## ہی مالہ ہنز ناگی رالیس چٹھی سوزنی

ونن القصہ گود از باغ نیر تھ — شہ ناگی راے وچھن نا بیہ پھیر تھ

شہ گو دنیر تھ و لیکن ہیتھ تمس دل — ہیتن ڈھرٹ دنی تمے زن نیم بسمل

پیتہ لارن رتن از رہ تمس داے — عجب تنتھ جایہ خلوت جنگچی ڈھاے

کتیک چک دلبر و اتی روز — غمہ عشق و نے کن داری کیتھے روز

مدن دار و بدن دود ہی مالے — ڈیہ پیتہ راتس دوہس دوڈ ہی بالے

ژِہ کُس ژُھکھ تہٕ کِتیٚک ژُھکھ ون بنُن ناو　　ژِیٚہ پتہٕ ہیٚ آلے مرغے جان دِل ڈراو

کڈِتھ کاغذ قلم دان بر سرِ دست　　لیکھن نامہ لیکھانی گو وسہٕ سرمست

خطا دِتینس کتھا کرنس ژِہ پوت پھیر　　میٚہ ہیٚ حالہ نِش گو وُڈی کینس ژیر

نِگاہ واتے بہ شاید دُہرن　　گژُھن آسم میٚہ یوڈ گامن تہٕ شہرن

جواباہ ہیتھ یہ زِیم فرداسُلے میٚہ　　جوابی نیک ہیتھ داتم رُتے میٚہ

ڈُلیتھ ہی گو وسہٕ پھیرِتھ مثلِ شاہباز　　تُلن تُہ مثلِ عنقا تیز پرواز

دوہنُس ہیٚ مالی روز بے غم　　ژِہ عشقِ تو تمِس گو عیش ماتم

وُنے کیاہ بیلہِ اوس خندہ کرانی　　بہ خندہ ڈُنڈنی تس دُرہرانی

یہ چھُے خطتے یہ چھُے دُر یارہ سُندے　　نشانہ چھُے ژِیٚہ کیت دِلدارہ سُندے

نہ بو وُنم ناو بنن جائے پننہ　　نہ ہو وُنم مول موجی شاے پننہ

تمِس در ہر طرف زاگُن چھُ لازم　　سہٕ چھُے موتی صدف لاگُن چھُ لازم

میٚہ تمہٕ سُند ناو دِتیے وُلی زبانی　　دِیانی گژھ خطس اندر لبانی

دِل نام وجاے آسی اکھی خطس منز　　بہ ڈیشہ کوہ چھک خونس رتس منز

نشاناہ وُچھ تہٕ دِل پھول ہی مالے　　چو گل بر گے ہرن ہیوت ہی مالے

صداقت تہٕ حلاوت درج تتھ منز　　ملاحت تہٕ فصاحت خرچ تتھ منز

نہ اندر خط نہ جاے خود نشانی　　نہ اندر وے زِ نامِ خود بیانی

وُونُس یام جایہ ہُندے دایہ نیباہ　　سیٹھاہ گیہ ساکھا اندر شکیبا

مُزِرتھ خط پرُن ہیوت ہی مالے　　کرُن واہ واہ اُسن ہیوت ہی مالے

نہ اُسِس جائے تتھ لیچھ نہ ناواہ　　میانِ نامہ لیوکھمُت آمہ تاواہ

پرُن تتھ اوس لیوکھمُت ہی مالے　　یقینن غرہ حسن وجالے

ژٕہ ناواہ عشقنٕے اَکھ صاف زانکھ فقط سُ عین و شین و قاف زانکھ

پرٕتھ خطتٔے لیوٗکھُن خالی جواباہ باخلاص و ادب القابِ زیبا

دوانی لیوُکھ جواباہ ہی نالے بسیمیں پنجہ لاین ژنجہٕ تلے

کرِن بر نامہ مہرِ گوہرِ خویش نِشاناہ لوٗدُن یارس جوہر خویش

دِتن آلو دوہہ ماجی ستم گوم یتم بر وہ یہ کُن دِنے کوتاہ میٚہ غم پوم

کتھی یارن مقام و نام کھوٹنم کتھی خود کام دِلبر دِل میٚہ روٗٹنم

لگس یارٕی لیکھت لٕدنم میٚہ کم راز تگان کیاہ چھُس نیاز و نازی و ناز

نیاز و دِلبری لاین میٚہ نیزہ بہ غمزہ کرٕنم ریزہ ریزہ

یگاہ اَنتم دوہہ ماجی جواباہ جوابِ یار یارس زیٖنٕ ژواباہ

ونس اندر وَنَن کیاہ یار میوٗنے اَنی کیاہ حیلہٕ اژ دِل دار میوٗنے

یگاہ زن لیلہٕ ہندی ہیٚتھ نامہٕ درائے سُہ مجنوٗناہ ونس منز نجدہ ژھائے

دُو یہرن سمکھُھس تس نامہ ہاوُن نظر یام مژرِتھ بر نامہٕ تراوُن

پرُن بی اوس لیوٗکھمُت ہیٚہ ملے ژوٗلہم بالہٕ بالی لوچہ بالے

بھرٕتھ میٚہ سینہ عشقنہٕ نارہ ریٚہہ درام کوٗرِتھ میٚہ آفتابو مندنیٖن شام

ژھٕجت گوہم کو وشہمارہ مہسیتی وُچھمُت نو تَن میٚہ زاژھتھ نارہ سیتی

مُرن چھُم خوش یوان از غمزہ وُچھتم دِلو شہمارہ زُلفو سیتی ژھُتم

لدِتھ گون ناز کوٗی ابرو کمانے اژوٗڈے کھش کرِتھ ژوٗلہم یِم جانے

اژہ لیٚچھ اشنائی کرِتھ ژُلنزا خدا ترسو جدائی کرِتھ ژُلنزا

پژھان چھُس ناو نینوٗی مُچھکنہٕ باوان چھُہم نو خانہٕ بیگانہ ژہ ہاوان

یمینا داد چوٗنٕی ناو باوِہم یمینا کاو چوٗنٕی خانہٕ ہاوِہم

چھُ سے عاشق قسم معشوقہ سُند چھے ۔ یقین کر چانہِ شوقچ چھم پیٚٹھ کھے

مقامِ خود ہیہ ہاوُم ناو باوُم ۔ بوحالِ دِل ونے ڈِی کن ہیہ تھاوُم

ہیہ نرمی درسخن گرمی چھ چانی ۔ ونے دِل سوختن ہنٛز ہِش زبانی

## ناگی رایہ سنٛز چِٹھی پرین تہ جواب سوزُن

خطک مضمون بوزِتھ ٹورُ زن فوٚل ۔ وٚدُن اندر فراق اوٚ چو بلبُل

یمہِ حرفو سیٚٹھاہ تس ضربِ دِل آو ۔ کوٚڈُن اوٚش پتھی تِس یِشی اوٚش پھٹتھ دراو

زِ حرفِ میم دُچھُن خنجر سیم ۔ زِ حرفِ حیٚ وُچھُن زن زُلفِ کج میم

زِ حرفِ بے وُچھُن زن ابروی عشق ۔ زِ حرفِ تے وُچھُن تمہٚ یارہ سُند شوق

زِ حرفِ صاد وُچھُن تمہٚ بمُہ و نجر ۔ برُخ بر بد الف زن نشتہِ خنجر

قلم تُل ناگی راین از سرِ ناز ۔ لیٚچھن تم سطرہ کینہہ باساز و پرداز

تبر موہن ہیہ لائیت ہیہ مالے ۔ بہ تیرِ غمزہ مور تھس ہیہ مالے

لیکھان چھس ہاے میانے ہیہ مالے ۔ سیٚٹھاہ ہیہ مائے چانی ہیہ مالے

ہیہ فرمیتی تم دوشی زنجیر چانی ۔ ترُم ہیہ عشقنی کان تیر چانی

ہیہ عشقن مُشک مالامال مٚولتھم ۔ ڈلے کوٚرت کالہِ زُلفو نال وٚلتھم

ہیہ دردِ دِل ڈیہ روٚستوی نہ بلہم زاہ ۔ نہ سوزِ عشق ڈے روٚس شہلہم زاہ

ہیہ کر زانیوم ڈیہ چھے یڑ مامے میانی ۔ خبر اسہم نہ یرتھ چھے رائے میانی

ہیہ کرزانیوم ڈیہ چھے یڑھ میانی کامن ۔ نتہ توٚت واتہ ہا صُبحن تہ شامن

ہیہ کرزانیوم ڈہ چھک یڑ خوارمے تھ ۔ ہیہ کرزانیوم ڈہ چھک لاچارہ مے تھ

تَوَے یَزِمے مقام و نام لیوُکھمے  نہ از خود کینہہ نشان و نام لیوُ کھمے
دوٚیُم خط چھُس توَے زِ ے کُن لیکھانی  بعینی وصل باشی تا توانی
کرَے حالی گنہ اوّل میہٚ بخشتُم  پری چھُس ناگ آرزن نادمیہٚ چھُم
وَلے ظاہر زِ یہٚ نِش چھُم روی آدم  زِہ زانُم آدمی انسان میہٚ کردم
ولیکن کر حقیقی در مجازی  نِکاح پرِ دِتھی چھِہ پرِ ین عشقبازی
یوسی کامُاہ کرِ تھ سوے پورُ کرزے  دُوئی از خاطرِ خود دُور کرِ زسے
چھِہ ُیکجا فرِشِ و غم نہ خاندارن  فریکہ فریک دزمِ ژی دُچھ یار یارن
دُچھان گژھ پاک بازن ناچھُ پروا  زِناکار در دُو٢ عالم چھی یہِ رُسوا
زِ ناکارس بتھِس لعنت وسانی  خجِل تہِ خوار در رہ چھِے یکانی
مُبارک عاشقانِ روزِ روشن  بشبہا پوش چھاوان تم بہِ گلشن
مَہ پِشِ یتھ بیٚٹھ لعشقِ من مَرادّش تراوُ  نمشی دوکھ دائِ سوروی باجِ نِش ہاو
سِہ ماَلِس واتناوی کتھ بخلوت  سمَو یکجا چھَو اُسی مَے بہ عشرت
پیٚی ماَجی صلاح واصِل بو گوسے  گژِھی ماَلِس رضا حاَصِل بو گوسے
لیکھِت دِلدارِہ گومو ذوق چونے  ذِپَی معشوقہ چھُم میہٚ شوق چونے
رضا روزن تہِ بو وزن راے میانی  وصالاہ حاَصِلی گو و بانہ وانی
یہِ سوز درد بتھِس٣ ہاجِر وَنکنہ  بو چونے تہِ زِہ میانی زاہ بنکنہ
سینُ دِل دوٚن٢ گنُے یکجا چھُ کر غم  سینُ یلہِ شیر و شہد و آب باہم
ولی چھِے میلہِ نادان یاد بایار  زہر سینُ شکر دُچھ کیاہ مزا گو
ولی خوش پاٹھی کاٗنسِہ بیٚٹھ رضا گو  دِلن دوٚن٢ وصل گو وُید گیلہِ عالم
یلہِ دوٚن٢ میلہِ سوداہ کیاہ بتن غم

نہ چھُس اِدہ مول موجی نوِیش درکاُ — نہ چھُس کانہہ بوے ییٚنہٕ اِلاسہٕ دِلداد
بو یدُ سہ آرزِ ناہ چھُس ہیٚیہ ملے — ولی چون پہ زِناہ چھُس ہیٚیہ ملے
سُنِتھ گومُت میٚہ چونے عشقہٕ زر چھُم — جفا بوٗڈ میٚہ دِلس تھف درجگر چھُم
تمنّا چھُم سموٗ نا جائے تنہا — ز ہجر عشق میگویم سوخن ہا
تمنّا چھُم ژلن میٚہ غم تہٕ غوصہٕ — کراُنی بوٚسہٕ در خلوت یو لوسہٕ
تمنّا چھُم یمٕے بہ در دِمے ناد — بدینگو نہٕ ونے بو داد و بیداد
تمنّا روبرو چھُم روزٕہ ہے بو — تمنّا گفتگو چھُم بوزٕہ ہے بو
عجب کیاہ عاشق ومعشوق میلن — سمن خوش غم نہٕ یُد بدخواہ گیلن

## ہیٚیہ مالہٕ ہُند خط پرُن تہٕ وِلہٕ زاری کرٕنی

لیکھُن خط تہٕ کوٚرُن دایہ حوالہٕ — یہ جنگل گوو نوٚن ہر زنہٕ ژھالہٕ
پرُتھ خط غم تہٕ یم ژوٚل ہیٚیہ ملے — ونے کیاہ باغِ دِل فوٚل ہیٚیہ ملے
خطکُ مضمون بوُن دوٗد ماچے — دِلس زن زوٗن تراوُن دوٗد ماچے
بہانہٕ کر تہٕ ماُجی ؤنِتہ بابس — یہ چھے بوٗڈ اجرو اژک زن ژٕ کعبس
میٚہ خواباہ زن وُچھُم پُز خواب نیریاٚ — میٚہ باغس ناگی راین آب پھیریاہ
خُدایا کر بنیم پوٚز خواب نیرم — زمینس تادہ ہتسی آب پھیرم
ییم نا ناگہان ناگ ارزِن آب — دِیم درشُن ییم درکف چو سیماب
خُدایا کر میٚہ طالع راج آسی — سہ ناگی راے میٚہ سرتاج آسی
خُدایا باہزاران ناز و سازٕہ — میٚہ مہر ییٚنہٕ ییہ نا سُوی مہرازٕہ

گرٔ ھیمنا سر تلے سون دہ دہ ماجی  بنیا میلُن اسے دون دودہ ماجی
اڑہ ون کنہِ پائٹھو بالس کرتہِ کادا  میہ ما پانس رکتوٚ چھمُ پانہ وارا
چھےُ ماس کاہہ تہِ کاسن پاگن پانہ  بہانہ کرتہِ عالم چھےُ بہانہ
پیمنا کرسنا دِلبر پیمنا  پیمنا دادہِ بر بر در پیمنا
پیمنا لیلہِ ناگاہ میلہ مُت میہ  کنیمنا بالہِ یاوُن نالہِ مُت میہ
وناٸی گیہ از خود پیہِ بے ہوش  یہِ زانن تم ہمِن دِت عشقُنی جوش
وُچھان اوچھان سہ خطس ناگراین  خوشی اوٚنس لوٚبم میہ ناو جاین
پوٚرُن یام یارہ سُندوی ناو تامت  وُڑھی ھوٚد عاشقن کرٔ زن قیامت
یبھر تامت پیہِ از یاد دِلدار  موہِ زن از فراق درد دیدار
دوٚپُن دایہِ خطس تعویذ کرتم  میہ لولاہ بر تہِ نالس سیتی مرتم
زِ حالے شُد بحالے تابسالے  دزن دادے ووٚدُن ہتو ہیہ مالے
اڑہ کھش گیمژی پیمژ نہ آرام  کرُن بیمار یاہ بُڈ وُرلیسی تام
دہر تس دو دہ ماجی دوٚپ لگے پاپُن  میہ وُچھے نبض لیجے عشقہ بیمار
یو باوے داجہ بالس وولہ ویرس  ونے ننتہ بابہ رس تاٹھس وزیرس
اسے یو برٔ ونتھ کنُ دِلبرانے یو  سہ دِلبر یا پری یا آدمی خو
ھنا سندر تہِ یدٔ بوزی یہِ مالوی  تتی پاٹھین بنی ڈرے ینہِ والوی
یتوی بوزِ تھ بلن ہیوٚتھ ہیہ مالے  بمثلِ گلُ پھوٚلُن ہیوٚت ہیہ مالے

---

## دایہِ ہُند ولہٕ ویرِس ہییہٕ مالہِ ہُند حال وَنُن تہٕ تٔسند وزیرن سیتۍ مشورٕ کرُن

شباشب مالہِ سِی نِش تس گیہٕ دای بخلوت بلہٕ ویرِس گیہٕ رٹِن پای
مُبارک رُت مرض چھے ہییہٕ مالے کہُند تامت غرض چھے ہییہٕ مالے
سو مایہِ وجہٕ ژِی ہِش چھ یہٕ کمۍ تام تو رے ماگجزٕ ی از دردیلے رام
بلی ولول ولےلتس کرتہٕ خاوند زیٚو اُنی کور میلتھ کرتہٕ خاوند
تمِس کیاہ چارہ چھے یس کور زائی حقاہ کر تس اکھاہ اتھ ژکھنہٕ آیی
کرن شاباش دایہ درایہٕ بیرون فوٚلمُ دِل تہٕ ژوٚلمُ دوٚنی وندہ کےٚ خوٗن
ملکأنی دامے آمے نِش وزیرس ژہٕ میٚانی کت پگاہ ون ولہٕ ویرِس
اکےٚ دِل یام دوٚن گوو کوم دٕرایہٕ دُنتھ یی نزد ہییہٕ مال آیہٕ
دِلاسا کرنہٕ تس چھے فِکرہ موٗلوی وہ چانی ذِکر چھس چھے ینہٕ ودلوی
چھُ ہییہٕ مالہِ کوتاہ دِل فو لأنی سوٗ باخود دٕرایہٕ آیہٕ وَنہٕ وانی
مُبح سپُن تہٕ راج ولہٕ ویرن بہان تختس پیٚزھن میرن وزیرن
چھہ کانچھا خیر موٗلوی ہییہٕ مالی کرُن چھم ینہٕ ودلوی ہییہٕ مالی
بظاہر خیر کانچھن خانہٕ ماجن زِ چھن ویراہ وُچھن میرن تہٕ راجن
یڑھان ادمس گوٚژھم یٔژ تس کنے خیر میٚہ ہییہٕ مالہٕ ہُند چھم غیرت و ویر
دَنیوم کنتھ پانسی ووٚنی نکھہِ والن گلابن ہی بوبخشن یا گلالن
نکھہِ والن بدستور زمانہٕ ندیدہ نورِ دیدہ دِمہٕ ہانہٕ
سُمِتھ تس دایہ موجب دوٚپ وزیرو وزیرو کینژ وی ٹاٹھیٚو امیرو
بدستور زمانہٕ کانِسہ دِنی کُر چھ زانن اُسی تہٕ تی نورٕ علی نوٗر

خصوصاً نکھہ والن ھیہ مالا | دِہ وَن وَن محنتي ڙھانڊان سہ لعلا

خبر تس آسنہ زين حال واحوال | کہ غارت کردہ ماهي از هيہ مال

هيہ مال رفتہ رفتہ دِل بغارت | تمِس غالب گوُمُت عشقُو حرارت

ازين حالات زين هر بي خبر بوُد | کہ از سودا دِلش زير و زبر بوُد

... ... ... ... ... ... ...

ڈُچھن گڑھ نازنيناہ اکھ ڇيناہ | پَرَيرِ وَن خوش پوُن اکھ مہ جيناہ

ڈُچھن گڑھ نتہ اکھ ہم قوم راجاہ | لدان اکھ عالماہ يس آسِہ باجاہ

يِہ کتھ بوُزِتھ تہ اصلا زکٹھ وزيرن | وَنُن تموُ مصلحت بوُز بلہ وِيرن

پيران چھم رسم و دستور زمانہ | کران چھُ محو حکمِ آسمانہ

گوُڑھنہ رسم ورِواج تراونے جان | کرو مُشکل يِہ پانس کار آسان

دپان القصہ دوُنکھ زِٹھو وزيرن | رضا ٹھوو سارِی يتہ بلہ ويرن

يِہ هيہ مالہ هندِہ تقديرِ آسي | تِہ واتيس تہ تمِس نَہ کانہہ تہ کاسي

يِہ ليوکھنس خالقن تس کرمہ لانے | تِہ واتيس کياہ بنيس تدبيرہ سانے

چھُ مائس ماجہ هند ٹاٹھين نہ درکار | خدايس پيٹھ مُن بہتر چھُ هر کار

ميہ دوپ رسمِ زمانہ نشہ فيرس | کرو تعجيل کوري کارِ خيرس

چھہ هيہ مالہ بالغ، گگجرِي چھے | دِلس معلوم کس پيٹھ لگجرِي چھے

دپان گوو بلہ وِيرن دوپ هلہ زير | دِلس يُش رم مہ وَنتہ وقت گوو زير

يمس طالع کري کينهہ ياوري نہ | تمِس تدبيرہ سيتين ياوري نہ

ڑہ بي دستور کرتي يہ چھہ دستور | چھہ هيہ مال ميانئي چانئي تہ کوُر

يٹھوي هيوُ اوس دستورِ زمانہ | کران آسس کورِہ خاوند پانئي پانہ

گژھاَنی یام بالغ تام نیران    چو بُلبُل پوشہ باغن روشہِ پھیران

## سومبرک رسم اداکرُن تہ ہیمہ مالہِ ہُند ناگی رالیس وُن دِیُن

میاَنی باغِ پنہاں بنگسی آس    نظر تراوان بہر کس ناکسی آس
گدا تہ شاہ یوان اَسی سارَی    دِواَنی جلوہ تمو ہی کنُ ژھوپارَی
جُدا یوان جُدا اَتس بروہہ یکاَنی    یمِس بیٹھ اوس تمو سُند دِل لگاَنی
کلس بیٹھ تمو سندِس دارِتھ دِوان پوشن    مُقرر سے ہرس تس اوس سرپوشن
نہ اَیک ذات او چھن تہ نہ زر و زور    یہ دِل بندن چھہ گومُت عشقنوُی شور
چھہ زور آوار یار و عشقنوی نار    پھُٹتھ نیران چھہ عشقُن سِر بہ بازار
ژُھٹھ لچھ پردہ یارہ ہنز ماے    نجر کرکر نیبر معشوق دراے
یہ دودُی زانہ یس پھرہ عشقنوی دودی    کران تس دیدہ معشوق دراے
یمِس بے دردسی یہ زر تورُی نہ    تمِس باور کلامس زاہ کرونہ
مناوی شادہِ منز فرناو زیرن    رِھنا یدُ تھاو راجہ بلہ دیرن
بہو خلقو چھہ راجس باغ بروا    کرن چھس کوُر ہیمہ مال سروا
یتوُی بوُزِتھ یوان گے پرگناتو    جوان کم کم یوان شہر و دِہاتو
تمنّا سارِنی پیرن جوانن    چھہُ ہیمہ مالِہ ہُند معشوق زانن
یہ دولت میہ تہ میہ چنگس یمینا    یہ ہیمہ پوشس مہ ہنگس پھمنا
پیچھ بیٹھ پت پھمنا شاہبازا    کریم نا ناگہان میہ ماہراترا
یوان جلوہ دِواَنی باغ برگی    نیبر نیرتھ رواَنی باغ ژہرگی
چھہ ما دولت قبیلہ کریون یوان    تھکن چھہُ ینہ ژینہ ڈیکہ لون یوان

ژھ ماسہ دولتس تختس کران ژور ‏ ژھ لیس پی لاژ لیو کھمت تس گرٹھان پور

مُنادی کرہ ناؤن بار دیگر ‏ ییمنے ترین دوہن تامت سہ دِلبر

ییتھی باغس نیبر نیرکن اژُن ژھ ‏ دوہس ہر ساتہ دن موجودات ژھ

گوڈک دوہ گوڈ تس ٹور پیوو ‏ پسند طوطاہ تمس وہنارہ پیوو

قلندر طایفاہ شان وشکوہ ‏ ژھ اندر باغ واتن ترٹیہ دوہ

لوکن اندر جوان کم نازنین تر ‏ تمن در کف عصا و تاج بر سر

لوکن اندر بکان کم کم ژھ لوٹ ‏ تمن کینہہ نہ بجز لنگوٹ ژھوٹ

جوان کم کم یوان باساز بسیار ‏ تمن نالی عبا ہاے الف دار

رنگہ ریون تمس کن گے یوانی ‏ رباب وساز واین گے گیوانی

## فقیرن ہنزہ جماژ ہنا ین تہ ژھس فقیرہ سُند ہیہ مالہ سیتی گفتگو

سُمِتھ تمت فقیرو ذکرِ ہو ہو ‏ ونان تس ہیہ مالے کیاہ ونن ژھ

کرِتھ ذکراہ وُنِتھ یی ہیہ مالی ‏ قلندر پیرنی کور وجد و حالی

سہ از جیس پیو وبے جیس گووانی ‏ ییتھوی کینژاہ ژھ عشقن زرنانی

دیان ژھس لوکنی اندر قلندر ‏ بو عاشق ہیہ مالے ژھک ژہ سندر

میہ کن کر اکھ نِگاہاہ ہیہ مالی ‏ گدا گوسے بو شاہاہ ہیہ مالی

بہان ژھک ژھایہ ہول میہ سرو گلہاو ‏ گٹہ گامژ میہ ژھم ژانی دوہ گلہاو

ژھسے عاشق ژیر گومت بوزیتی بو ‏ میہ دیداراہ دِہ گوسے زوزیتی بو

میہ گل روخ ہاوتم بلبل بلی میہ ‏ بوتے سنبل وچھے دِل تنبلی میہ

کھٹک میہ یان رٹک غصہ مرے بو ‏ کرکھ بوسے مرتھ زندہ گرژھے بو

سینٹھاہ چھم ہول دِل میٚہ اکھ کتھاہ کر     بُتھاہ ہاوُم فقیرس خدمتھاہ کر
کتھن چانین ہندوی میٚہ مارہ موٚت چھم     دیدار دِہ میٚہ سُے نالہٕ موٚتوی چھم
یہِ کتھ بوٗزِتھ مژر کوٚر ہیٚیہ مالے     دوٚپُن یژھ کتھہِ تژر کوٚر ہیٚیہ مالے

... ... ... ...

یتوی بوٗزِتھ دوبارہ دوٚپ فقیرن     فقیرن عاشقن تمیٚ خاصہ پیرن
دوٚپُن دونی میٚہ مرکن چھم ہیٚیہ مالے     ژیٚہ روٚستوی کیاہ کرُن چھم ہیٚیہ مالے
ہیوٚتُن نامش بلبل تراون درازا     قفس تراوِتھ ژوٚلوی زن شاہبازا
ازیں حالت شُدہ حیران ہیٚیہ مال     ولے پروانہٕ معشوقن گژھان گال
یہِ بوٗزِتھ بالکو ووٚد باکہٕ زن ژود     مریدن موت آمت مُرشدی موٗد
مرِتھ گے اُسی کرِتھ بے پیر ہیہای     سیٚدیوٚ تس چانہٕ عشقن تیر ہیہای
دوٚ تھکنا ہیٚیہ مالی دونی دوٚ تھکنا     اکھاہ دونی پیرسی سائنس متھکنا
کرکھنا برلب او بوسہٕ تارہ     لبہ ووٗن زندگی موٗمت دوبارہ
اُچھن تس مومتِس ڈالکھ اتھے ژی     وُٹھن بیٚیٹھ یُد کرکھ تس بوسہ زی ژی
کرُس زندہٕ یقیناً حق تعالیٰ     مرِتھ بندس کرس اژتس زُوا ز حکمِ مولیٰ
دوٚ تھکنے ہیٚیہ مالی مِٹہٕ چھی بار     کرُتھ مارا ژیٚہ تہٕ مارِتھ گژھی یار
یہِ کتھ تس ہیٚیہ مالے تیر آیہٕ     فقیرن لایہٕ ناون ژھایہٕ ژھایہٕ
وُدن تم ساری مُرشد چھم مرائنی     زِ چشمان چشمہٕ چشمہ اوٚش ہرائنی
وُہوٗہس ساروی دِل گیر تم گے     سپنہٕ نومید تراوِتھ تیر تم گے
وُچھائنی دونی فقیرن ہنزہ گرایہٕ     تھوٗساہ تس ہیٚیہ مالے کرِتھ آیہٕ
رِچھن تس مالک الملکس چھہِ ساری     خصوصاً مردِ حق مردن بوپاری

یہ بُوزِتھ نرم دِل گوٚو ہیٚیہ مالے تمِس پٮ۪ٹھ گرم دِل گوٚو ہیٚیہ مالے
وُچھتھ بے اختیار گیہٕ مست پاگھٹن رسہٕ تس نشہٕ بیٹھی مست پاگھٹن
کرینس بوسہٕ تارہٕ برلبِ او سپٮ۪ن زندہ دوبارہ ازلب او
خندہ کران وُچھتھ زن نیٚندرِ سٟتے اوس بوٚزُن لولہٕ تمِس زن نیٚندرِ سٟتے اوس
نِوان ژھالہٕ چھُہ مانندِ غزالہٕ نیٚبر نیرِتھ سُہ گوٚو یا درد و نالہٕ
بدین گوٚو نہٕ سُہ وۄتھی تکیہ بلِ منز کران سوٚی پأنی پانے پانسی سنز
امی رنگہٕ گے دوٚہ تارہٕ آدا جوان کم کم پِوان با ناز و آدا
تمِس ہیٚیہ مالہٕ کانہہ نہٕ درنظر آو وۄوُن راتس سرن سٟتے آرزن ناو
مُنادی شیمہٕ دوٚہہ دوبارہ فرک کرأنی ہر طرف کینہہ باک نہٕ چھک
گُزِستہٕ دوٚہہ یٮ۪ژ اُس آرہٕ کاژی خبر تکیہ بلس تامت تہٕ واژی
فقیرن یوٚزُس تس نأگرائن چھُہ لاگِتھ مول تتھ چھس اوٚل جاین

## فقیر سنز نأگی راٸس خبر واتناوِنی تہٕ سُہ آمادہ کرُن

دۄیک تس سانہٕ شاہہ ماہ پارہ ژہ مابوزان یہٕ ملکس کیاہ چھُہ پارہ
چھُہ کوٚرے دلہٕ دِیرس ینہٕ وُولے نیٚبر وۄتھنی نیر کرمے گیرہ مولے
چھہ کوٚراہ ماتمِس یدو الجمالی کمالہٕ تس جمالس ہیٚیہ مالی
بنگھنا ماہرازہٕ ہیٚیہ مالے بنگھنا نکھہٕ بازاہ ہیٚیہ مالے
وُنیک تانی کانسہٕ تس پٮ۪ٹھ پیوٚنہٕ ٹوٚری بہ عشقس عاشقو ژھُن پانہٕ موٚری
گژھکنا تور کُنہٕ کم کم جوان گے یژھکنا پانسی دولت دِیی دِسے

## ناگی رایہ سُند باغس منز واتُن تہ بلاویرِ شہُن سُہ پسند کرُن

یہ بُوزِتھ ناگی راین لوٗب پنُن نیب — دُدو ترد وُن پری گو واز نظر غیب
شیمُ دوہ ہیُس چھ پیومُت اتھس تل — ہُوتین لمکاہ مِلن یامت دِتن ژھو
پکان گوو با ہزاران ناز و سازہ — لگان یتھ ہیہ مالِے ماہرازہ
دِتن داٲرِتھ کلس تس پوشہِ گونڈے — لوٗبم ہی میہٕ لوٗبم ہے مادرِ موٗنڈے
خوشی و خورمی گیہٕ ہیہ مالِے — خوشی چھم یار پنُن آم بالِے
یوہوی ہے چھُم یہ ہوی ہے چھُم پنُن یار — لیہ ہوی گوژھ میہٕ گژھنے ہُرہ تر دیار
بباغ راجہ دوہمُت غلغلہ کیاہ — کران تس ناگی رایس مرحبا کیاہ
یوانی گے نِوٲنی تس چھ ہاوان — براجہ تاجدارن واتناوان
بصد دل راجہ تس تی لوگمتُوی چھُی — تمِس لالہ کران نالہ موٗتوی چھُی
دیان تس راجہ اے فرزند دل بند — وِل ہیہ مالہ ییانی چھُک ژہ خاوند
ژہ دلیشاٲنی میہٕ چیانی بہیر کیاہ مائے — گُبر کرتم گنے یم چیانی تیر ژھائے
ژیٖ پتھ شایان ہر آنچہ بود کردم — خدایس پتھ امانت می سپردم

## ہیہ مالہ ہُند ناگی رایس باگرین!

کران چھی ناگی رایس ینہِ وولے — بران کیاہ لول ہیہ مالِہ موولے
بنیژ کرِژھ ہارین ناز و سازہ — ونے کیتھ ناگ ارزن مہرازہ
مہرین اندرہ یرنگس پیٹھ چھ پراران — نیبر کنہ ماہرازہ جلوہ ماران
کران تم شادِیانہ رسمِ شاہان — سپُن دور سون ہجر سالِ ماہان

ونٕے کیاہ کیاہ ونن سوی ژھوٚپہٕ دِوآنی  وَنہٕ وُن تمۍ سُندوی کیاہ دِل نِوآنی

ونی کیٚتھ ناگراین کِتھو اژن اوس  ونہٕ کیاہ وَنہٕ وُن تہٕ بیہ یُگون اوس

ونٕے کِژھ موختہ مالہٕ کیٚتھ موختہ پرنگ اوس  جمال و مال کوتاہ رنگ برنگ اوس

سیٚمٕن خلوت نیٚبر تمہٕ ژدنزہ دایہٕ  چھ اوٚچھان مہہ رازہ بنزہ ژھایہٕ

چھِ پرنگس بیٚٹھ وناگنی بوسلہ وَتھ  یتم دوٚن دیدنی اندر للہ وَتھ

خرامان ناگہاں تس آو معشوق  دِوان جلوہ سہٕ اندر ژاد معشوق

شمع اکھ تہٕ دوٚیم تس سیتی ژونزا  عجب عاقل سوٚ ژونزاہ ہاری منزا

سیٚمٕن خلوت بخوبی سوٚ تہٕ دژایہٕ  ژہ ہیہ مال ون ژان ناگی رایہٕ

چھُہ اِستادہ وُچھن تس ناگ آدزن  سہٕ بر تخت وِیہ دِر زن سُہٕ پہ زن

چھُہ پرنگہ پیٚٹھی دِپان تس کُن ہیہ مال  ژہ میوٚنوی تہٕ بہٕ چانی چھس ہیہ مال

وُچھتھ آخر ہیہ مال از سر تخت  یُتھ تس گیہٕ ڈیٹھن ناگہاں بخت

بہ ناز و عشوہ کوٚریہ پوٚرہ تسلیم  نیاز و عجزہ کوٚر تمۍ توٚرہ تعظیم

ونن تس ہیہ مال یہ خوش اسہٕ وُن  سیٚمٕن اِمشب یہ بر عشق اسہٕ نوٚن

بیا بر تخت شو ای دلبرِ من  تو استادہ چرائی غم خورِ من

ہنوزم فرقتِ داغِ تو باقی است  ستادہ کام و جام چنگ باقی است

دلیرانہ بیا بر تخت من شو  امیرانہ بیا بر تخت من شو

وُچھن دوٚری ژہ چھک اِستادہ روٚزتھ  شکارک زن شکار آمادہ روٚزتھ

وُچھان کیاہ روٗبرو چھک ناگرایہٕ  کرانی گفتگو چھک ناگ رایہٕ

گژھس بو دوٚرہ چانہٕ ژیٚہ نہٕ عار  وِنستام چشم ریون ژھ گژھس خوار

میٚہ پرارانی وِنستام جان بلب ووت  یتوی ازتام ہتھی پرارِان تہٕ ون کوت

گُجُس بو دُودرٕہ آیی ژٕ ییٚہ نٕہ ننگ    وٕنۍ بس کرٕ یوٚ رکھس چھی سوٚنٕہ سُند رنگ
لگے اتھ گُل روٗخس تٕہ لالہ رویس    لگے اتھ سنبلُس تٕہ کالہٕ مویس
لگے کیاہ چھُہم ڈٲلی نوٲنی    نِوٲنی میٚہ چھُہم پیالہٕ دِوٲنی
خبر چھے پانٕہ پانس خود خبر چھے    بُرِتھ دِژٕمژ میٚہ عشقن کرٕ تبر چھے

## ہیٚیہ مالہٕ تٕہ ناگی رایہٕ سُند شِکوٕہ شِکایت

زٕہ گُلہِ گُندِتھ وٕنُس یی ناگی راین    زٕہ میانی چھک کرم کوٚر نم خدایٚن
بوٚ ناگی آر ژُناہ اکھ پرٕ ژُناہ چوٚن    میٚہ یُتاہ لول چونے کرٕ ژییٚہ تیتھُہ میون
میٚہ وصلہٕ چانہِ چی کر بٔژھ یوٲنی    میٚہ چھُم دوٚنی دِل فولن ژی کٔن وچھٲنی
سروری در دِلم در دیدہ نوٗری    ژھان چھُس خوان نعمت دُورہٕ دُوری
وٕنۍ شربت دام چھُم چینٚہ جامہٕ چانے    کھیٚنے نعمت وٕنۍ نعمت خوانہٕ چانے
لگے بوٚ ہیٚرہٕ یوٚن چھک سوٚنٕہ سبزی    لگے بوٚ پارٕ کیاہ چھک مارِ مٔنزی
لگے ابرو کمان چھی تیرِ مژگان    چوٚ سنبُل چھی زٕہ زنبل موی پیچان
لگے بوٚ اتھ حنا دستس لگے بوٚ    لگے اتھ دایرٕہ مستس لگے بوٚ
لگے بوٚ سور سامانس لگے بوٚ    لگے بوٚ پاک دامانس لگے بوٚ
لگے بوٚ جانِ جانانس لگے بوٚ    لگے بوٚ روٚنہِ دامانس لگے بوٚ
لگے بوٚ تیرِ چونے وا لنجہ آم    لگے ہیٚیہ مالی کوٚرتھم مندِ ژین شام
لگے سروِ خرامانس لگے بوٚ    بہ زُلف تا بہ دامانس لگے بوٚ
لگے از آمتوٗی چھُس چانہِ سالہٕ    میٚہ چونی سال تٕہ کرٕ بس ملالہٕ

## ہیمہ مالہ تہٕ ناگی رائے سُند وصل

کھٕسِتھ گوو ناگ آر زن موختہٕ برٕ نگس ... وُسِتھ ییو و مردِ عاشق کیاہ بومنگس

بلہٕ وُن تس بلہٕ وُن سینہ سینہ ... دوشن دٕرایہٕ بوسہ سیتین غصہ کینہٕ

لب نوشین شبا شپ تس زہین ملم ... دِتن آبِ حیا تس زن تمی دام

چہ میگویم چو ہم آغوش گشتند ... دِتمُک دب سارِسی خاموش گشتند

دواُنی تاوسی تم از ہوا ییو ... زمین رحمتُک باران کیاہ چیو

کدکھ زن ساعتاہ ہش زن سواتھا ... رِیتھاہ ہش رات معشوقس چھ ساتھا

سوکھ مارن چھُ زیچھِ رازٕ شاباش ... دوکھ لدچھی دپان کنہٕ کنہٕ چھُنا گاش

دپان چھی عاشق و معشوق میٹھی ... یہٕ میلُن سونی یُدوَے رات زیٹھی

دوکھ لد راتسی ڈیشان یامت ... دپان چھی آم میہٕ روز قیامت

وَ لیکن چھُ پیتہٕ پرٕ یتھ شادیہ دوکھ ... نٕ بوِی نہٕ عاشق و معشوقنی سوکھ

پتو وُچھ ناگِ رائس آو کیاہ کوس ... بہٕ احت بلہٕ پورِمی شین رٕتین اوس

... ... ... ... ...

بہر شب بستر زرِ سوہٕ یچونیاہ ... چھ ڈیشان صبحسی ہاوان نمو ناہ

پھتری گمتٕ سونس تہٕ مالہِ ناٲلی ... وُچھان ہر صبحہ کانہہ شایاہ نٕ خالی

دپان اُس یاُنی پانس نیرِ مے پوُر ... عجائب دولتاہ چھم چشمِ بد دُور

نتہٕ خوایاہ چھُ ڈیوٹھم اکھ ہواٲی ... ژٕ ولُم تراٲوِتھ تہٕ تھاوِتھ آمرتاوِی

پتو ایوان چھُ اکھ دولتٕ زوالی ... تصرُّف گوو کرِتھ عین الکمالی

شیہٕ ریتھ زینگو نہٕ گے آدا دِلیرس ... سہٕ ناگِ رائے گوو دوہا اکہ سیرس

## ناگِ راۓ سُندِ سیلِس نیرُن تہٕ کرٲچہِ ہِندِ مین دۄن فتنہٕ تلُن !

پتو کرٲجاہ گیہٕ درصحن پیدا   وُچھِت بانہٕ کرُن تمہ خلق شیدا
خوش یوُن رنبہٕ وُنی تس بانہٕ رتی کیاہ   وُچھن گیمتھ تمِس اُسی اوکھ سیتی کیاہ
پھِہَے ایوان مالہِ ہِندِس محلہٕ خانس   وُچھِت نیرُن تہٕ پھیرُن وانہٕ وانس
کنتھ بانہٕ گےٚ تہٕ بیہٕ آیہٕ   دہ ہیہٕ مالہِ دۄیمہٕ دہ ہہ آیہٕ
لگے پاڑی بو واتےٚ آشنا بارے   کری گلہٕ میوٗٹھ کیاہ میٹھی پھِری دارے
چہ میگویم جان گفتش چہ گونہ   انان چھس پڑھ ونان چھس گونہ گونہ
پتاہ ہنگان نبی تہٕ اولیا چھی   زِ مکرِ زن خدا وندا رچھک ژی
زِ مکرِ زن بڈیٚن مردن چھُ بیمی   دیان مکرِ زنس چھُوی حق عظیمی
ژریہٕ ہیہے مالی بڑی بڑی بوگ دینٔے   ولے بوڈ بوگ ناگ راے چھُوی نےٚ
دیان آسکھ میہٕ کیاہ ناگ ارزُناہ چھُ   یہِ میانی باگنہٕ ہِند اکھ برزُناہ چھُ
چھُ ساتی گامہٕ کوی واوہ پیوٚمت چھُس   لوکُٹ چھم روٚ چھمتوی میہٕ وُچھمِت چھُس
ولیکن تس تہٕ نےٚ بس پوٚرہ طالع   تمِس افلاس کوی تارک چھُم طالع
گوٚمت تس تفرقاہ آمت چھُ تراوِتھ   کولےٚ ستےٚ باتھ پو ترمُنتراوِتھ
کوستے چھک واوہ ونتم کرٲجہِ ماسی   ونتھ کیاہ شرکتھاہ یمہِ وس میہٕ زاچی
چھوٚ تس منز چھےٚ میہٕ انمر پوشہٕ مالاُ   زہ رتھم نشو بہ ہی یدوےٚ زیہٕ لعلا
کمی ذاژری چھُ پوژ ونتم چھ کیاہ بات   لگے پاڑی چھُ پزی یا ٹھین پری ذات
کمی آسمان کمی ملکہٕ میہٕ نش آو   چھُ تل پاتال آسمان امی سُندی ناو
میہٕ ونتےٚ ناو کیاہ تس سونہٕ میانے   گژھن حیران میہٕ پھیران زیر چلنے

پری گل رنگ ہے چھےُ تس سعونے ناو  ژلی تراوِتھ ژیہٕ ترِ یامت پنیس واو

چھہ آخر کار پرین بے وفائی  پتو پزٕ ھ آشنائی چھے جدائی

ژلن آخر چھہ تراوِتھ امی سنزی ذات  ہیہٕ باتھاہ پزٕ ہشی بادی کتھاہ رات

یوہ نوسی پزٕ ژھرزہ تس ہیہٕ ذات ہاوم  ژیہٕ کیاہ چھے ذات آخر ہیہٕ ترِ باوم

ژلی بوزِتھ مکلے ڈیشک زٕ تس نیب  یہِ کتھ سوی بوزِتھی روزِتھ گژھی غیب

رِیون ہیوتھ ہیہٕ ملے ژالہٕ تراوان  ہیوتن کتھہٕ پاٹھی ماجی حال باوُن

ژولم لمہ پاٹھنی پھیرِتھ یم سہ  وچھن لازم بناینِتھ یم سہ

لگے مالی یتوہی لس اوش مہ تراوم  پزٕ ژھوس مالی گژھوس مہ ذات باوم

یہ کتھ تس بد اِئی ترِ بتھ پھیری سوے  ژلی پانس پننِ کاماہ کری سوی

کرِتھ ژھنڈاہ دوہ دہ گنڈی انز ناوی  لدِتھ راہا ژیہٕ چاہا کھنزِ ناوی

دِپی ڈنگاہ سہ تتھ منز مثلِ بیہوش  گژھی نیرِتھ کرِتھ کل چائی فراموش

یہ کتھ بوزِتھ مرن ہیوتھ ہیہٕ مالے  کمو تارو ترن ہیوتھ ہیہٕ مالے

فرن دردِل غصہٕ در سینہ یامت  بظاہر بے وفائی ہند علامت

لگیم یدٕ بوڈ دغا ہیہٕ خانہٕ ماجی  یہ تقدیرن ہیہٕ کیژاہ وِنزِ واجی

کنے اندر کھنن زن تمی سنزی کتھ  کتھاہ ونتم پہے چھے وتھ پہے وتھ

زنانے عقلِ سیتین چھنہ کانہہ کوم  زنانے وتھ چھہ راوان چھس پتے بوم

زنانہٕ چھے نہ کینہہ پتھ بروہہ وچھانی  کرِتھ کاراہ پتہٕ چھے مندہٕ چھائی نی

زنانہٕ چھے پرٕ از مکر وبہانہٕ  لیسنزٕ بوزی کتھاہ تمی سنزی زنانہٕ

دِژن ہیہٕ مالہٕ انتھ پوشہٕ بتھراہ  کھوتس اندر وچھن اکھ کوزِ کھوراہ

یہ کیاہ چھے پوشنی سیتین یہ کیاہ چھے  ہمیزنے پالوش پوشن منز گناہ چھے

گگس خم کرتہ دم گوو پیرہ زالی      ستم بوڈ گوو تہ غم پھیور ہییہ مالی

پوزوی وون کراجی ماجے میہ پوزوی وون      یہ کیتھ چھے کونتہ کھور ول دزمیہ ہن

انت میہ گلہ میو ٹھوی کونتہ تہ پوش      گلس یا پوش ون گیہ لگیہ یا پوش

دپان تس زال ظالم نیم خندہ      یہ وات چھے تتکو لج کلہ ونددی

بڈہ بڈہ کتھہ کرنس وار چھم نہ      لدڑن آسمانسی سیتو کار چھم نہ

سلاماہ تھاوہ زنیس کرزنیس کلاما      تریہ تلیا تال کیو شوزہی سلاماہ

تسلی یا اژنی ہند گومتوی چھوی      گلستانی کھیو متوی ماکونتہ کھور چھوی

چہ اندرم کتھہ ہیے پڑھ کرمہ یا کر      کتھاہ وتہ تہ ون وتھ دزایہ نیر

## ناگہ رایہ سند وانیس یُن تہ ہییہ مالہ ہند تس امتحان کرُن

وَون مالے چھہ گومت گیڑ کاراہ      کرتھ ایوان چھہ ناگ آرزن شکاراہ

سہ ہییہ مالہ نش گرہ ہتوی تراو      توے تس میل تریشہ کن پکان آو

پلچم آب سرداہ ہییہ مالی      بلے بو گرہ درداہ ہییہ مالے

دیا سیتین وو تھانی چھس ہییہ مال      پلانی پیالہ تمی دوینس مہ مے زال

دوہک ہیو رسے گفت گوی چھےنہ      دوہ ہچ پیشانی تمہ شخوی چھے نہ

شکر ہیو چھے زہر خوشخوی سندوی      زہر ہیو چھے شکر بد روی سندوی

ذرہہ لد آدمی ذلت آنہ ون      فولہ ون آنہ ون دولت خوش ایوان

نوِل پیالن گیس تریشہ نوانی      پھرنس کش کدتھ چھنہ چوانی

چھ کر اتھاہ یتھہ میہ ایوان کیتھ چھہ پیالہ      پھرنس پیالہ تمی با درد و ملالہ

چھِ یم بانہٕ کمِس تام کراجہٕ ہندی    سو کراجاہ چھنہ کستام ژراجہٕ ہندی

چوان ییتھ پیالسی اوسُس ستہٕ کوٹ گوٚو    میہٕ پرٕ ونوٗی اَن گژھیمنہ پیالہٕ نوٚو

پرٕ بوٗزِتھ گیہٕ ہیہ مال حیران    پھُٹرنم پیالہ ساری چھُم میہٕ پھیران

نوٚین پیالن گیس تس ترٛیش نوٲنی    میہٕ زونم ڈالہٕ ماچھس خویش پوٲنی

گژھان اوسُم ووہنہٕ داماسی شرفو    پلنمس پیالہ ساری دن چھیم ودِی

میہٕ کرنداونوم اُمِس سوری عیان چھےُ    اُمِس نش کینہہ تہٕ حاجت کربیان چھُم

کیتھی چھس جگرسی منز باگ سُنتھ    ژولمُ نہٕ گوس میہٕ کیاہ آم بنتھ

کِتیکُ چھک تہٕ پوٚزدی ون ہاو میہٕ ذات    بو ذاٲژی ہیہ مالی چھُس پری ذات

کرکھ کیاہ ذاژسیتین ژی بو چھُس پوٗر    مرے ہرکنہٕ سمعس پیٹھ بو پانوٗر

میہٕ ہاون نوٚن گژھیم دوٚپ ہیہ ملے    کھیتین باژیاہ زِ بازی خورد سالے

دوٚپُس ناگ ارزن الغہ وار چھےُ نہٕ    ژہ دونکھ کارِ بازی گار چھےُ نہٕ

ژیہٕ پیٹھ دشمن چھُوی محلہ خانہ میونےُ    تہن میہٕ تور چھُک سخ کینہ چونے

ژُلیتھ ژھایہٕ بو ناگے ناگ آیاس    ون زاگان پریٹھ وتے چھُم کرتھے پاس

سو کھاہ بو چھُس کرن چھُم روے آدم    پھرتھ چھُس زم کرِتھ چھُس آدمی زم

منوشن منز ون چھُس منوشاہ    ژیہٕ نے پوشی تہٕ لاٲنِس ونتہ پوشا

چھُہ ہتھ باٲژی میہٕ اندر محل خانہٕ    پری گُل رنگ چھُم آشینو شہانہٕ

مُنافق باے مافرُ ہیہ مالے    تمی ماکینہہ ونن کرٕ ہیہ مالے

حدِہ نیرتھ یہ آمُت چھُوی سنہ بوز    کران حیلہٕ ییتھی کیتاہ چھِہ ہر روز

بو تلیا تال کُن یام کلہ والے    گندٕن ہتس میہٕ کھوژن منتہ والے

کرن زنجیر پاین سلسلہ مے    میہٕ دِل ژرے نِش ژسند چھُم زلزلہ مے

دُوبارٕ آیہ لٲگتھ ماجہِ کرٲجی   کرن جادُوی گژھی ماجی ژریہٕ ژراجی

حسد کوتاہ سونیٚن آسن چھہٕ افسوس   حسد کانہہٕ سونِن کاسن چھہٕ افسوس

حسد از دِل نیٚبر تلہٕ سن چھہٕ ترادن   جُدائی پھاس در دِل دوٚن چھہٕ باون

سونہٕ دادِس دوا تعویزٕ چھےٚ نہٕ   سونہٕ دادِس ژلُن بجز موت چھےٚ نہٕ

وُچھِن آسی تماشاہ چھیم کٔنی کتھ   ژلی یام سون کلی نہٕ بوزتم کتھ

... ... ... ...

چھُہٕ تل پاتال محلہ خانہٕ میوتوٗی   کرِن کینہہٕ گوژھنہٕ ظاہر دانہٕ میولوٗی

خفا چھُم خانہٕ کوٗی آمُت میہٕ درپیش   ژلِتھ چھُس دراموٗی از خانۂ خویش

بو روزان چھُس سمانس کُن روانہٕ   شبانہٕ چھُس روانہٕ سوئے خانہٕ

سمان شہراہ چھُہٕ دیون تہٕ جنن ہُند   وُچھِن سوٗی کارِ چشمِ روشنن ہُند

درازی تہٕ کھجر تتھ شہرس ...   بوُد مابین این کشمیر و لاہور

پری ہا را دراں شہر است ... آگاہ   تو لبِ نور است بو پرین شہنشاہ

بو غمگین چھُس یمی موجب خدایا   دِمے دیب شاہیہٕ لاگے گدایا

چھہٕ گھرواجین نہٕ مانان میانِ شاہی   شبان چھمنہٕ سماریٚچ بادشاہی

یمِس لالس گھر کرِ آلہ گوژر راو   تمِس کیٚتھ مالکن دوزخ نیٚتی لھاو

تماشاہی وُچھک یتھ کیٚتھ تماشا   میہٕ ہاوتم ذات پاوِے لِہ تہٕ حاشا

تماشاہی بو ہاوے ہیہٕ مالی   بو ناگی راے راوے ہیہٕ مالی

وَدن دادے کلس خاکاہ لدن چھےٚ   لگے پاری کرن طاری مدن چھےٚ

مُسلمان آسہٕ ہک میہٕ بوزہ ہک زار   روانی ظلمُ گژھہٕ دِیُس خبردار

ڈوپُس ماکلے بو وندے مال کرانوی    بظاہر بو بٹنہٕ کیاہ دِین چونوی

ڈوپُس ناگ اَرزَن ہا ہیہ مالی    بظاہر چھُم میہٕ کُفرک جامہٕ نالی

چھُہ بہتر عاشقن ہُند نام بدنام    میہٕ کورمُت رچ بو اندر دینِ اسلام

ملامت جامہ دل روز کھ سلامت    مہ وُچھ قفس یہِ عشقُن چھُم علامت

پرائی کلمہٕ ڈوپنس ہیہ نالی    یُسوی دین بالہٕ یارس سُوی میہٕ بالی

کُنُو دِین شُوبہ آسُن یار یارن    رٹان چھس چون دِین بو اختیارا

یِتھوی ہیو گفتگو گوو پانہٕ وانی    وِں ہاوُم ذات کرِنس لیل تہٕ وانی

## ناگی رائے سُند دوہ کرُنڈس منز غوطہ دِیُن تہٕ غیب گژھُن

دپان چھس ہیہ مال اے دلبرِ من    بہ رنج و راحت تُو غم خورِ من

یہِ بُوزم تہٕ ژہ وَنتم وِل بنی کیاہ    پری ذاتھی ژہ ہاوک یُد چھونی کیاہ

تماشابین ژُسُتھ آے یام تامت    ژلن وُنی دُورُک زر تا قیامت

بچارہ گامتی لاچارہ سارٕی    ہلوو ہیوُ بلہ ویرس ووتھ ژوپارٕی

چھِہ ہیہ مال گامژ اَرزنس نالی    میہٕ ہاوُم ذات باوُم کس دِژس مال

چھِہ ہیہ مال کیژاہ فتنہ بردار    روادار جفائی بے وفا یار

گمان اوسُم یہِ جانِ جان میانی    چھِہ نادان عقلہِ ہنزی پھسہ دانی

ژلن آخر صلاح نیرتھ ژلن چھُہ    دو شہِ وُنی جائبن یُدوَے گلُن چھُہ

دِلس بے دایرن کورنس مدارا    یگاہ ہاوَے چھہ کانٕی بیٹہ وارا

جُدا ژُو دی کوھٹین ڈوُن زین بہانے    شبس زن زندہ مُودی تیم ژہ پلنے

چھوکرس نہ لیس نہ جوڑہ پنز چھ مایا دزہیہ لد دُور کرتن یا خدایا

صُبح سیتھ تہ دوپنس ہا و میہ ذات یگہ اکُک وعدہ دیتمُت چھے ژ تہ میہ رات

دوپنس وعدہ یہ عمل میہ انن چھم گناہ تو ہمہ بر گردنِ تو

ول اندر باغ بُڈ اکھ دوہ کُنڈ آن تتھوی ہیو بیٹھ میہ تمتھ اندر بوڈیمتن

وتائی چھس انان در باغ حاضر دیانی عالماہ اُچھان ناظر

میہ سیتھ دُوریر کران چھک ہیہ مالی میہ تی یانس پھران چھک ہیہ مالی

ژہ میانی تہ بوچھ لوی آدنگ یار ژہ زانکھ نہ میہ زانیوم عشقوی نار

بو زانتھ ژی میہ دِل دار و ژہ زانکھ جفا میو نوی وفادار و ژہ زانکھ

مہ ژٹ یاری رٹن چھوی گرہیتماہ میہ نون یوسف کدُن چھے محنت چاہ

میہ دِم رو خصت خبر چھا کرول میلو ییی کر پھیر یتھی یس نیر یتھی گوو

قفس ترأوِتھ نفس ہو چھوی ژلأنی بدن وار و بدن ہو چھوی گلأنی

دِلاسا دِتھ کران چھس رُوح گراوے مرُن چانی اتھے چھس وونی بوزاوے

کرُس بو مارہ اُمی چانہ نفسہ براری بھری مادشمن من دوستداری

مہ ژٹ یاری ژہ مولی رٹ شیطان بہ نقص و نفع خود کینہہ چھکنہ واتان

یمن صاحب نہ چشمن گاش دِیی تمن دیدار چھ کتہ یہ آش چھیی

دوپس ناگ آرزن ہا ہیہ مالی میہ نے چھک یہ رزہ نن ہا ہیہ مالی

دیان چھس جھلکوی چھے ناغور دا میہ آرزن یرزہ نک چھک کونہِ ژودا

خبر وأژم ژہ ما چھک ذاژ واتل یہ کھُری لدھی کموتاذ کھور کتھی ژول

یہ کتھ تس ناگیر آلیس آیہ چون تیر دِژن ڈنگاہ تہ گو وغیب ازخم شیر

یہ کتھ تس تیر لج تحقیر گو وغیب دِژن در شیر ڈنگ از گیر گو وغیب

دیان لأین کھیاہ از ژھاگسی تس — دٔو سہ مؤے آمدہ در دست اُوتس

سہ رُوشتھ ژول تِتھوی ژھایہ ہُول دراو — یہ موت جوشس نہ پوشان اَتھوی دراو

## ہیہ مالہ ہنز گریہ زاری

وُدن ہیوٗتھ تالہ گو دِتھ ہیہ مالے — پشانی اوٗش تراوان ژالہ ژالی

پشیمان از خود و از کارِ خود شُد — زِ رنج و فرقتِ دِلدارِ خود شُد

پوان تس باک ونان پُر درد فریاد — دوہ لو صیادہ دِیتھم تیر فولاد

روان اوس دوان ہر سوی فریاد — پوان چھُم نہ یارو گوم بیداد

کوٗتو گوہم کوٗتو گوہم دوہ لو یوری — یتم پھیرتھ نتم بانس نِشہ توری

مرے ہو جانہ ہجرک داغ ہیتھ بو — اژے کس پھیرنی دوہ نی باغ ہیتھ بو

ژیہ روستوی پزنگسی پیٹھ ستو پیٹھ نو بو — ژیہ روستوی نعمژن دوہ نی کوٗ بو بو

ژیہ روستوی پزنگ پلنگ میہ ڈولنی چھُم — ژیہ روستوی ساز تہ چنگ ڈولنی چھُم

ژیہ روستوی خانہ میہ گوٗمت چھُ بے نور — بہم کردن دِہم دیدار از دور

ژیہ روستوی جاے عشرت چھُم میہ زندان — نہ دِل شاد است نے جان اَست خندان

ژیہ روستوی عشرتس عسرت میہ گوٗمت — ژیہ روستوی دولتس ذلت بنیومت

کوٗتو ژولہم کوٗتو ژولہم دوہ لو یوری — یتم پھیرتھ یتم پھیرتھ نتم توری

دوہ لو دِلدارہ ژے روستوی مرے بو — زرہ زام چھس ذرہ دوریر نو ذرے بو

مرے بو بوزنی دوہ نی چون گفتار — مرے از یادِ آں آزاد رفتار

مرے ییہ نے قدِ برجستہ ڈیشے — مرے پتہ تم زِ سنبل دستہ ڈیشے

مرے ہو جانِ جانانو دوہ لو یوری — مرے ہو ماہ تابانو دوہ لو یوری

مرَے ہو زُلفِ پیچاں وہ لویُورِ    مرَے ہو شمع پۂ دانو وہ لویُورِ

وہ ل دُودیٚر چون اصلا نو ذرٕے ہو    مرَے وہ ؤنی رات کیٚو دِن ہو بری ہو

نتٕے لاگے زلیخا روزٕہ بر راہ    دٕمے وَن یو میٚہ پھیرِی کر شہنشاہ

نتہٕ بو روزٕہ لیلیٰ بندرن ون    وہ لو مجنون پھیرِی کوہ مینی ون

نتہٕ بلبل دِمے وٚن بو گُلن منز    نتہٕ ژھانڈتھ بوژِی صاحب دِلن منز

نتہٕ پمپوش نیرَے سیتی ہمراہ    ژٕہ گوہم کالہٕ اوٚبرس تل میٚہ چُول ماہ

نتہٕ لایہٕ بو ناداہ ناگی رٕاے    ہیہٕ مال ترأوِتھی گوہم ژٕہ ژھایہ

یہٕ نو زانیٚوم یہٕ میٚہ بختٕسی کوس    یہٕ نو زانیٚوم میٚہ کرمہٕ لانہٕ یی اوس

یہٕ نو زونُم پیمَ میٚہ فاسُرن ژٕور    یہٕ نو زونُم گرٕہیٚم میٚہ یادنس سُور

یہٕ نو زانیٚوم میٚہ یاوُن اوس تاوَن    یہٕ نو زانیٚوم میٚہ چھےُ ناگرائے راوَن

یہٕ نو زانیٚوم سوٕ نس واوت پیمَ میٚہ    یتھہٕ نزانیٚوم سوٕ نہٕ دأدی ہیٚتھ ایم میٚہ

یہٕ نو زانیٚوم سوٕ ہٕز دود یُوت مُشکل    یہٕ نو زانیٚوم میٚہ لاگن زالسی گُل

یتِم پھیرِتھ یتِم وہ ؤنی ناگی رایہٕ    دِتم میٚہ درشُناہ اکھ روشہٕ ژھایہٕ

وہ لو پرُسان کری نو ذاتِ گوہر    چھُہم سر دارٕہ وہ ؤنی میٚہ تاج بر سر

وداأنی اَس ہیہٕ مال راتس    مدن وارس پتہٕ دوٚد مُت جگر تس

سوٕ وہ ؤنی دو بار میلاہے خدایا    بُوتس یژ گیٚس شیدا ہے خُدایا

تمِس نہٕ کھیوٚن تہٕ چوٚن نہٕ کُنہٕ آرام    وُلِتھ زالہٕ ژُکِتھ میٚہ گوہ دِلآرام

اُکِس دوٚن عشقن ہی سیلاب پھرٕ نہٕ    ستہٕ کُس لیس زہر عشقُن آب کرٕ نہٕ

## ہیٚمہ مالہٕ ہنٛز لیلہ کرنی تہٕ باکمال درویشس سیٖتی مُلاقات سپدُن

سو ہیمہ مال ہراران لیلہ کران اوس — کھیوان تس نا گراین کیاہ چھ افسوس

متو ژلتم میہ بالے بائلِ بائی — متو ژلتم میہ ترأوِتھ ہیمہ مالی

متو ژلتم کرن آسی جُدائی — کرِے یتھم اوّلے کیاہ آشنائی

متو ژلتم ستِم ہو چون فش گوم — ژلُن ہو چونوُی اڈہ لیک ہا میہ کھش گوم

اڈہ ییچ آشنایی کرِتھ ژلُنہ یا — خُدا ترسو جُدائی کرِتھ ژلُنہ یا

میہ ہیے ہیے یژھ دراے وماے چانی — میہ نا گو رایہ کونو قدر زانی

میہ ہی ہی کوہ زونم کونہ ژلُونم — میہ چانی رادنن تاون ہیوٗونم

سونہ داد چ تمگر آسنہ خبر میہ — پھیرِس پانس کھورس لایم تبر میہ

میہ ہیے ہیے کونہ مانوم چون فرمان — میہ ناگو رایہ رُودم چون ارمان

فقیری ہینٛز مژی چھے ہیمہ مالے — کران ہیے ہیے چھ اندر باغ سالے

فقیراہ اکھ ڈیٖر درباغ وو توُی — یہ ہیے ہیے بوزِ ہی کوہ آرہ کا توُی

کری تس یژھ گادراہ تمو فقیرن — فقیرن جان فدا قربان فقیرن

فقیرس خستہ دِل کوٚر ہیمہ مالے — ببین تا برسرش آمد چہ حالے

یژھان چھوی ہیمہ مالے کیاہ گومت چھے — بدن ژیہ گومتوی ژولمت ژیہ کس چھے

دوانی کس ژہ چھک فریاد و نعرہ — روان راتس بدن چھے پارہ پارہ

ژیہ کُس چھے یاد ہینٛز مژ اژھ ریہہ چھے — کسندہ پوژہ راوُم نیندر تہٕ نہ چھے

میہ راتس رود راحت ہیمہ مالے — میہ وننے تاو کیاہ تس ہیمہ مالے

ونان ہیمہ مال حالِ دل فقیرس — فقیرس خاصہ پیرس دستگیرس

میٚہ لادن چھم تٔہنٛز یادن پیٚیمے یو — فقیرو سیم و زر یادن وندے بو

میٚہ کرتانی پیرہ تی نِش ہیوٚر بوتی گوم — گلٲنی روزٕلٲنی چھم نٕزراہ بوم

دِلن صاحب دِلن ہندین گییم راے — پییم ہایاہ دپانی چھس وہیہاے

کُسند تام شیشہٕ دِل پھُٹرُم میٚہ — سِیتَم پانس کوٚرُم پانس کوٚرُم میٚہ

لگے درویشہٕ چھم معشوق خاوند — بوٚتُس پییٚھ ٹھجِھزی گجھزی گُرِش بند

لگے کنٕہ پاٹھنی میٚہ دأدی سی وات — بو عاشق آدمی دلبر پری ذات

لگے چھم ناگ ارزن تمی سُندوی ناو — زٕ لیکھ گومت میٚہ ارزن ورزنک داو

## درویشہٕ سُند ہیہ مالِہٕ ناگی راَیہ سُند نیب دِین تہٕ تسُنز بے قراری

دوٚپُس درویشنی خاموش — یو حالاہ اکھ وُنے وونی تھاو تتھ گوش

یِہ ماسوی آسہ یُس ڈیوٚڈُم میٚہ دیروز — کھسان از چشمہٕ بابخت فیروز

کلس دِتھ اوس تاج شہریارٕی — یکان تس پوٚہ ییٚنک پاٹھیٚن سوارٕی

سُہ برو نہٕ برو نہٕ مہراز ہو روانے — تِس پَتہٕ کاروان وَے جلوہ دِوانی

سُہ مہپارہ سواری ذن ستارہ — تمِس آوارہ گی اُمنز سُہ وارہ

کران بر اسپ تازی ترکتازی — سواری تمی سِنزی درتیرہ بازی

نیبٕر گوو ناگہٕ نیرت پیٚھ سوارہ — پرُژھن ہیوٚتھ میٚہ اُکھس نِش وارٕ (وارہ)

کموچھوٚہ لوٚہی گُزھان کتو چھوٚہ کیتیو آو — کسو چھوہ پادشہ ییرس کتو دراو

دوٚپہم چھُوی پرٕی شہر سون ارزن — اُمِس آغس چھُہ ہر کانہہ سون پرزن

سمانس کوٚن چھُہ تلیا تالہٕ ییران — اُمِس روٚستوی وُنتِ تام اوس حیران

رنِس تس نوٗر خوٗرہ ہو ہرأنی — رو نہٕ داماں سَرِو نی اوس کرانی

منوشن اندری از تمام ژلتھ گود | ودل محله خانه کن کھتام پتھ پیو
صلح سیپن دہر در محله خانه | چھ ووذ شہر سماناس شادیانه
رچھ واتن تم سماناس گے روانه | مه کرکھ مکان پتو اکہ آنه
سماناس منز سپے ہتہ میہ تمو وان | وچھم زن شالمار اندر سوار زن
نیبر درامت زجنت زن سہ باغا | ژٹھ در باغ ناگ ارزن چھ ناگا
چھ فرشن زرون ناگس پتھ کرانی | سر مخمل چھ مخمل وتھرانی
ونے کیاہ شب سپن یام روز موکھ ہا | سوناس پتھ سونه پوش کیہ پرواہ ترود
صفس سبزارکس پتھ تکیہ دتھ شاہ | پیاہان پری چھس صف بصف کیاہ
چھ اندر باغ دوکھمت شادی شور | ونے کیاہ ہیہ مالی ارزن دور
وچھم تتھ بنگلسی اندر بہ دیوار | بناتھ اکھ حویلاه کیاہ طلادار
عروسی پنجره تتھ کرہتی خاص | بو از بہر تماشا تتھ اندر ژاس
وچھان چھس تتھ حویلی منز تماشا | تماشا ناگی راین ذونه گاشا
دِ دل در باغ آستھ ہر طرف آس | پری استاده تس نش صف بصف آس
کران حاضر چھ ناظر حکم شہ توان | کھیوان گے خاصه نعمت ہای ایوان
رواني لقمه ناگ ارزن کھیوانی | یوان ناظر تو لتھ خوانس تو انی
تمس پتھ بعد خوردن حکم شه آو | یه ژودی ژھوٹ ته ناگس اندری تراو
بتھس پتھ زیره جانا وار ژھاندن | یه اندر ناگ پیوتی داته کاڈن
ته کھین ترچن ته واتن ہیہ مالی | عزیزه ساتے میانے لوچه بالے
ونتھ یوتوی دوشاه نیرتھ ته غش گوس | بنان کوتاه ته اوش تراون ته کھش گوس
ندیم از ہر طرف چھس کھف کرانی | عزیزان لولہ اوش چھس وتھرانی

اِشارت ژیون از غارت بزودی — گیوُن ہیوان ژھ قوال وسرودی

تو لگ از ہر طرف تعریف معشوق — فراق یار وَنہ وُن زیادہ گوٚ و شوق

غزل خوانی سپن دریار و دِلدار — ہریٚو تس ناگی رائیس عشقوٚی نار

رد آنی گوٚد دِ وانی جامہِ چاک — غزل بوزان بسوز دِل ملن خاک

یِتھوٚی پیٚو غم تمِس درشاہ دیانہٕ — سہ کھ مارس دوکھ ڈیوٹھم شبانہٕ

## ہیہ مالہٕ ہند درویشس سیتی شہر سمالس منز واتُن تہٕ ناگی رائیس سمکھُن

اژان چھوٚی ہیہ مالی سوٚی وُچھت توٚ — نو لانی چھے تُلانی ذکرِ ہوٗ ہوٗ

خُدا رَٹھ دُعا نیرن ژریٚ ساری — خُدا وندس فِدا بو پاری پاری

سہ شب کوتاہ سپُن صُبح دمیدہ — ہیہ مال عقل و ہوش دِل رمیدہ

ھوٗ اللہ حسبنا اللہ چھے پرآنی — فقیرس کھوٚر رٹان چھے اوٚش ہرآنی

بو مُرشدہ میانہٕ جسم و جان وندے — میہٕ ژونژی آغہ لاگم چھس بو بندے

میہٕ کرتم عمرہ کرٕ ممنون احسان — میہٕ ترادِتھ ژوٚل جسمس نیرہ میہٕ جان

فقیرس نرم دِل گوٚ وڈیشتھی حال — دوٚپُن لاچار گاہِ چھے ہیہ مال

یگاہ ڈُبڈ شہر تاہ ہر سوے پیہٕ — پری زن عیب ہیہ مال گیہٕ

... ... ... ... ... ... ... ...

ستہ کرانوٚی قبیلہ آسی لاران — ژھنڈن گرد و نواحی آسی گریان

تسلی گژھتہٕ آخر ساتم توٗ دی — پدر مادر فراقس سادتم موٗدی

فقیر القصہ رفتہ موختصر بوز — سہ اندر بقچہ خفتہ آس خوش روز

بپای باطنی توٚت واتناوَن — عروسی پنجرسی اندر سہ تھاوَن

دَماہ اکھ دوت توٗتہ دوہ اوس باقی    سپُن نہ آرزنس تامت مُلاقی
سہ گومُت اوس لشکر ہیتھ شکارس    فقیرن دوٗپ دوہس راتس وِلِ پارس
کرِتھ پھیران چھُہ دوہ لُوستھ شکارا    لبِہ شہر سمانس شالما را
پری باغس اژان گے فوج در فوج    چھِہ ناگس آب نیران موج در موج
یہ باغس اندری خلوت زُٹِتھ رُود    ولی پنہاں برائے مصلحت بُود
چھہ ہیہ مال ڈیشان ناگی راین    جمال و مال و بخت و تخت وجاین
چھُہ کافوری شمع باغس دزانی    رباب و ساز ونے ہر سہ وزانی
انان گے پادشاہس خوان شاہی    بصد ایوان بصد سامان شاہی
چوُ خوان خوردند سفرہ دُور کردند    طلب نغمہ شراب و زور کردند
سپُن آراستہ اکھ مجلساہ دور    چھُہ ہیہ مال دِل ہے ہے وشور
کرِکھ کیاہ ہووہ منز میارہ کرسہ    للہ وُن طوطی تہ ہارہ کرسہ
حکومت سلطنت لشکر تہ جاگاہ    سپُن بہ گوہر شوہر سہ آگاہ
ژیہ منزِ م یارہ وندسے سر بو پادن    چھِہ برحق یار یارن جائی لادن
ژیہ منزِ م یارہ بوٗڈ کیاہ مرتباہ چھُے    ملہ وُن دوٗن تگی بُڈ مرحبا چھے
دِلہ یاہ گھیٖن دِتن دروِشیسی ناد    یہ پرِین منز بہتھ گوداو چون یاد
سر دس کُن نہ لوٗدمُت کانسہ اکھ دم    دپان چھُم شہ یوان پیم بوئے آدم
مُنوشاہ چھُہ اندر مجلسِ ما    پری کریشان فقیرن کرِ سلاماہ
کلاماہ خوش کران چھُم باتبسم    بومحرم اکھ زُناہ کانہہ نہ دو پہ چھُم
دپان چھُس ناگ آرزن مہرو مایہ    مہربانی کرِتھ مردِ خدایا
مُبارک مرحبا گے تمِ ونانی    ژہ صاحب دِل بزرگاہ چھُے ننانی

بجز کابل کسے اندر تماشا — پری شہرن چھ ٹھرانی نہ حاشا

یوان چھک از کجا تشریف کتہ اوس — دپان چھس شاہِ پیٹے چانے بو خوش گوس

ونیک تام شب زہ گی یوت چھس لعانی — سر ودس چانسی بو کن دِوانی

یوک شب سنزہ گو دو تس بو چون تیر — نباگر درمیان ملکِ کشمیر

غدر میہ باغ کس زنبو آرکس پیوم — کدُم تتھ اندری شب دِل میہ خوش گوم

تتی ساری شبس میہ پیوم ماتم — چھ آخر شادِ سیتی آمتوی غم

گڈم راتھاہ ترٹھی تڑھ کانہہ کڈن — اڈو متو چھس تھوی تتھ کانہہ وڈن نہ

بہ بوزم تی میہ کانہہ خوشروتہ بوزن — دِل شہ زان الم ہاشاد روزن

میانِ باغ ڈیٹھم ہیہ مالاہ — رون کیاہ داغ دِل ہیتھ زن گلالاہ

پری رو شاہزادہ آدمی زاد — غمن خم کورمتوی تس سروِ آزاد

بنیمژ اتھٹ ورشی شیٹھ ورشی — سینہ تس کہنز تام عشقہ برشی

دنے کڑھ ہش ونان کیاہ اس گراو — نتم یارس نشہ ہا داوہ کاوہ

ونے کڑھ بلبل کران دریاوِ دِلداو — ستم کرتھم دِتم دِلدارہ دیدار

ونے کیاہ یانی آہ و نالہ تراوان — شبس نیندر تہ نہ چھ راوہ راوان

کھوتم میہ کاوہ رہ روشتھ زولم یار — ول کتھ گلزارہ ہی داوہ پھولم یار

میہ کینہہ معلوم نہ کس یارنی شند — چھ وکس دِلدارہ زور آوارنی شند

یوان چھس بوزناہ اوسم کرن میہ — اثر چھم ہیو تمتوی جانس ترن میہ

میہ چانی بلبل تہ بوزم در ترانہ — تریم شب اد چھ تتھ چھس درمیانہ

تریہ تہ تس ما چھ عشقاہ پانہ وانی — کران ماکھ اکس چھوہ للتہ وانی

بہ بوزتھ ناگی راکس نارہ دزتن — دوپن درویشہ بس کر بس یتوی ون

یہے چھے دِلبرو دِل دار میأنی
یہے چھے یار زور آوار میأنی

سوٚ چھے درباغِ شاہی میون ہیتھ غم
سوٚ میأنی عید تہٕ سوٗی میون ماتم

سوٚ میأنی موت تہٕ سوٗی میأنی جانان
سوٚ بوٗزِ زانن مےٚ چھم سوٗی یار زانان

لوٚبم مےٚ ہیہ ملے بالہٕ ہند نیب
بو پےٚ زان ناگ ارزن تس گوٚمت غیب

چھ اندر باغ میأنی پژہ ونال کیاہ
یہٕ وٚنتم وارہٕ وٚنتم ہے ہے واہ

فقیرن داد وٚنتس باترانہٕ
چھ ہیہ مال بوزان دانہٕ دانہٕ

یہٕ بوٗزِتھ ناگی رایس لیج دِلس شراک
ژٕجی تس باک نیرِتھ از دِل چاک

خیالِ یار اوٚن تمیٚ در مخاطب
دِتُن تمیٚ نالہٕ کیاہ از جان پُرتب

مےٚ نارہٕ سینہ بوٚرتھم ہیہ مالی
مےٚ پارہٕ پارہٕ کوٚرتھم ہیہ مالی

مےٚ کوٚرتھم ہول ارمان کینہہ تہٕ درام
ہیتم در خواب را تھاہ لول مےٚ آم

مہٕ لد مےٚ یار چھوٗی نہٕ کانہہ گُناہ مےٚ
ژٕہ یکھنا سالہٕ دِکھنا درشناہ مےٚ

یہمنا دوٚنی یہمنا کلہٕ وندے
ژٕہ لاگکھ آفہ دوٚنی لاگے بو بندے

... ... ... ... ...

یہٕ بوٗزِتھ ہیہ مالے دِل سیٚن خون
دیان چھے نیرہ دوٚنی از پردہٕ بیرون

دِوان چھس حرف وی زن ضربِ خنجر
دیان چھس پھُٹرِن دوٚنی زال پنجر

یوان چھس آہ تمیٚ سندزن زہر کان
نتہٕ ماتیر آسِس تم ژٕہ جگان

دیان چھس دِل صبر کر عشقِ پرخیز
توٗ شیرِ خویش را در شہد آمیز

چھ عشقس صبرہ سیٚتین نہٕ کانہہ گوم
دٚودُس دِل دِلبرس ہے ہے یہ کیاہ گوم

کراٚنی زِٹھ چھ آخر بیہ ساتھاہ
دیان اٚس نیرہ نا کنہٕ پاٚٹھی راتھاہ

یہٕ بوٗزِتھ ہیہ مالے ہی کران ہاے
دِژِن لتھ پنجرس تہٕ وٚتھ سوٚ پر پاے

ژوٗٹن پردہ پھوٹی تس رازِ پنہان  دِتن تس ناگی راٰیس پیٹھ برٗتھ پان
کوٗرن نالہ موٗتوٗی تس سیتی ڈول  تہ دِلریشتھ حاضر و ناظر نیبر ژٗلی
مُتِس گوٗ وخوش متن دُون نالہ موٗتی مول  گژھان حیران چھہ بعضے بعضیو گیوٗل
وٗدُن ووٗتھ عاشقن معشوقنی زور  ژٕہ ونتم کور یوٗت ونتم ژٕہ یوٗت کور
ملہ ڈکھ پانہ واٗنی سینہ بسینہ  دپان اُس اکھ اُکِس کُن یی پزی نہ
کمیٗو اوٗننکھ ژٕہ یوٗت معشوقہ میانے  بو واٗژس شوقہ تہ معشوقہ چانے
چھُہ شوقی حضرت معشوق ہاوان  خُدا ئیس در دُو عالم شوق ہاوان
نہ ظاہر میٗہ نہ باطن ہیہ مالی  ژِیٔ نِش ما چھا انان صاحب کمالی
یتھین صاحب کمالن پارہ پارہ  بزرگن اہلِ حالن پارہ پارہ
یہ دولت چھے میٗہ یمی پیر بزی  فقیرس صاحب تنویرہ سبزی
دُبِھتھ تس ناگی راٰین پاے ژٹنس  بہ گریہ برونٹھ کنہ تس جامہ ژٹنس
دوشی تم تس رٹانی دامن و جیب  فقیرن تراٰو رُو گو واز نظر غیب
براحت پانہ داٰنی تم ژٕہ گی جُفت  ثنا خوان اکھ اُکِس کیاہ دولتاہ مُفت
چھہ دولت کاہنہ نہ معشوقس برابر  چھہ نعمت کاہنہ نہ تس شیرس برابر
کران کیاہ ناگ ارزن چھس مدارا  چھہ ہیہ مال ڈیشان شالہ مارا
چھُہ واہ واہ شالہ مار اندر سمن یار  بہ تنہائی تنِ تن میلہ ون یار
چھُہ واہ واہ دُلبرو معشوق روزن  چھو کرلد عاشقن ہند سوز بوزن
چھُہ واہ واہ بیقرارن دوٗن رُٹمتھ گوٗ  متین دوٗن بالہ یارن نالہ موٗت گود
بہن ووٗنی جاے خلوت لولہ مایہ  ژٕہن دوٗنی خوان نعمت ژھایہ ژھایہ
ہیوٗتکھ درباغ پانس آب چھاوُن  دِتیک فرِ یرِ اکُسی نوٗو لوٗ بکھ یاوُن

سماکس اندری کینژن ریتن بو — تیتھوٗی تس سیتی بیتھ دوٗن گنوٗی گوٗو
پرژھن ہیوٚتس ول کیاہ چون تمنا — مہ وَن پوٗنوٗی ژہ وَن ہیونوٗی تمنا
گژھک دوٗہ نی ژِ گژھک دوٗہ نی ژِ میہ سال — تمنا ناگی راین چھوٗی ہیہ مال
سپن میانی ہمت در محلہ خانہٕ — ژِٕ یہ نِش واتن میہ روزان وشبانہٕ

## ہیہ مالہِ ہند ناگی رائیس سیتی تسندِس محلہ خانس منز گژھن

دپان چھس چانی کامن ہیرہ بون پھم — ژِہ بون میہ والھک دشمن میہ سون چھم
دپان چھس ہیہ مالی کیاہ ژِٕ یہ غم چھے — ژِٕ یہ ارزان پرزناہ ہیوٗ دمبدم چھے
یُس اکھی مہربان یار آسی — تمس نِش دشمن جان خوار آسی
وَنُن ہیوٚتھ ہیہ مالے ناگی رائیس — دچھن کوٚت دوٗنی بوژی کرانہٕ درائیس
ژِٕ یہ میانی مالے میہ ارمان چونوٗی — میہ چونوٗی دَم چھہ وندس پوٗکرانوٗی
پھوکھاہ دِ کتھ ناگی رائیس پانہٕ تمسی — پرَن ہیوٚتنے سپن دُردانہٕ تمسی
بدل کرنس بدن تس موختہ قول گوٗو — علانی فتنہ تامت ژھایہ ہول گوٗو
سُہ تا جس سیتی بیٹھ تالہِ لاگن — شبس دوٚتھ محلہ خان یژ کال لاگن
پرژھان چھس محلہ خانہٕ اندرہ ہاژی — دماغس بوئے نامحرم میہ واژی
وساہ ژونزناہ ژِٕ یہ مال آرزمژی چھے — سُہ پانس سیتی سیتی ہژ مژی چھے
مہ کھٹ میہ نِش پوژوی وَن میہ پوژوی — زِ سرتا پا رَٹن چھس جیب دامن
دپان چھس ہی پری گلرنگ میانی — پوژوی وَن ہو کلادم چنگہ چانی
میہ ژونزناہ چانہٕ خدمژ اَمژی چھم — سُہ پانس سیتی سیتی ہیژ مژی چھم
میہ آرزمژ سُہ تل پل یوژ لیتھ گوس — اُمس رَدستوٗی گھرہ یارہ میہ گوٗوگر

گیمُ نائلی ہاو میٚہ پننُ محلہ خانہٕ دوٚپُن میٚہ ہاوسہٕ روی دانہ دانہ

. . . . . . . . . . . . . . .

میٚہ تل پاتالسی کُن زُو چھُ کرٕشان
پٕری گُل رنگ میٚہ پاوُن بوڈیشن

نہ تس کینہہ کینہ نہ تس کینہہ رِیا چھے
وُچھُن وونی چھُم ژٕریہ کیٚنہ شرم حیا چھے

کھورس تل مُچھنہ کُنڈاہ واتِہ کر ہوش
تِمتی ژٕچھرن رچھانی یتھ رچھی ہوش

پٕری گُل رنگ یہ یُو زِتھ گیہ سرور
کتیتٕ چھے کتہ چھی چھُم دوان اچھن نور

یو ننگے آیسے دوہ نی ہنگہ تھاوُن
مہٕ رِش تراوی ژٕرہ پانس نِشہ ساوُن

میٚہ ہیہ مالِہ ہندُوی آرزُو چھُم
میٚہ ہاوُن سوہی لبن یامت گرٕ ژھی گُم

اُوچھان گژھہ گژھہ کرس یو جانفشانی
برس بو لول کرتم مہربانی

وننی یِیاٚ عرس بظاہر یا بباطن
مدعا اُو مُس سہٕ تی یتھ جایہ واتن

کُنوی کونہ پاٚ لٹھی آسن محل خانہ
یو دُور ییٚہ نا گراین ہیکہ ہانہ

چھُ دُوریر یوڈ چھُ مُشکل دوہ جُدایی
قیامت عارفن نِشہ ہو گئی یی

جُدائی زندہ پانی یار یادن
ژٕٹُن تلناہ کھٹن پان مرگزادن

جُدائی بڈ خصوصًا یُدکری یار
جُدایی ہو چھُ زِندہ دوزخُن نار

چھُ تالِہ کِن اتھہ نیوان سُہ فی الحال
پٕری گُل رنگ ہاوان محنتہ چھی مال

یہ محنتہ مال گنڈہ نِشہ جُدا کر
مُرژ اَت پانہ گنڈ اکھ محنتہ وِہتہ بر

کرِن تی محنتہ وژرادن تِمی تل
تلُن تمِہ محنتہ منزہ اکھ محنتہ کوٚی فول

سہ محنتہ مال تس اتھہ اورہ ناوُن
گنڈتھ تتھ گنڈسی سیتی تھاوہ ناوُن

دِنُن محنتہ فلِس بھوک لُوگ فوٚلنے
سِرس سر پوش پانے لُوگ کرنے

چھُہ نوکھ دِتھ ہیہ مالی موکھ دُچھانی　　سوہ مخنہٕ مال ڈِلیشتھ منده چھانی

عروساه اکھ سپین باساز و نازه　　ونے کیاه ادس تمی سُند پیش وازه

روخس تس نور حورن ہند ہرانی　　روہ نے داماںہٕ کیاه شن کرانی

پری گُل رنگ گلزارس سپین گُل　　ازان زُلف دراز آکی سنبلی ترٕ کاکل

ونے کیاه ہش سپین سوی مارہ غمزی　　سوہی ہار ڈیشن سوہ نہ تُنزی

بظاہر سینہ تھاوُن تس بہ سینہ　　بباطن یا بہ مہرو یا بہ کینہٕ

بظاہر سوہ نہ کرُنس بوسہ تارہ　　بباطن سینہ با غصہ غبارہ

دوپُن تس دیده نی اندر لله وتھ　　بو تھاوتھ مایہ سیتین جاے خلوت

ژہ پرنگس پیٹھ وں روزم پارتھی بان　　بو رنگہ رنگہ مانے چون فرمان

یہ بوزتھ ناگراس اننہ شادی　　سوہ نن دوٕن ماسہ زاہ ژکی سوہ دادی

محبت پانہ وانی باگراون　　حیا ای میانہٕ دوہ نی اخلاص تھاون

دوہس شہر سماںس کن تلان دو　　فولان چھس راتلی دِل گھرہ سوی گوہ

چھہ ہیہ مالہ شادی تازہ تازہ　　چھُہ ارزن تازہ گومت جہرازه

خوشی چھس جانسی دِل چھس ثرانی　　گھرس گر دارہ موجب گوہ اژانی

اژان نیران سہ درہس تامتی گوہ　　دہرتس گھر کنی بوڈ تفرقاه پیوہ

قضاہن کوم کر زور آدری ہاو　　محبت یس پری گل رنگ ہنداو

ڈپن کا ماہ دہرتس ہیہ مالی　　سونی اتھ گبرنی دوٕن دوہنی سہ زالی

---

## گلزنگ پری ہندی شری ہیہ مالہ ہندہ اتھہ مارہ گرٹھنی تہ تسنز پریشانی

دپن دوسلس اکس کرچھانہ ہنز کوم    ییہ تتھ سیتی زوال تہ بوم
دپن نا آز مودس کارِ ناخوب    ییہ کر چوپہ سیتی زاہ کارہ جاروب
لگی کر دانرہ کامہ گرُ تہ ٹوٹ زاہ    پکی کر تازہ گرُ ہیو موشہ کوٹ زاہ
چھُہ پھک پھک تس دپن یس پھکنہ زانی    تہ بوزُم کاہ‌م روزُم وازہ پانی
دپان چھس جوش شر تہ دیگہ مہ دم    زہ شری بیمار ہیہ مال میہ چھم
دوا پرہیز دیمُت چھک حکیمو    یہ بوزِتھ شاد ہیہ مالہ دِل گوو
چھہ پرنگہ پیٹھہ دوہتانی ہیہ مال    سپن خوش دیگدانس تل رنن دال
نہ ہیرنس سو نہ دانبر کوم ہاون    نہ دوپنس تژ کرِتھ چھے شیشہ لاون
سپن یامت رو یہ پیالس فرن چھی    چمنی پانی ینی زیراہ کرن چھی
کرِتھ اتھہ طاسسی اکھ چونچہ زیراہ    مہ کر فیاران یوان فیارن چھُہ فراہ
نہ کینہہ دوپنس نہ تراوِتھ گیہ تس طاس    چھہ ہیہ مال دانا مغزنی ژاس
خبر چھس دون دوہن ہنز دانہ دانہ    دوشیون راہ نہ کانہہ لانن بہانہ
سو اندر خانہ دآری اَس ہُشیار    یہ اندر عشق معشوقی گرفتار
سو تمہ سی ناگرایس کرژ کران اَس    یہ ہیہ مال آخر باہرن اَس
شُہ خانس تہ یہ پانس اَس پھیران    سو آبادی یہ اَسس خانہ ویران
زہ سرفہ یوُتی تمہ ہندی زہ شرہ اُسی    صداے چھچہ شربت بوزنی امسی
یوانی اَسی تہ شربت چوانی    دوشی تمہ صرفہ وہ کرتھی یوانی
ژھٹہ ماران چھہ شربت ہیہ مالی    چھُہ سون ہاوان تہ وہ تس ہیہ لی

پھِران شربت چھ کھٲیِس ٹھس گرٛٹھانی — رہیِ ہِش نارٕ شربت چھس وسانی

گوٚمت حاضر کلہ سرفہٕ بچن اُدس — چھِ سرفو بوٚر متوی آوٗر متوی کھوس

بیٚٹھہ شربت وسان تلہ سرفہٕ کلہٕ — لُٹِس تام سرفہٕ پوٗتین وٕوٚتھک مُلہ

قضا ان کارکوٚر اوّل صدا گوٕ — تمی بر ونٹھی یوان ماگی ندا گوٕ

ہُشیج گیمٕژرٕ نہٕ شربت نار بیٚٹھہ پیوک — سراپا سرفہٕ پوٗتین کرژہٕ وُتھِھ گوٕ

پری خانس اندر ووٚتھ ہر طرف شور — دِین ہیوٚتھ ہیہ مالے گوٕ وکھرٕ گور

پری گُل رنگ وُچھ وُچھ چھے دِیٲنی — رِوانی چھے یوان ماتم ہیوٚانی

میٚہ فرہم ہیہ مالی واے فرہم — میٚہ ویرٲنی کرِتھ ہے ہاے فرہم

یہِ ہاٲوِتھ کیاہ میٚہ اوسُم کرمہٕ لٲنی — وہٕرہٕ رگ گبرٕنی ہٕ مہ سونہٕ پانوے

چھ کر تٔژِھ کاٲنسہِ دگ یِژھ ماجہِ دگ چھے — پوٚزوی آخر وہٕرہٕ رگ سورہٕ رگ چھے

نٕشرین ہوٚہوٚ کران ہی ہی کرٲنی — چھِ محلہ خانہٕ پرٕین آو رٲنی

ژوِن دِتھ بیٚٹھو پتھ کُن دایہ بازای — بہ خلوت ہیہ مالے مارنے ژاے

پری و دیو وِجِن تس ترِیہ وِیہہ — اتھ ٲنی چھس سو تیکن ہیمٕژی چھے

کھیٚمُت تیٚلی اوس ہیبت ہیہ مالی — پلہ سرفن سو شربت سیتی ژاٲلی

سو سرفہٕ روی ڈِیشتھ ہیمٕژی ٲس — گمژ بےٚ خود ترٕژھی زان موٗمژی ٲس

خبر تس ٲسنہٕ کینہہ کوٚر تھک بوست — اتھ ٲنی چھس ہمہ دُشمن نہ کانہہ دوست

بصورت کینہہ تمس بیٚٹھہ آے خونخوار — چھو زنبوران وچون شیران وچون مار

بیٚٹھس بیٚٹھہ حملہ کرنے چھس یوٲنی — بچھانی ژھیٚپ ہیوٚانی ٹپ دِوانی

دِتن فریاد وا داہ پیہِ بےہوش — چھ بےکس گیمٕژی کُس تھاوِہٕ مس گوش

کرٲنی یا خدایا وا خدایا — سو پتھ کُن پیہِ بےٚ خود موٕ یہِ گویا

بدن پیومُت پتھر زن دتونہ تمہِ جان   سُہ ناگہ رایے تختس پیٹھ بیہتھ جان
تمِس نِش مُوزن پانژن ہتن اوس   یِہ بیتھ جایہ سُہ تتھ کہتا منی گوس

## ناگہ رایہ سُندین تہ ہیمالِ علاجہ خاطرہ یارون سوزنی

چھہ ہیمال پیوان بیتھ کُنوُی یام   ترسا لوگ ناگہ رایس فوزمیہ کُتام
چھُہ مجنون لولہ زخمن نون زن پیوس   بہ خلوت لیلہِ ہُند ہیورت گڈن گوس
دِلن دوون پانژ واُنی یلہِ واتھا اسن   تمن شادی تہ غم یکجا چھُہ آسن
وُڈُو تراُوِتھ چھُہ محلہ خان ایوان   چھہ سُہ تہ سرف ونیر لوب ہیوان
بدل صوُرت کرکھ ولول ژکیتھ گے   لگِکھ یم یم اتھہ تِم تِم گلِتھ گے
چھُہ کھوژانان سپن کینژن سُہ خونریز   بضربِ تیغ یا از خنجرِ تیز

... ... ... ... ... ... ... ... ...

ہیتن تس ہیمالی سر بہ سینہ   بو وندے سر خبر یژھ ہش میہ چھینہ
کو چھِ کیتھ ہیتھ کران چھُس للہِ واُنی   ژیہ روستوی زِندگانی کیاہ چھہ میانی
خُدا وندا میہ مارُم یار سی بژ ونتھ   میہ دارس پیٹھ لدُم دِلدار سی برونٹھ
گژھک آسنہ میہ زندے ہیمالی   بو جان و پان وندے ہیمالی
اتھو سیتین تمِس تمُ پانہ ساروے   متھن ہیوتنس چھوکن پیٹھ لولہ داروے
متھی زخمن جگر دِیدہ مژر تمَ   بسوی من نگر دیدۂ مژر تمَ
کمو کرِ ہے تمو ماکینہ تہِ زانوُے   چھُہ چونُوی مارگو و مامار میانوُی
سرس چانس فدا ماٹھی پسر میانی   بوین تتھ جایہ سر یتہِ جایہ کھوژون
میہ رُوداداہ ژہ ووونی وَن ہیمالی   ہِمتھ بو یارون وونی ہیمالی

دوائی تہ ہوائی یارِ دن چھُوی　　مُفیدِ جان وتن حُبّ الوطن چھُوی

تتھوی تھاون وہ نت واوہ گوہ پالو　　کوٚتو گے میانی قاتِل لُوکہ پالو

ژہ ژنی یِم اُسی محرم نا گرائن　　عزیز و یار و ہمدم نا گرائن

لوٚدن اکھ منزلاہ تس لُوکہ پاس　　چھہ فرماوان تِمَن واواہ گو پاس

سہہن دوٚن کرمتین چھس پانہ زنجیر　　دِوان چھس ضربِ تیغ و نیزہ و تیر

وُڈو ترا وِتھ چھہ تلپا تالہ نیران　　وُبھانی سارِسی نُور زن اوس پھیران

ذراہ چرار لارن یارِ دن وٲتی　　ترہ گی ہمراہ و ہمدم سہہ تہ چھک سیتی

ستہ منزل ژندنو نو تہ عود کوٗی اوس　　لدن تتھ اندری دِلبر صلاح پیوس

کلس کھارن دوٚپن واوہ گو پاس　　چھہ محکم گنڈہ ناون لُوکہ پاس

سہہن دوٚن کل گوڈس سیتین کرن گنڈ　　قِتھی گنڈن چھہ مُشکل مُژرن گنڈ

... ... ... ... ... ... ... ...

کران یا مت کلن دوٚن تِم تلہ تال　　الان منزل چھہ ہیہ مالہ فی الحال

ہواوہ ہیہ مالی ژو اڑان چھُوی　　سہہن دوٚن لوٚت لوتوی نیران تلہ ژو

دَوا سوٗی ژون اکھ منز نا گرائن　　بو وندے سہہ ژہ ہیہ مالہ پائن

دوہ یو دیو و چھہ کرِ ہر صورتِ شیر　　فِدا گژھنے مُدعا چھم ژی میہ کن پھیر

پری گُل رنگ تِم آسی برابر　　دوہ شن مارن چھہ ارزن اوس درخور

دوٚپن دوٚن محرمن تا چِھل وکیروز　　سہہن دوٚن زورہ دِین گنڈاہ بہروز

گژھن یِم سہہ ژہ پس لاچارہ مارہ　　چھہ ہیہ مالہ یُن نہ زن دوبارہ

بلیس دود ی ژلیس آن تلخی نیش　　زہر ترا وِتھ شکر شیرین گژھس عیش

تُلی سر مُژراوی واوہ چشمہ　　بصد ساز و بصد ناز و کرشمہ

مرن یم یام میٚہ پیغام کرٕ زم — خبر دأری بصُبح و شام کرٕ زم
بنیوٚ تی مودی تمِ تا چہل ویک روز — خبر ہیٚتھ یم زہ لاران گیس نوش وز
کرُن ہیوٚتھ نأگی رأین شادیانہٕ — خبر چھم نوش زبر شوٗبیم ترانہٕ
یگاہ وونی یوٗری تلپاتال والن — رھناہ اوٗسس نہ پیٚٹھ پانژال کھالن
یوٚتوی پیٚٹھ میٚہ دوٚپم توٚت میٚہ گژھن چھم — یہٕ کینژراہ میٚہ یوٚژھم تی میٚہ پژھن چھم

## نأگی رأیہ سُند ہیٚہ مالہ ہنزہ رأیہ یُن تہٕ تسنز گمُ شدگی

خوشی کرٕ کرٕ مشتھ یادِ خدا گوس — شبس شادی تہٕ صُبحس سخت غم پیوس
چھُ یارس یار وأتِتھ وونی نہٕ ڈیٖشان — چھُ یارین تہٕ کُلین منز باگ کرٕ شان
نمٕر بے عاشقن معشوق پُرٕ نوٗر — گوٗمُت اتھ شمعی بیاکھاہ تہٕ پونپوٗر
اُمس فرہادِ مسکیناہ اوٚتوی ووٚت — چھُنہ شیرین عاشق خسروی یوت
سُہ سوداگار زادٕہ مال دارہٕ — پیوٚمُت اوٚت وأتِتھی ہیٚتھ لُوکہ داراہ
بنیوٚمُت شاہنی باگین چھُ ییتھ حال — نہ حاضر لُوکہ پال و دادہ گوپال
خبر ہیٚتھ تمِ دوشی گأمتی روانہ — چھہ ہیٚہ مال وونی خبر مکُ نشانہٕ
کرن تمِ آرزنس نِش حال حالی — زہ سہہ موٗدی تہٕ صحت لوٚب ہیٚہ مالی
یہٕ بوٗزِتھ تمِ سہ شادی یام ہاوِن — تمی آنہٕ یہٕ سپتھ کُن نیا وِہ ناوِن
چھُ خواجہ زادٕہ واتان یاز روزُن — میأنی یارِ ون از راہ ہُرہ پور
جماتھاہ چیلہ تہٕ چھس ٹھیلہ سیتی — ہیوٚتکہ دِیُن خیمہ جنگل یام وأتی
سروداہ اکھ چھُ خواجہ زادٕہ بوزان — تہٕ بوزأنی چھُ کن دارِتھ سُہ روزان
کلس اکسی رہ نیٚن ہند شروٚنی گژھانی — چھُ خواجہ زادٕہ شروٚنی ڈیشتھ پژھانی

کلس پیٹھ اکھ زوناہ تام کھالہ ناوُن — سُہ منزل ژندنک بون والہ ناوُن

وُچھن تتھ اندری اکھ ماہتاباہ — سو ہناباہ بصورتِ آفتاباہ

سُہ ڈیشتھ کینہہ ژُروس تاب طاقت — سُہ ڈیشتھ کُن کُنوی آیس نہ کانہہ وتھ

لِباساہ ہیرہ بون سونہ سُندی چھس — روہنین شرونی شردنی گژھانی داواوس

کران چھس خیمہ سی اندر روانہ — چھہ خلوت جاکھ پیٹھ تھاوُن خزانہ

پُرژھن ہیوتنس کتھن یلہ آس واری — وَنُن نام و مقام و حال ساری

## سوداگارہ سُند ہیہ مالہ وعدہ ہیون تہ باقی دلیل

وَنُن ہیوتھ ہیہ مالے دانہ دانہ — یہ ہو چھم میہ بُنتھ آمُت جوانہ

یہ چھم لانوی یہ چھم کرانوی یہ چھم ناو — ونن پژھ ہش سین تہ پیوم ہیتھوی داو

خبر کینہہ چھم نہ یوت کمہ واتناوس — قبیلہ کرانہ کرمہ لانہ داہ جس

زمین و آسمان از نوو وچھان چھس — گمژ بے ہوش آسس چھمنہ کینہہ جیس

مہ کر ودنی کینہہ تہ ظاہر ہیہ مالی — گژھی بہتر کھٹن سر ہیہ مالی

چھہ لانن کار زو آوار آسان — چھہ سردارن تہ شیرن دار آسان

گداین کأم تہن سیود وُچھ خداین — تمن گھرہ وارہ چھوی رحمت گداین

گدا چھی وارہ شاہن بڈی بڈی نیلے — گژھان تازی گرن پزی کنہ چرم پای

ژہ آسکھ بلہ ویرن شاہزادی — ژہ شادی گم گمژ کم کم ژیہ دادی

ژہ یوت کوت تہ سُہ کُس گوو ناگ آرزن — پری تہ دیو انسانس چھہ پیرزن

شرف دیتمت خداین آدمس چھوی — دوین حضرت اللہ پیٹھ تمن چھوی

گژھی ژے روبرو آسنہ جوانی — مقامِ آدمی دیو کیاہ یہ زانی

سُہ کیاہ زانی یہِ زنبل روے چونُوی — سُہ کیاہ زانی یہِ سنبُل موے چونُوی

سُہ کیاہ زانی یہِ چونُوی ناز تہٕ ساز — بوٗ عاشق الغرض بوزاٗنی میٚہ کنُوی ماز

خبر چھا کیاہ یہِ دیوس سیتؠ سرہ آو — ژٕ یٚہ کیتھہٕ یاٗ ٹھٕیٚن تمُس سیتیٚن وُری راو

عشقبازی چھہٕ ژٕ ہم تو میٚنی سیتؠ — کران تی خوار تےٚ آوارہ گےٚ کیتؠ

میٚہ تھوٗتمَ گوش یُد بھاوُم ژٕہ مرعی — کرکھ میٚہ سیتؠ ژٕہ ووٕنی عقدِ شرعی

ژٕہ یُد بوزکھ تہٕ ووٕنی میٚہ سیتؠ کر تہٕ — مہ کرتھٕم ہول ووٕنی میٚہ لول بر تہٕ

بوٗ ذاژی بوٚڈ چھےٚ بوٚڈ چھیہِ کرانُوی — بوٗ واقف چھُس بوٗ زانےٚ مول چونُوی

میٚہ اکثر بلہٕ پوٗری یُن گژھن چھُم — لباٗنی میٚہ کر وٚتھُم دین وِدِل گمُ

بوٗ کاٗشُر ژُتر چھُسے چھُس عقلِ کنٛز پیر — میٚہ بابہٕ چھُم لِسان در شہرِ کشمیر

جوانن وٚپ سہٕ آخر مختصر بوز — ژٕہ چھیمس منز میٚہ اُنمک میہِ نشہٕ روز

مقیماہ دا فروشاہ مال دارہٕ — سُہ سوداگار چھُم چھُس دیار وارہٕ

میٚہ دولت راجنی نسبت سیٹھاہ چھم — چھہٕ راجن حاکمن ہُند خواجہ ہمدم

وَنن طمعاہ بخوبی عاشقن جان — چھہٕ ہیہٕ مال سُختہٕ کینٛہہ نہٕ مانان

چھہٕ پُختن عاشقن کیاہ ژٕم ونن سُود — تِمن چھُوی وصل یار اصل مقصود

یہٕ بوزاٗنی تمِس زیر و زبر گوو — بہٕ گُفت و گوٗ تمِس اصلا اثر گوو

محبّت پُور اوسُس ارزن تس — بیک قبلہ نماز ہر یکے بس

جوانس گُنبدس گوو رِیُونہٕ لاین — محبّت پُور اوسُس ناگی راین

بظاہر چھُس سُہ بھاوِتھ میل نیماہ — میٚہ ناگی رایِنُوی چھُوی سخت بِماہ

نہٕ ییتھ کانہہ چارہ نہٕ ہُتھ دار زانن — نہٕ ناگی راے ترا وُن نےٚ یہِ مانن

سُہ چھُم خاوند سُوی چھُوی میون جانان — یُوزُوی وٚنمُوی چھہٕ یزی سیتؠ ایمان

سہ نائگی رآے میہٕ اوسم یوان یور     میہٕ کرتھف وُنہٕ میہٕ کرد وُد عمرہ ہندسور

رٹم پانس نشہ مہ تھف میہٕ لایم     ژہ بے سنزی مہ کرمہ پرارنوی چھم

ہمی دُوری نہ بومی بختن نہ پوری     پرژھان چھس بو گژھی نا بلہ پوری

گھرہ نیرن تہ فیرن گامہ گامہ     چھہ بہتر تی نہ پترین ہنزہ پامہ

چھہ یی اقبال و دولت نتہ دوہن ژی     وطن تی یاد رٹھ حب الوطن ژی

نہ چھوی ہیون تہ نہ چھوی دین سُورٹزی     دیان کینہہ گاٹلی پھی دُور ژلزی

بو پھیران چھس ویرانی جوانو     گمژ بو حالِ حیرانی جوانو

میہٕ ترادِتھ ژل مہ ازل ژی مہ مثراو     قسم چھوی رب سُند یتھ میہ ونس ہتاو

محبت بے غرض تامت مہ بر پور     شہریم یار سوزکھ تہ کرکھ دُور

کلن اندر کنوی مہ ژھایہ ہول ہتاو     میہٕ ورین جورہن وچھ بدنظر تراو

پیم یدٕ یار تونت تامت رنیم سوی     خدا ز نیک خدا یی مدعا چھوی

یمنے تیوت کال ادہ چھس بو چانی     بو چانی تہ چھہ میلن پانہ وانی

سوالاہ میہٕ کرتھوے دوہنی بوز للہ     وُچھم میہٕ پاک پاٹھین چھوی ژیہٕ باللہ

جوانن پاک جانن مار کاڑی     کرن اقرار سی اندر تہ تاڑی

یران نو باہ چھہ از عشقِ مجازی     سین راضی بہ عشقِ پاک بازی

دماہ اکھ رم کرن کور عشقنوی شور     دوین تس ہیہ مالی چھم گژھان زور

رٹھاہ اکھ یدٕ بو دُور چانہ پرارے     گژھی میہٕ سور چانی عشقہ نارے

بہ قیس گوو دین نار دمہ موزال     میہٕ گاڑی گوو دین آبس نہ می ژھال

کنی کتھ چھے بو ورلس تام پرارے     مہ کرو ونی یژھ ستم وونی میانہ یارے

[12] بہن ژندرن ژہ ونہ ماجی بنی میانی     [13] ترُدٲہم ژاو تہ چھک آشنی میانی

رضا دِیُتھ ہیہ مالے وُڑیسی تام | بنیم یِتھ وُڑیسی تامت میہٕ کیاہ تلم
جوانس گیہٕ راضی پاک باُزی | یِوان اوٗسُس خوش کیاہ یِہ مجازی
وَلیکن وارِہ کر انسان مدہٕ آس | سپُن معلوم آخر دیوزہ دہ آس
جوانن تتھ وٕنُس کرِ خوش مکانہٕ | منقّش تہٕ خوش اِیون لدنہ خانہٕ
زِجاے اوّلین اکھ کرِوہ ڈلیتھ دُور | یِمی اوٚت تانی ہیٚکی نو وونی ژلِتھ دُور
جماعت شہرِ سی کُن کرِنہٕ راہی | شوٗبہ وُن روبہ خانہٕ لوٚد نہٕ شاہی
کٕنھٕڑس کرِنس عروسی پنجرہ خاص | زٕٹنِہ در پردہ کم از روے اخلاص
نِگہبانی کران چھُ ستہ کرِن بند | لگان آخر ہیہ مالی الی اند
ولیکن چھُس نہٕ نیران اندرمی شر | بشر اِفسان لبِتھ چھُس خیر تہٕ شر
چھے دوہ تہٕ رات ہیہ مال گنزران | میہٕ عشقِ ظاہری چھُم اندر منز ران
دوہا سوران چھُ لوہ لاگِتھ سوزھاے | ہُنڈِس دُنبالہٕ بر اُمید خانہٕ
محبت چھُنہ سوران چھس تسنز مالے | کڈن بہٕ ۱۲ ریتھ تہٕ تم زن بہٕ ۱۲ وُری درای
بدل کرِیشان چھُ کرِتھ چھس منہٕ کامن | بظاہر چھُنہ ڈلیشان صبح وشامن
کرِن آخر جوانن کارِ اللہ | سپُن پزی پاے ہٹو سوداگار اللہ
ترٛہیم تاریخ دوہ نی ہہس ۱۲ زیتس چھُ | برس تل ہٹس کرن چھُم ژےنِشہٕ زو
دِل پرارن از دوہس چھُم ہیہ مالی | وُچھن میہٕ کتھ تہٕ کُس چھُم ہیہ مالی
کُنی کتھ چھے بوزے نِش واتہٕ از رات | میہٕ چھُم پی وعدہ از میہٕ دراستوی سات
یِتوی وونُس تہٕ پانس کوزنہٕ پیراو | چھُ پوٚت کھوری سہ نیران یار وَن ژاو
کران سیراہ چھُ لاگان ماہرازہ | خوشی ینہٕ وارِلچ تازہ بہٕ تازہ
نژان پانے چھُ پانے چھُوی ربابہٕ | چھُ پانے ناژتے پانے کبابہٕ

رِضا دِیُتھ ہیٚہ مالے چار و ناچار　　اوٚڈُی اقرار ہیوٚ تہٕ رٕنیم اِنکار

دِگر تامت وُچھاٗنی یارٕ وَن چھُ　　اژِہ از یادِ یارٕس دربدن زوٗ

رِچھ ہمراہ ماہرازس یار بھاےٚی　　بجا گامتٕ چھہ بابس بر بجایی

گُنٛڈِس اندر جوان دوہ لوٚ سِتھی زاد　　دٕوپُس نفسن نمازِ شام ووٚنی تراد

مہارازس نمازِ سیٖتہٕ کیاہ کوم　　کرِن تی وچھہ ون نفسن کیاہ اوٚنم بوم

نَنیکھ ووٚنی یمِ نہٕ اکسی وقتسی پٮ۪ن　　یِمن کیاہ حال یمِ نہٕ سجدہ زاہ دِن

پیٚمژ نیٚندر چھہ اندر ہیٚہ مالے　　سہ پہرِ کھوٚت متوٗی زر ہیٚہ مالے

دوٚ گنٛج گامژ تہٕ فِکرِ ڈُجمژِ اٗس　　دو دلسی زالہ گل زن لُجمژِ اٗس

پیٚمژ بے ہوش اندر خوابِ خرگوش　　غموٚ سیٚتین دوشی گامتٕ فراموش

چھِہ پرٕین آدمن نشہِ عقلِ نقصان　　چھُہ اشرف احسنُ التقویم اِنسان

**ناگراےٚ سُند واتُن سُرف لاگتھ ہیٚہ مالہٕ نالٕ وَلُن تہٕ سوداگارٕ سُند اتھہ مارٕ گژھُن**

سُہ ناگی رٕاے تے ناگاہ توٚت وُوت　　چھُہ ژھیٚونمُت عقلِ رٕوستوٗی ٹھوکمتُوی کوٗت

چھِہ بہتر لےٚ کرِنی اِنسانٕنی سیٖتہٕ　　مَہ گژھہ صلح جِنَن حیوانٕنی سیٖتہٕ

پوٚزوٗی چھُوی نمازِ کیاہ انسانٕنی جین　　پوٚزوٗی چھُوی زانہٕ کیاہ جِن رُود تہٕ شین

کران اوسوٗی سُہ وہرِس ہیٚہ مالی　　ژہٕ گامن یا ژہٕ شہرن ہیٚہ مالی

پھوٚرُم میٚہ لوٚکرٕ پال وادہ گوپال　　ملوکس ژھانڈ ہک میٚہ ووٚنی کدِم بال

کتی چھک تہٕ کتی کنٛز بودِ مےٚ ونی　　ژہٕ یوسف میٚہ بو یعقوب آہ گومُت اوٚن

ژٕ یٮ۪ہٕ بابت یارٕ ون گومُت حیران　　ژٕ یٮ۪ہٕ بیٹھہ مصرہ سی گومُت میٚہ کنعان

دیاٗنی چھُس مَہ رٕٹھ ژکھ ہیٚہ مالی　　کرےٚ بو پوٚنیرِ نی گتھ ہمیشہ مالی

پھوٗرُم ہےَ ملاتہٕ کوٗی میہٕ شادیانہٕ　　بوٕ آیاسَے تیتھی ژےٚ کنُ بوٕ پانے

بوٕ ہےَ وٕدنی گومتوٗی جھس بے پروٕ بال　　میہٕ ماروی ٹوٗکہٕ پال و واوٕہ گوپال

میہٕ تمِ چاَنی بڑھی مارن دوشی زن　　پرہٕ ژھینُن دونی بوٕہےَ گوسَے پرہٕ ژھینُن

بوٕ گومُت یارہٕ رٕوستوٗی یارہٕ رٕوستوٗی　　میہٕ دِلدارو تیٚہٕ گوہم عارہٕ رٕوستوٗی

میہٕ یامت بیٚٹھ کلِس ڈیٚٹھکنہٕ ہےَ ہاے　　رِتیتھی مارم مرنم تراوم گھرِچ ماے

رِتیتھی گنڈوٗی میہٕ تل پاتال ہٕسی نار　　رِتیتھی میہٕ محلہ مانہٕ دوٗد گھرہ بار

رِتیتھی میہٕ شرٕی تہٕ مرٕی گھرہ باَژ موٗدی　　ڈُدی کینہہٕ نارِ تہٕ کینہہٕ زندہ ڈُودی

رِتیتھی تراوِی میہٕ شاہی ہیٚیہٕ مالے　　کرُوی میہٕ یا الٰہی ہیٚیہٕ مالے

چھُہ عشقُن نار خان و مان زالان　　چھُہ عشقُن نار جان و پان زالان

میہٕ وُلِ پانس کنُوٗی نمِ یا الٰہی　　دَزہٕ بُزہٕ عشقُوٗی دِم یا الٰہی

مَرُن میہٕ شوٗبہِ ژِی پتھ ہیٚیہٕ مالی　　ژہٕ پراران پنچھِ میہٕ اکھ ہیٚیہٕ مالی

سہٕ کُس کرُزین میہٕ رٕوستوٗی سیون لُس چھُم　　بوٕ ژےٚ عاشق بوٕ ژےٚ عاشق چھُسے بوٕ

بوٕ پوٚ نبوٗراہ ژہٕ میانی شمع کافوٗر　　ڈُچھانی ژیٚہ میہٕ پیٚتھم دوہن اچھن نوٗر

کرے نا گُل روخس پیٚٹھ بوسہٕ تارہ　　گومُت میہٕ بُلبلس چھوٗی خارہٕ خارہٕ

دلے نا زُلفکی پاٹھیٚن بوٕ ژےٚ نال　　ژٕلے گوٚمت جانوان میہٕ ژٕٹھتہٕ بال

کرے نا بے خبر پاٹھی اکھ نالہٕ موٚت بوٕ　　میہٕ چومُت چولہمے تہٕ موٚت گومُت بوٕ

میہٕ آمُت لول چوٗنوٗی ہول کوٚرتھم　　میہٕ یارو نارہٕ سیتی سینہ بوٚرتھم

بوٕ تلیا تال ژھانڈان پتہٕ دراسے　　بوٕ ہر موکھ ووتہٕ پانژہ الرا آسے

دِمے کیاہ زیرِ وارہٕ نیندرِ زوٗل کر　　ٹُلتھ کیاہ تھوٚد ژٕ عشقنہٕ پیٚیہٕ میہٕ تبر

گوٗمُت چھُوی آب و دانہٕ تس برابر   سُہ کر روزی چھےٚ لیس رُوزی برابر

... ... ... ... ...

کراٰنی اوس گہ گہ سرفہٕ شُند ذم   بوقتِ خوف لاگان اوس آدم
پُتِم دوہ چھُس وہ آمُت پوٗر وعدٕہ   نہ لاگن آدمی نَے شاہزادٕہ
کراٰنی بوسہٕ تمیٚ سی شیرہ کھور پھیوٗر   دساٰنی شاندہ گوٗ تس گہ کھوٗتُس ہیوٗر
چھےٚ عشقہٕ سیتیٚ تس مُشکاہ ہیوٗانی   چھُ سرفِ دیہٕ کرُتھی زیوٗ لیوٗاٰنی
وہ ہیہٕ مالِہ کمرس پیٚٹھ سُہ وتوٗی   لگاٰنی موٗلہٕ سان چھُس عُمرہ دروتوٗی
تتھی تس نال وُلتھی کمرہٕ سی رُود   زکھرو پیٚٹھ نرس پیوٗمُت سُہ زن موٗد
برہ ژون کھور جوانن جہرا زن   مہرِینٛ کھیمژی اُمی خواب نازن
دلیکن نیٚندرِ تس وُچھنی گراٰنی   اشارہٕ سیتیٚنی چھُس وَزہ داٰنی
تلان ہٮ۪دسی نہ سر چھی نیٚندر از سر   وُچھان چھُس وعدہ گوٗمُت تس برابر
وُلِتھ تس نال کمرس سیت ماراہ   پرُن از ہوٗل تمُ لا حوَل واراہ
یہٕ کیٚتھ سرفاہ یہٕ کرِژ ہِش خواب خرابی   چھُ از عشق و محبّت درشتابی
دِواٰنی زیر تس کینہہ چھُوی نہٕ تامت   کرُن دوہن دِلبرن سوہ بڈ قیامت
جوان سرفس تہٕ نیٚندر تہٕ چھُوی وُچھاٰنی   نہ ہیہٕ مالِہ اوٚچھان نَے بچھاٰنی
دِتُن دَم اکھ دَماہ تہٕ ہیوٗ بھنہ یارن   دِلن آخر دوٚپُس شُہمار مارن
چھُ سرفن آدمن ضِدّ یانہٕ داٰنی   یمن سریٚہ تہٕ محبّت چھَنہ داٰنی
کلس تل سرفہٕ ہندس کانہٕ تارُن   ہیٚتِن ژھرٹ دِنی کرُن شمشیر مارُن
پھٹیٚتھ سرفس ژٹتھ سر دِلایہٕ چشمہ   کراٰنی زن کرشمہ مہر و خشمہ
دِتُن تمیٚ ہلن ہیوٗ بھنے خنجرسی منز   مُناٰنی تس سُہ کرژاہ ہیوٗ سین گنز

ہیٚتن ژھرٹ دِنی دوآنی نیرنُوی دُو    دِتنُ تس ہیہٕ مالی آلواہ ہیوٗ
نبس ہیوٚ ولو مُستھی رو ہیہٕ مالی    نمازِ شام ہے گوو ہیہٕ مالی
یہِ گوٚب نیٚندر ژیرٕ کیشراہ ییٚژی چھے    خبر ژی کُم عمن وَنتم کھیٚنژ چھے
میہٕ مارووی اژدہا اکھ گژھتہٕ مرور    سیٚدیمژ بُڈ بلایاہ میہٕ کری دُور
گژھان ووٹھ دِتھ چھہ ہیہٕ مال بیداَ    دُنتھ کیاہ مارٕ تھن کس کیاہ کوٚرتھ کاَ
وُچھن دِلدار مُندوی گونہ لاروے    ژُھنن تس یاری ہیٚٹھ پانہ ماروے
میہٕ ہے ہے فرہیہٕ ہے ہاے فرہیم    میہٕ دِلبر مارٕتھم تہٕ دِل کُرتھم
یہ ہوی ہو دِلبرو دِلدار میونُوی    یہِ کرتھن مارہ کتھو مار میو نُوی
اُمی گُدُنس بو کراَنے یلہ یوٗری    اُمی مے زلہِ وُن ژُھن نار مُوروے
میہٕ ووفی آیام خوابی خواب ہیوٚر میہٕ    دِتراَنم خواب سی اندر خضر میہٕ
دیونم ہیہٕ مالی ووکہ ووفی یورکر    ژیرٕ ووکھ ژُھنتھم تہٕ سادوی سعی کھمتہٕ سور
میہٕ ہے ہے ووفی دَپیایم لول میہٕ آم    میہٕ کوٚرتھم ہیہٕ مالی مندِنیٚن شام
میہٕ ہے ہے ووفی دَپیایم مرج پُیک میہٕ    کُلس ہیٚٹھ تھاوِ نکتہٕ کتو گیٚک میہٕ
میہٕ مالی یاونس اُنتھم ژیرٕ پیری    وُری واتم میہٕ ہیٚژمژ چھم فقیری
دپان اوسم میہٕ ملک ومال تراوُم    دپان اوسم میہٕ تل پاتال تراوُم
دپان اوسم میہٕ مارُم واوِہ گوپال    لوٗکہ پالس تہِ گردن دِژمیہ فی الحال
دپان اوسم بوٗ کرتھس ہال وجانہٕ    دپان اسم ہیہٕ نیوٗتھم خان ومانہٕ
جوانس گوو تسلی دیو زدہ چھی    بجایی چھسنہٕ کر انسان مدہ چھی
چھہ بہتر لے کرِ فی انسانی سیتی    مہ گژھ جِنَن تہٕ حیوانی سیتی
کرن بہتر چھُہم جِنسس مدارا    مہ کر ہُشیارہ ژاہ دیوانہٕ یارا

کرن تس مالہ سنزی کوم پوٗرے — چھہ راجہ بلہ ویرِنی خاصہ کوٗری

بُنِتھ چھس آسنوٗی بوزس وتم کیاہ — اَمِس کیاہ ہوسپُن میہ سینم کیاہ

تماشا چھس وُچھانی دوٗرہ دوٗرے — کرِنس کیاہ مول یس طالع نہ پوٗرے

دِلاسا و مدارا کرِتھ دوٚپنس — یہ گوٚژھ گژھن تہ گوٚو وہ نی کروٗدن یس

وہل کیاہ مطلب ژیہ چھوی کُس چھیہ ژیہ خاوند — پوٚژوی وَن چھکنہ کرمژ کانسہ اُکی بند

میہ پی فرماؤ ہم تی چھوی میہ برسر — میہ وَنتم کیاہ ونے زن یا ژیہ خوار

میہ فرماوت کرم یُتھ خانہ بر یا — میہ فرماونس ژیہ سر فرمی نہ حاشا

میہ دوٚپھم پرار برارانی وٚری گوم — وہں حکماہ کرتہ میہ یتھ کیاہ میہ چھم کوم

سہ مانُن چھم بجا فرمان چونوٗی — میہ یُد مانکھ مُدعا تی اوس میونوٗی

میہ نے روزکھ رضا چھم نا قبولی — بو تیتھ رامنی تہ چھس چھمنہ ملولی

دِپس مالے میہ نم در بلہ پوٗرے — میہ نا گیرا یہ نی وہ نی آتش سوٗرے

سہ نام ناگی رامیے ہیہ ہیے کوتہ سناگوم — بدل وہ نی میہ گوٚلم ژوٗ میہ فنا گوم

نمن وہ نی مالنوٗی ون وانیاون — لدس اکھ مقبراہ درخاکِ ساون

بو یامت دِلبرس مقبرہ لدی بوز — ژہ میہ تیتھ پرارنی گینژن دوہ من روز

ڈلجِس تہ ہوشہ چھم ژجی بے قراری — بو چائی چھس لگے ژیہ یاری یاری

دوٚ یتھ بالس کرے بو آشنائی — چھہ میلُن تہ ژھنن کرمژ خدائی

مزوری حق تعالیٰ چائی ہورن — گژھی مالن میہ مالن نھر میہ سورن

بنہ می سیتو یکہ ون بایہ میانے — بوسہ آیس بوسہ وارنج میہ آیے

میہ بیوی وہ نی یاد بوی مول موجی — میہ لولن مالِنک وس تام گاچی

میہ وارو ڈیشتھی دِل آم تنگہ — میہ مالِین اوس تہ تیتھ کیاہ بو منگہ

میٚہ لول وہول دِل چھم مالِینو ہو — میٚہ گومُت پا بگل چھم مالِینو ہو
پرٛزھانی چھس وطن میٚہ یاد پاوُم — خدُاوندا میٚہ مالِینُن واتناوُم

## سوداگارہ سُند ہیٚمال تہٕ ناگراے بلہٕ پُور واتناوِنی تہٕ تہنٛد نارس منٛز پان نالنُن

یِتُوی بُوزِتھ جوانن پاک بازن — دِژِن باکاہ تہُن آنا تہٕ فانا
سہٕ ہیٚمال مالِینُن واتناوِن — بییک بار بلہٕ پُوری تانی نیاون
دوہ تھان چھس نالنی لوکن سیٹھاہ شور — تہٕ از تامت کوٚتُوی اکھ گمژ کور
دِوان ہیٚمتس وننُ یی ماجہ مالی — تہٕ ہیٚمال چھک تی ہیٚمالی
تہٕ چکھ تہٕ اَدِتھ کوٚرُتھ دِل پارہ پارہ — لُچی ماجی دِہری آکھ دوبارہ
وۄنُس کوری تہٕ ماجی یوزمیانُوی — میٚہ بختک تخت اوسُوی رنیہ وانُوی
میٚہ تلیا تال اوسُم جانِ جانان — بوتھ اُسس وُچھوم شہر سمانان
گُدرُ غم پیوم دوہ فی شادی میٚہ راوُم — گیُیم ویرانی تہٕ آبادی راوُم
میٚہ ہیٚمالہٕ ناگراے موُدُم — میٚہ ناگراے موُدُم کینہہ نہٕ روُدُم
بُنہہ میٚہ آمتن اوسُم ڈیکن کوس — دل پھیرِتھ آسو میٚہ لانہٕ یی اوس
نظر کر خانہٕ مالِین خانہٕ ماجن — کرن گیاہ کرمہٕ لون کِتھہ پاٹھی گاجن
یِمن طالع کری کینہہ پاوری نہٕ — تِمن کینہہ ماٹھنی سیتِن ہری نہٕ
چھہُ مالِس ماجہ ہُند ماٹھین نہٕ درکار — خدُایس پُشرُنُوی بہتر چھہُ ہر کار
لباس ورخت وُچھس وارہ کارہ — دپان چھس بختہ یڈ چھک ہر کنارہ
جوانن کرکھ حالی دارہٕ دارہٕ — مُلاقاتک سُین میٚہ یِتھ بہانہ

پیہ ہو وٚننم یو ہو تہ کرمہ ترأوم    امانت ہِشں رچھم یوٚت واتناوم
میٚنش دریاوٚن آسی یہ سالی    وہ دِلبروڈرنی چھُم ہیٚیہ مالی
لدن چھُس ناگی رائیس آستانہ    منقشؔ تہ خوش اِیون عاشقانہ
دفن کرِتھی وُنیو احوال سادوے    میٚہ دوٚپ پالہٕ تہ والہٕ نکھہ بادوی
سُمِتھ تس مالینو اَتھ کرکھ اِنکار    چھُ زینُن درآورن تہ دِیُن اُمس نار
ونأنی کیاہ یہ چھک ہا ہیٚیہ مالی    دیان تل سرِ یہ چھک یلہٕ گاس نالی
مُسلمان دِینہٕ اوسُم ناگ اَرزَن    گیُس تس نالی میٚہ یُژ کالی پہ زن
سہ ہندُ واہ ہِیوٚ یہ رسم عام اوسُم    تہ نالی تس ملامت جامہ اوسُم
چھُ خلوت تمِ یہ وٚنمُت ہیٚیہ مالی    بظاہر چھُوی میٚہ کُفرک جامہٕ نالی
قبیلہ کرِیون یہ بُوزِتھ گیُس بیچا    نہ ملکے چھک ژلان نے جاے ہیچا
کران چھک زور و زاراہ کینہہ شمانن    انان گے گورتے کاوِج تہ برہمن
کران چھی آورِیتہٕ منز جاے زن بن    انان گے کاٹھ کینہہ چندن تہ روغن
وَلأنی باقتاہ اکھ تس تنی زوُد    جمع گو وجاے ہیزم صندل وعود
چھُ ناگی رائے لوٚدمُت زن تنے منز    کران گے زالنُک سامانہٕ تہ منز
رِچھ ہرزالان پیوٚان چھکنہ توٚت نار    چھ پاوان زکہٕ مک تہ پیٹھ ونہٕ زنہار
بنان یی چھُوی تِمن تا یک شب و روز    بنا گر پیدہٕ گو وتس زن بنی سوز
چھُ نیران ناگی رائیس اُندرہ ناراہ    سُمِتھ مردِ و زن تتہ لُوک وارا
چھُ دُورہٕ ڈیشأنی ہیٚیہ مال    زنانن اُندری زن موہ ختچی مال
زنس گو ہر ہری کرِتھی ہیوٚأنی    تہ عشقُن نار گو وشعلہٕ دِوأنی
یِمن درعمر یاور نار نیری    تمِس اُڈجن تہٕ مرِتھی نار نیری

یہ ہو ہو تَن تہٕ دِژہٕ عاشقن چھےَ    دِل وجان وس تہٕ دُژہٕ عاشقن چھےَ
بناگر ہیٚیہ مالے کرِ نہٕ ہےَ ہاے    بہٕ چشمش ناژہ تنگل نارہ گُلی آے
ونانی رُوبرو تتھ نارٕسی چھےَ    ونان دِلدارٕسی تہٕ یارٕسی چھےَ
گژھان کوتّ چھک گژھان کوتّ ہیٚیہ مالی    دَژہ وُن نار چھوی توتّ ہیٚیہ مالے
سعادت چھم سعادت اُوری نم اُورُی    میہٕ ژےٚ سیتیٚن چھہ عادت اُوری نم اُورُی
روانی چھےَ سہٕ نارس کُن یِوانی    دُچھن کھاوِر تمِس ہقف چھےَ دِوانی
دیانی چھک میہٕ ہےَ ہےَ اتھہ ترادیوم    بو داین نار خود کے اتھہ ترادیوم
چھہ اتھہ نارس گومُت گلزار ساروی    میہٕ دارس پیٹھ عیاں دِلدار ساروی
دوانی ناگ ارزن نادمیہ چھم    کرن ژٕ ہقف تہُند بیدادمیہ چھم
بہتھ چھم تختسی پیٹھ پادشاہا    سپاہ چھم اُندی اُندی کر تونگاہا
تمِس ہقف کرٕ کری برداشت وبرپاے    عزیزو یارو در دِل عاجزی آے
ژھنانی دوہٕ چھہ آخر مختصر بوز    دزانی یارٕسی سیتیٚن سہٕ دِل سوز
سپُن تس ناگرائس سیتنی سور    سہٕ سوُراہ سور ہوتس سور منصور
سپُن تس مول ماجی کرٕیون مجنون    پیٚوان ہیٚیہ مالیہ ہند چھکیس نُون
تمنّا مالِنس ارمان تھاوِن    کڈن اکھ شب نزرانوی یاد پاون
بشادی ژایہِ نارس ڈالہِ نیوان    چھو پروانہ چھہ شمعس ژھالہِ نیوان

---

## فقیرن ہنزٕ جماژ ہنٛد آور ییٚنہٕ بیٚٹھِ واتُن تہٕ اتہِ ناگ زٕہ ظاہر سپدٕنی

دوشی یامت ددی گومُت چھُ ساتھاہ — فقیرن ہنز چھہ واتان اکھ جماتھاہ

اکھن کیتھہ عامہ بر سر خاصہ کیاہ تاج — فِدا بو تاج دارن کُن بو محتاج

بر پیشانی ہِمن چھوٗی ہیبتِ حق — فقیرن عیب ہا کر زاہ میہ مطلق

مُسلمان دِینہٕ ناگہ راے سونُوی — سراسر سوٗی زِسر تا پائے سونُوی

دوشی یِم اُسی عاشق پاک دِینہٕ — چھہ ایوان وُنہٕ اُسی وُنی از مدینہ

ہیوٗنکھ زالُن دوٚپ تِمہ دود مِتوی چھی — زِ درد و سوز سارِوی لوٚد مِتوی چھی

چھہ سُو رس نور گومُت تہ رِیوُن چھُہ — ہمن تکفین و تدفیناہ کرُن چھُہ

کری زیراہ سُور ولادس فقیرو — وجود ہر دُو ظاہر سُودہ ٹُکی گوو

بظاہر مُردہ باطن اُسی زِندہ — وُچھان گژھ عاشقن ہند رتنہ زِندہ

کراماتاہ ژہ ظاہر وُچھتہ فی الحال — میہ زالیوٚ پان دوٚد مُت چھکنہ اکھ وال

مُبارک عاشقن یِم زِندہ موٗدی — بظاہر موٗدی باطن زندہ رُودی

کرُو ہا اکھ پانہٕ وأنی دورہ دورے — چھہ راتس قبرہ مُنبجس ناگہ جوٗریاہ

دِتُکُ غُسلاہ تِمن کرِ ہک جنازہ — جُدا دوٚن گور کرُ ہک تازہ تازہ

نمایان کینہہ دوٚن قبرن نمونہ — عجائب ہاے حق وُچھ گونہ گونہ

بَنیمہتی ناگ جوراہ قبرہ تی دوٚن — دوشی تِم تازہ دراوی گِمِتی سوٚن

اُکس ناگس چھہ ہیہ مالہ ہِند ناو — بیٚیس مشہور ناگی ارزن ناو

# ذِکر

سُرِتہٕ الا اللّٰہ پرِتہٕ اِلا اللّٰہ
ذکرِ الا اللّٰہ فکرِ اِلا اللّٰہ
کرِتہٕ دِل آگاہ پرِتہٕ اِلا اللّٰہ
پھیرہ وُن چھُوی شاہ پرِتہٕ اِلا اللّٰہ
یژہ یَرِ ہُوہُو گرِژھ نیرِتھ زُو
ییِہٕ نہٕ پھیرِتھ ژاہ پرِتہٕ اِلا اللّٰہ
کرِتہٕ ہُوہُو فوت انتہٕ رُوحس موت
کھنتہٕ پانس چاہ پرِتہٕ اِلا اللّٰہ
چندہ چھُنوُی آکھ مندہٕ چھی ہیٚتھ ڈراکھ
نوٚن چھُوی اللّٰہ پرِتہٕ اِلا اللّٰہ
غافِلو ہا نیٚندرِہ وُجیو لمٕئے
اِیژھ نیٚندر کیاہ پرِتہٕ اِلا اللّٰہ
اوٚن کوٚرہٕ لوگتھ جانسی زوگتھ
ماگژھک اعمیٰ پرِتہٕ اِلا اللّٰہ

•

# مرثی[1]

ڈوری رٕزٕ چانی مرٕ سوٗر کوٚڈتھم دِلبرو    نوٗرِ چشمہ گاشرو سوٗر کوٚڈتھم دِلبرو

کوٚت سنا دِلدار گوم آدنکوٗی یار گوم    زدلنس لولہٕ زرٕہ سوٗر کوٚڈتھم دِلبرو

پھیر مریت موتن سوار گوم کرٕ پھتہ پوٗرٕہ    سوٗر میٚہ ینہٕ بوزناہ سرٕہ سوٗر کوٚڈتھم دِلبرو

ساماں مالی باج گٔے    آدنکی باج گٔے

زاٴجِم تن ڈوری پٕرٕہ    سوٗر کوٚڈتھم دِلبرو

درُشناہ دِتہٕ مٕہ و ماہ    ژٕ ڈلہم اٴسم بر ماہ

یُومت عمر کوتاہ ذرٕہ    سوٗر کوٚڈتھم دِلبرو

پیتر پیتر لاڑٕہ یو    مرٕ ژٕرے روٗستوٗی مرٕہ

ڈلیشھو ماڑٕہ متے    محشرس تامت گٔتے

گلہٕ ما چانے شرٕہ    سوٗر کوٚڈتھم دِلبرو

دِپہ پلہٕ ناداہ کھوداکتیو سمکھو    قبرِ اکھا کھ دِتھ بِرٕہ سوٗر کوٚڈتھم دِلبرو

موٗدی متی کتہٕ آے کونہٕ چھم یادِ خدائے    کونہٕ چھم موتنہٕ کھرٕہ سوٗر کوٚڈتھم دِلبرو

نیرہٕ کھی زاہ نو یِژوٗی زیرِ لحد سنگوٗی    سیر کن زیرہ ہرٕہ سوٗر کوٚڈتھم دِلبرو

جولہٕ گوموہ لولنوٗی لوئے تھمو لولنوٗی    سینہ ہی منز خنجرٕہ سوٗر کوٚڈتھم دِلبرو

ہے فنا فنائی بو ترٕاد سناسنائی    گیمہ یم کیاہ بوکرٕہ سوٗر کوٚڈتھم دِلبرو

---

[1] یہ مرثیہ چھ ولی اللہ ہن پننس زِٹھس بھائی ہندس مرنس پیٹھ لیچھمژ مثنوی ہی مالہِ منز چھ درج

گوم کوٹ میٔ کامہ دِل ہینُھ ژوُلم آرامِ دل    گلہ تسنزی کیاہ کرہ سُور کوڑ ہتم دِلبرو

روُشھی ژوُہم دوہ لوہوش نیوُتھم ہاژلو    پوش زن گوسے برہ سُور کوڑ ہتم دِلبرو

یتِمو سمنبرہ پوسہ کھائسی برہ یو    کرہ یو گوُرہ گوُرہ سُور کوڑ ہتم دِلبرو

قبرہ اندر کُن زن چندہ چھنس مندہ چھن    مار و نار واُژ درہ سُور کوڑ ہتم دِلبرو

کاٹھہ نہ وفادار میٔ تتہِ خدُا یار میٔ    کوہ سنا سُوی سرہ سُور کوڑ ہتم دِلبرو

زاگہ وُلوُی موتہ ژوُرا استخوان کوڑ نہ سُور    ڈولہ ناوان سندہ سُور کوڑ ہتم دِلبرو

موت کران لوُرہ پار موت لبران مرگُذار    لدُ متی لوُران گھرہ سُور کوڑ ہتم دِلبرو

موت سوران ترانہ گی موت ویران خانہ گی    کوہ چھُی عاراہ ذرہ سُور کوڑ ہتم دِلبرو

ضایہ چانی چنگہ تہ رنگہ کوٹھن بنگہ گے    کرِ یتھ شنگن پنجرہ سُور کوڑ ہتم دِلبرو

گیمہ دردِل نیرہ ہتی ین کوتوُ پوٹ فریتی    قبرہ ون ہودن لرہ سُور کوڑ ہتم دِلبرو

بس خدُا یادِ خدُا و حق داد خدُا    ول چھُہ ژھانڈان شُرز سُور کوڑ ہتم دِلبرو

---

# ترجمہ چہل اسرار

قبلۂ دِل آفتاب روی اوست
کعبۂ جان خاک راہِ کوی اوست

قبلۂ دِل مہر روتس یارٕ سُند　　کعبۂ جان خاکِ کوتس یارٕ سُند
یانی ہوٗن زُلفِ پیچانگ خماہ　　آوٕ روٗن از محبّت عالماہ
حسنِ روہاٗن تہٕ دینٕ تراو نوٗر　　موتے بلیتہ تراٗون تہٕ کفرن کوٗر ظہوٗر
چِلّہ یانی چاٗرن کمانی پیٗر شکن　　تیٖر بارانِ بلا فوٗر عاشقن
یُس گرفتاراہ بہٕ عالم کوٗر متوی　　زُلفہٕ گنڈ تس یارٕ سُند چھوی فوٗر متوی
گُل روٕخن ہندی گُل ووٕنلِ از رُوی او　　سارنی ہنز زندگی از جوی او
دادِ تمی ہندِ وزان کم دَہرہ چھی　　بے دِلن دَہرہ یُتمہٕ پہرہ چھی
عشقہٕ نارن یارٕ ہندی تُل دود کیاہ　　نرگسین چشمن تسنزن جود کیاہ
غم تسُندوی چھوی دَوا داگی لدٕن　　دوٕکھ تسُندوی سوٕکھ دِیی ماتم زدن
یُدکری دوٕن عالمن زیر و زبر　　عاشقن آسی نہٕ جُزوی کانہہ خبر
اے علی فیرون برہ برہ ناروا　　عاشقن ہندیٚن چھوٕکن سُوی چھوی دوا

---

ہر آن جان کز غمش بر وی رقم نیست
ندیمش در دو عالم جز ندم نیست

یمِس تس جانِ جانس غم فورُوی نہ    تمِس دۅن عالمن منز کینہہ توروی نہ
ندامت تہ پشیمانی سہ ہیتھ گوو    سیٹھن اوّن تا وناہ تس یاونس پیوو
دَوُوی یس نہ بدردِ او دِل و جان    لَسُن تہ آسنُوی تمُ سُند چھُنہ جان
جہانس جلوہ دِتھ چھُوی سون ہمدم    وچھس نے کو رہادر زادکیاہ غم
ژہ محرم نہ تو سے کوٚر کہ ژہ محرم    پرِس ناووت گرِس اندر چھ معلوم
بہ آسُن چون پانس کُنیتھ ژہ ٹھور چھُوی    گژھ سیٹھن سُمِتھ کر نورہ موٚر چھُوی
ژہ در دریائے وحدت نی دِتُت پان    کمک آسی دِنی کتہِ دُرِ عرفان
سرِیُس از سرِّ معنیٰ باخبر چھُوی    سہ سر از شادی و غم بے خبر چھُوی
فنا گژھ بحرِ وحدت یُس فنا گوو    سہ روشن پاٹھی زانی کیاہ سنا گوو
سیٹھن پازاہ مہ وُچھ کُن مہ برائے    پکھے جمشید نی پیٹھ چھے بہن جائے
ہمت ہا رکھ لبکنہ مطلباہ زاہ    ہمت کر چھک بہ ہمت رازہ ہو نزاہ
شہِ ہمدان بہ ہمت چھُوی علی شاہ    ہمت نے چھس لبی نہ مطلباہ زاہ

---

از کنار خویش می یابم دما دم بوی یار
در میان خونِ دل و جان من همی گیرد قرار

منہٕ نِشہٕ ساتہٕ بوی می تمُنز یِوان !
چھُ سہ منز س خونکس بوٚڈ ژھانڈنوی چیم دِل میوان
چھُنہٕ سہ منزاہ بٹھس حیران سی لوگ مرتہٕ مر
ڈاڈ آسانی وچھس اندر نہٕ سوی زادِیل کمر
بوٚڈ نہٕ سہ منز س تسندس تے سہ منز س دِت میہٕ دوٚن
نارہٕ ہِندہٕ عشقہٕ اندر دودُس بوٚڈ چھُنہٕ نوٚن
دِلبرن زادِیل کمر نوکانِسہ چھُوی اِیوان اتھ
تس اتھہٕ اِیوان چھِ یُس یُس پانسی نِشہٕ وتھ
عالمن دوٚن لوب چھِ سارے کانہہٕ اندر تھ دِوان
تم تہٕ نادان اندرِمہٕ دولُت نِشہٕ یم لوب ہیوان
لب رٹن رژ چھی علی شاہس اژن اندر یژھ
ڈیشہٕ جانان اندرِ می یُد پانہٕ نِشس وُتھی گژھ

میانِ آبِ حیاتی و آبِ مے جوئی
فراز گنجی و از فاقہ در تنگ و پوئی

منزی ژہ آبِ حیاتس ژہ ترِیشہ کرانْ    خزانہ تل ژہ کنی چھوی دِوان ژہ فاقہ مرانْ
ژہ کوچھی چھُ دِنوی وو ژُ گیتہ چھہ میہ دِلبر    سہ کو چھہ اصلہ کنی ژی کران ژہ اتھہ نہ نظر
ژہ زُلفہ مُشکہ تسندِ چ گژھان چھہ بواندی    ژہ نزلہ بادہ گمژ چھے دماغس بندی
یِوان اوسے ژہ لبینہ حبیبہ سِنز بُویاہ    ژہ زُلفہ اندرہ تِسندی اکھانہ چھک مویاہ
ژہ آینہ اندرہ بُتھوی چون معاینہ ہاوانْ    دِیان ژہ اصلہ فرع چھی ژیہ بے خبر اوانْ
دہانہ چانہ بجبروت چھہ مُشکنی کم دار    ژیہ مُشکہ آڈ دنی چھی ژہ ژھانڈُن مردار
شبہ دنوی چھُ زِ ملکوت ژیہ روبہ خان پُرنور    طبیعتک تہ ہواکِ لگان ژیہ جاے ضرور
ژیہ وصلہ پوشہ بھری ہُند لژھی گٹ نوشاہ    ژیہ بوپی نہ کھیمُت چھوے گجے ہُندوی بوشاہ
بنی ژیہ مجلسِ خاص تِسندی اژنوی    وتھی دنی تہ ژتیس تھاو ہدایتک دژنوی

---

در محیطے فکندہ ام زورق
کہ دو عالم در وست مستغرق

چھم محیطس منٛز اِیرٕ ژھنمٕژ ناو	نیب تتھ منز نہ عالمن دوٚن آو
وَنہ اِلوان نہ اُمو جیر تن مار	ناوِ لشہ آب آبہ نِشہ شکار
ناوِ گوو آب یُپ ہتوی روزُن	معنہِ مُشکِل چھُ تگتنی بوزُن
آب دریا دُہ آبہٕ سی کرِہ کیاہ	مردنی مُود مُود متوی مرِہ کیاہ
دُچھ تفاوت منٛز جسمی مُجیاد	ٹھہرِ وُن چھُوی ہمیشہ تھاوِتھ یاد
اصلسی کیتھ تغیر تَے تبدیل	تتھ بجایہِ چھ رنگہ برنگہٕ دلیل
کُفرو وَسواس وکارِ شیطانی	بدعت و سُنت و مسلمانی
ٹھوٚریہ گوو ٹھوٚریہ زانہٕ نو نادان	آگہن نِشہ چھُ سارنی یکسان
یمُ خدا ژھونٛڈ منٛز ہمی ینہ ترآو	کنُ سہ واتی نہ احمقس وَتھ راو
یمُ اسی دوٚپ تہٕ بوی تہٕ بوی تہ ونوی	تس خدا چھُوی نہٕ گوو جُدا تہٕ اوٚنوی
ماو مَن وَن منٛز اے شہِ ہمدان	گوکھ پندارہ با خدا چھے زان
لاف پندار احمقن چھُوی کار	تراو پندار ڈیشہ ہس دیدار

گر آتشِ فراقش با صبر یار بُودے
اندوہ اشتیاقش در دیدہ خار بُودے

صبرس تہٕ عشقہ نارس اکھ دانہ لوٹان چھے　تیزی چھہ شوقہ خارس گلزار سی ژمان چھے
یدوے سہ عاشقن نِش اکھ ساعتاہ کھٹی پان　لُوکو ژٹی سہ جامن ہوکو پھٹی دِل جان
یدوے سہ اکھ پرواہ ہش از حسنِ خویش تراوے　ساسن فدائن جان آسنس اندر سہ ہاوے
دروازہ مے کرک پاٹ دِل بر درش نژی کیاہ　اندر اژکوی نا دیُد تس کمن اژی زاہ
مشکس تہٕ تمِ ندرس مشتاقنی چھہ کاہنہ ژانتھ　دریاے عشقی ونت بالکل لبس نہ تہٕ آنتھ
یُد ساسہ وانسو کافراز عشق او ہی بوے　گوو سالکن سُہ اندر کامِل تہٕ مرد خوش خوی
شو بیم زروی شادی بیٹھ عالمس نژمے　یُد بوزہ بو بنیم ما دربارسی اژن مے
از آسمان تہٕ گرزِ ہتی کھوٚد آسہ ہم چکہ چاے　عشقہ شہید نی ہیتی یُد آسہ ہی مے تہٕ ناو

ہتھ جان تہٕ شاہِ ہمدان وندس چھہ جان میٚہ چانے
اللہ ڈالِ ذوالجلالس وچھ وچھ چھہ منڈ پھلنے

عارفانِ سِرّ خدا از کہ و صحرا شنوند
رمز پُر شور و شتاب از کفِ دریا شنوند

عارفو صاحب حالو کو یہ آلو بوزوی    آبہ شور و نشہ مطلب وَنہٕ بالو بوزوی
سِرّ یٰسین چھک معلوم ڈیکہ لانن تی کوس    معنی سورہٕ طٰہٰ ظاہر آید رت اوس
نارہ دُد متی نعرہ یامت پتمہ پہرہ تراون    زالہٕ ناون فلکن تہ نالہٕ ملکن داون
یوسف جان بملامت تھایہٕ ہیتھ یلہ روزن    شاہدی پاکیہ ہنز تمہ زِ زلیخا بوزن
مصرِ دلِ یانی دوکھ کوڑ ہے نشہ فرعونس دور    صدق موسیٰ ڈیوٹھ ہے تہ یدِ بیضاوک نور
لوٚبکھ انعامِ الٰہی تہ بشارت ہیتھ آے    عالمس کرکھ خوشی تہ بخوشی تمہ بیہ درائے
قدسیو وایو نقارہٕ اسہٕ فرمانی پول    نفس و دلِ کٕی لِوانی بوزنی کلہ بون وول
عشقہ نارن تہ زراہ اکھ نارہ اندر لوب ہے،    کر تہ گوشن خرگوشن نشہ اکہ زنگن پے

شہ ہمدان یتہ کوٹھ چھینہ وتھی سہ گژھان
کن دِہ ذکرہ فکرہ سان وُچھ نیلہ پل تِے چھہ وزان

از نفحاتِ قدم حضرت اسما کشود

وز نسماتِ کرم صورت اشیا نموٗد

اوس کھٹِتھ کُن تہٕ زوٗن پردٕ تھٕتھ دراو نوٗن باطناہ ظاہر سپُن رُخ تہٕ موکھ وُچھ بُن تہٕ بُن

پھوک دِتُن باغس فوٗلوی گُل پھُل وُچھ بُلبُلی تَم بُتھین بُرقعہ تُلوی اوس پتھان بالکُلی

مُہرِ محبّتِ دِل اہلِ وفا تھاوُنی رد کرِن گبر و جہود کافرن پُشرِ یاوُنی

براندہ چھ مُژ چھی اَتی سارٕی شہ سارٕی گدا چھم کتے چھم ہرو تے آئینہٕ ذاتِ خدا

موکھ ہِوان نوح و خلیل ہاوُنی یامت جمال گالنی عاد و ثمود ترٕتھ پیوان ہا مان جلال

یار گار آنی پیمبر عشقہ نارن چھی وُہن مور و مارن آدمن جانوارن ترٕ سہن

کاتبِ حکمت کڈان پیٹھ سیچہ کم خط و خال صفحی کراوان صفا غیرت کوٗی کوتوال

قطرہ بدریا پیوٗمُت پھٹمتوٗی گلِتھی گومُت یُتھ عجب بحرِ محیط چھوی نوٗبھ دَم پیٹھ چومُت

پیٹھ گژھن ادبار سوٗن سون ٹھُر پندار سوٗن دوریم لوٗت ٹھُر گوٗروی رُت تمس تم پانہ زوٗن

شاہِ ہمدانن نظر کرٕ یلہٕ دُوٕن عالمن

سجدٕ دِتھ ہر کانہہ ذرا تس کُنوی ڈیٹھن نمن

رندانِ جانفشان کہ قدم بر فنا زنند

بر خوانِ درد ہجر صلائے غنا زنند

جانباز رِندنی چھہ مرُن زِندہ پانہ جان　　دادِین دوکھن ہُندُو چھہ تِمن نعمتکُو یہ خوان

اشہ وانہ سیتی سران کرن تِمے گرٹھان خجِل　　سِر ظاہری سپن تہ وَدن تِم بطورِ دِل

یادِی چھہ تِم منگان تہ بزاری کران وِلہ　　رچھہ یار باز دیو طبیعت چھہ زلزلہ

تِم لوحِ دِل چھلِتھ گوڈی ماسِوائے کھیہ　　فاصفح لنا وِنان تِمس ٹرا اٹھل چھیہ

مستانہٕ خدا چھہ دماہ یانی سہ جام چیوک　　اتمم لنا وِنان چھہ سیٹھاہ ذوق شوق گوکھ

از مدینِ وفا چھہ لبشہر صفا ژلان　　تِل خیرہ فُل منگان یِلہ نیلہ پِل تولان

یامت بملک عشق و محبت پکُن ہنے　　مُردارہ سی کثیف ژھوٹس لتھ گوڈی دِنی

یانِ چیوک وارہ کارہ بدارُ القرار مے　　دارُالفنا سی بیٹھ تہ وار مار ہیے

یامت علی شہن تہ ہزر تہ کر ژھتوک

بر سدرہ قناعت و دولت قدم دِتُک

# کتاب نامہ


۱۔ "راج ترنگنی" (انگریزی) مرتبہ سٹائن، حصہ اول و دوم

۲۔ "راج ترنگنی" (اردو) مرتبہ اچھر چند

۳۔ "تاریخ حسن" از پیر حسن شاہ کھویہامی حصہ اول دوم و سوم

۴۔ "اے ہسٹری آف کشمیر" از پی، این، کے بامزئی

۵۔ "کشیر" از ڈاکٹر محی الدین صوفی حصہ اول و دوم

۶۔ "تاریخ کشمیر" از محمد دین فوق حصہ اول

۷۔ "ویلی آف کشمیر" سر والٹر لارنس

۸۔ انسائیکلوپیڈیا برٹانیکا جلد ۲۴

۹۔ "فوک ٹیلز آف کشمیر" ناولز

۱۰۔ "سی آف ٹیلز" مرتبہ پنزیر حصہ اول تا دہم

۱۱۔ "رضانامہ" (مخطوطہ) از بُلبُل دیری

۱۲۔ ماہنامہ "تعمیر" دسمبر ۱۹۵۶ء

۱۳۔ "کشمیری زبان اور شاعری" از عبدالاحد آزاد

۱۴۔ "کاشُر شاعری" مرتبہ محی الدین حاجنی

۱۵۔ "سحرِ ہلال" مُصنفہ سیف الدین تارہ بلی

۱۶۔ "کشیر" جیمز فرگوسن


●